


# شُتی سر

(3)

## "اَز یُک کأشُر اَدب" سیٚمنار نمبر

ایڈیٹر

رتن تلاشی ۔ رتن لال جوہر

کشمیری بھاشا وسنسکرتی پرتشٹھان (سمپرتی) جموں

| | |
|---|---|
| کتابہٕ ہٕنٛد ناو | ٲسنی سر |
| شُمار | ۳ |
| چھپنٕ وری | ۱۹۹۸ء |
| مُرتب | جوہر تلاشی |
| ناشر | سمپرتی (رجسٹرڈ) |
| خوشنویس | موتی لال مصروف |
| موٗل | زٕہتھ تہٕ پنٛژٕہہ ۲۲۵ روپیہ |




خط و کتابت کرنُک پتہٕ :- ۴-۹- سُبھاش نگر جموں - ۱۸۰۰۰۵

# ترتیب


| | | |
|---|---|---|
| سیمپرتی، سنتی سرٕ تہٕ سیمنار | صدر سیمپرتی | 5 |
| پرٛاوِش | اِدارٕ | 8 |
| لل دید - اکھ نوٚ نظر | ارجن دیو مجبور | 11 |
| افسانس منز باوتھ تہٕ ورگہ باوتھ | ڈاکٹر رتن لال شانت | 30 |
| ییٚمہٕ دہلِچ کٲشر نظم | ڈاکٹر امر مالموہی | 46 |
| کٲشرس ادبس منز ناستالجیا | موہن لال آش | 74 |
| ہم سکال شاعری - اکھ سام | ڈاکٹر رتن تلاشی | 88 |
| ہم سکال کٲشر افسانہٕ - کیٚنہہ خصوصیژ | پریمی رومانی | 102 |
| ہم سکال نثری ادبس منز طنزیہٕ لہجہ | رتن لال جوہر | 110 |
| کٔشیرِ نیبرٕ سٹیج ڈرامہٕ ہک نوٚو زنم | مکھن لال صراف | 122 |
| نمتہٕ پیٹھٕ کیٚنہہ سٹیج ڈراما | گوری شنکر رینہ | 131 |
| کٔشیرِ نیبرِم رِسالہٕ تہٕ کٲشر ادب | پرتھوی ناتھ بٹ | 138 |

# سمپرتی، ستی سرٕ تہٕ سیمِنار

جوٚمس منٛز کاشرِ زبانٕ ہُنرِ کامہِ کاتھ اہمِیتھ چھہِ امیک اندازٕ ہیکہٕ یٖتھہٕ کنہٕ ستی سپدِتھ زِ سانہٕ تنظیمہِ (سمپرتی) ہنٛدِ طرفہٕ ییٚلہِ پرُس (۱۱ جنوری ۱۹۹۷) گوڈنیک سالانہٕ دوہ مناونہٕ آو جوٚمیک مشہوٗر ابھنو ہال روٗد صُبحچہِ کہہِ بجہِ پیٚٹھہٕ شامہِ چۄن نوٚن بجن تام لکوٚ سٟتۍ برتھ۔ یِم لۄکھ اٟسۍ نہٕ کُنہِ سیاسی مُدعاکِنۍ سمیمتۍ بلکہِ یِم اٟسۍ کاشُر ادب پرن ژرژرن واٟلۍ، لیکھن واٟلۍ تہٕ کاشُر خمیرکُنہِ تہٕ قیمتَس پیٚٹھ رٕژھن واٟلۍ لۄکھ۔ اکی دوہہٕ سپُد سیمِنار، ستن نوٚین کتابن ہنٛد اجرا یُتی مین ذہن وٗرہِ ین اندر ییکھہٕ تہٕ شایع کرنہٕ آمژن کِتابن ہُنر نُمائش، موسیقی ہُنر محفِل تہٕ ژوٚن زبانن (کاشُر، ڈوگری، ہِنٛدی تہٕ اُردوٗ) ہُنٛد مُشاعرٕ تہٕ یِم صُمن ثاقبے تہٕ فکرِ آہتۍ اٟسۍ تِم رُوٗدۍ برابر جوشہِ سان یٖتھ پروگرامس منٛز جیہ نوان۔ اٟسۍ روٗدۍ انکساری ندامتہٕ تہٕ تشکرِ سان وۄچھان زِ یُتھ ہیوٚ خالِص ادبی اجلاس ووت کامیابی سان انٛد۔ چھُنا کُنہ تاف وٗدتمت زِ دِنہٕ والہٕ نے ہُنر چھے کٲمی نتہٕ چھُ رٹن وول یٖتھ طرفہٕ تہٕ یٖتھ شایہِ شاباش کرنس موجوٗد۔ یینہٕ پیٚٹھہٕ یِمن بدقسمتھ کاشرِ ین جوٚمس منٛز کڑوٗ ٹھ وق گُزارُن پیوٚ تنہٕ بڈییہٕ یِمن تمہِ زبانٕ تہٕ کلچرٕ چ کل یٖتھ واوی منٛز روزٕتھ (شاید) تیٚشر پوٚشنے چھے نہٕ سپدان پیٚشر دوہ میُد چھے۔ مگر یٖتہٕ چھہ یِم امہِ عالم کرِتھان روزان۔

ستی سر کِتٲبی سِلسِلہٕ چھاپُن چھُ سمپرٕتی ہُند اکھ بوڑ مقصد یُتھ زبانہِ تہٕ ادبَس یِہ کُل
سوتُرٕ پٮ۪ٹھ گژِھہ نہٕ سیاسی دکہٕ ٹِکہِ تِن بییہٕ ہیتہٕ زِ وادی منز لیکھنہٕ یِنہٕ والیٚن ادیبن پوٚریر تہٕ
سپدِ یُتھ نہٕ یِگاہ کُنہِ ورِ کاشُر نقاد یِہ وَنِہ زِ۔ ۱۹۹۰ ہٕکِہ حالاتو پتہٕ روٗد کٲشرِس ادبَس اندر
کھوٚیا ژھُہرِ پریُس تِم اَدیب پوٚرِتھ ہیکہٕ ہٲن یِم نیٖبر آسی۔ ستی سَر کَرِ لگاتار کوٗشِش زِ
بییمہِ اَند گژھہ نہٕ کاشُر پرٕگی روزِ۔ نمبر اَنہٕ نمبر ۲ یِہ سِلسِلہٕ چھاپ کٔرِتھ سپُد اَسہِ سٹھاہ خوشگوٗن
تجربہٕ۔ ہتہٕ بدِ پرن والیو سوٗز اَسہِ کشیرِ ہُند یو گوبُجہٕ کوٗژھُو بیٚٹھ پنُنِ نیک خٲہِش تہٕ حوصلہٕ افزٲیی
ہُند نتیجہٕ زِ ژھیٚنی تہٕ مُشکلٲتن آسنہٕ باوجوٗد کوٚر اَسہِ یِہ سِلسِلہٕ جٲری تھوٚنُک کٔرِتھ۔

سانہِ کوٗشِش چھےٚ زِ ستی سر گوٚژھ نہٕ محض اکھ عام ژٹھِن کِتٲبی سِلسِلہٕ بنُن۔ بلکہِ
گوٚژھ امیک پرٕتھ کاشُر شُمار کُنہِ نہٕ کُنہِ ادبی نُقطہ نظرٕ کِنی اہم آسُن۔ گوڈنِکۍ زٕ شُمار
آسی پتی مین وریَن ناگری خطس منز چھپےمتیو ادب پارٕو منز ژٲر کٔرِتھ تِمن پرن والین
پیش کش تھوٚوِ یِم نہٕ سہ پٔرِتھ چھُ ہیکان۔ ناگری یِس منز چھُ پرٕتھ رِتہٕ کم از کم دوٚن
رِتہٕ وار رِسالن منز کیٚنہہ اہم ادب چھپان۔ بییہٕ چھُ امہِ علاوٕ واریاہ کتابہٕ تہٕ چھپیمٕژ۔
یِہ ترٕیِم شُمار چھُ پتیمین دٔہن وریَن دوران لیکھنہٕ آمتہِ ادبچہٕ کیٚنہہ اہم نمونہٕ وٕژھناوان۔

سانہِ کوٗشِش چھےٚ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اَدب نواز گژھن کاشرِس سرِنس سو ژ نِس
کُن مایِل گژھنہٕ اَدے کوٚر اَسہِ گوڈٕ اکھ سیمنار ییمُک موضوع "اَزُک کاشُر ادب" اوس۔
سیمنار سپُد ۳۰ اگست ۱۹۹۸ء تہٕ جیٚنیمس منز سپدن والین یِتھین اہتمامن ہُندِ
کُنہِ تہٕ معیارٕ مطابق سپُد سٹھا بہتر ماحولس منز۔ بلکہِ نقادن ہُند وَنُن اوس زِ
موضوعس تہٕ مقدارٕکہِ برژر کِنی اوس گوب پہان تکیازِ اَکی یے بیٚٹھکِ منز اَٹھ پٕر تحقیق

تہٕ پُرٕ تنقید بیرچہٕ پیرنہٕ ییٚنہٕ ستۍ چھُ یوزنا تہٕ ژرٕ ژن وائلس ژٕ تہٕ ژن ہنا مُشکل گژھان۔ مگر سأنۍ سامعین آسی خوش تہٕ مشکوٗر۔ ۳۰ اگست گنگہٕ اُٹھم شاردا اُٹھم ادس زاتہٕ دۄنٕہ مطأبق لل دیدٕ ہُنٛد زاہ دۄہ۔ اسہٕ کوٚر یُہُنٛ یہٕ سیٚمنار کأشرِ زیوِ ہُنٛز تس بختہٕ بجہٕ ماجہٕ کُن منسوب۔ گوڈنکِس پرچس منٛز آس آس لل دیدِ اکہٕ نوِ زاوِیہٕ کِنۍ سلام ہیتہٕ آمژ۔ بییہٕ آیہٕ للٕ واکھ تہٕ پیش کرنہٕ یِم سأنۍ اکۍ ودہٕ تھوٚنۍ گلوکارن گیٚوۍ۔ منٛز منٛز تہٕ آد واکھ یوز نأدِتھ یوزن والین ہُنٛد من رٔنٛز ناونہٕ۔ سیٚمنار چ صدارت کٔر ڈاکٹر امرناتھ دد تہٕ ڈاکٹر بھوشن لال کول صأبن۔ بہر حال چھِ اکھ کتھ یتھ سیٚمنارس منفرد شکل دِوان یمہٕ ساونس منٛز اسہٕ فخر چھُ۔ اسہٕ آسی ترن ہالن ہُنٛز اکھ کمیٹی تأیم کٔرمژ یمہٕ تحقیقی پیرچہٕ گوڈے تہٕ پرکھأوۍ۔ مُصنفن آیہٕ مظموٗن اظہار تہٕ زبان بہتر بناونس متلق مشورٕ دِنہٕ مگر ییٚتھے نہٕ۔ ییٚنہٕ تھوٚسٹھا محدوٗد دمیلوٗ باوجوٗد کٔر سمپرتی ییٚتہٕ بیاکھ مثال تأیم۔ مقالہٕ نگارن آد مقالہٕ لیکھنہٕ خأطرٕ کم کاسہٕ میحنتانہٕ دِنہٕ۔ تنظیمہٕ ہنٛدین شرکتھ کرن والین میمبرن آد بطورِ مُبصر تہٕ کینہہ دِنہٕ۔ یہٕ سورُے گژھ ییٚمہٕ کتھ ہنٛدس پس منظرس منٛز وُچھنہٕ یِن زِ وٕنِس تام چھِ صرف ریاستی کلچرل اکادمی اسہٕ ستۍ سر چھاپ کرنہٕ خأطرٕ فقط رۄپیہٕ ترٛے ساس دِتۍ متۍ۔ یہٕ وُنہٕ نک چھُنہٕ حاجتھ تہٕ یہٕ رقم چھُنہٕ تمہٕ خرچک پأنژِم حصہ تہٕ۔ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھا اسی اکیڈمی ہنٛدین ارباب اقتدارن ہنٛدۍ مشکوٗر زِ جوٚم شہرس منٛز کأشرِ رسالہٕ تہٕ تنظیم زِنٛدٕ تھوٚنگ ضروٗرتھ کوٚر تِمو محسوس۔

اسی چھِ ییٚنہٕ ہیٚن تمام پرن والین گُذارش کران زِ ستۍ سرٕ ۳ پرتھ لیکھن اسہٕ پنُن ردِ عمل یتھ اسی برونٹھ کُن زیادٕ بہتر پأٹھۍ یہٕ کام انجام انہٕ ہیکوٚ۔

رتن لال شانت
صدر
کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتشٹھان
(سمپرتی)

۱ نومبر ۱۹۹۸ء
۹۰۴ سُبھاش نگر جوٚم - ۱۸۰۰۰۵

# پٲراوِش

سۄنتہٕ سرٕ کین گوڑنِکین دۄن شمارن منز اوس اَسہِ قارین ہنٛز وعدٕ کوٚرمُت زِ یِمو دۄیو شمارو پتہٕ یِیہِ "سۄنتہٕ سر" فقط اَکِس اَکِس موضوعس پیٹھ شایع کرنہٕ تہٕ موضوعک انتخاب کرِتھ یِیہِ نقادن نٕہ اَدٕ یمن تِتھ موضوعس پیٹھ مقالہٕ سوزنہٕ باپتھ باضابطہ دعوتھ دِنہٕ۔ "سۄنتہٕ سرُک" یہِ ترٛیٚیُم شمارٕ چھُ تمی وعدٕ پورٕ کرنٕچ کوشش۔

یہِ شمارٕ چھُ دراصل تمن مقالن پیٹھ مُشتمِل یِم سمپرتی ہنٛدِ طرفہٕ للہ دید دۄہ کِس سِلسِلس منز مُنعقد کرنہٕ آمتِس سیمنارس منز پرنہٕ آیہِ۔ یہِ سیمنار آو ۳۰ اگست ۱۹۹۸ء جیٚمہِ منعقد کرنہٕ تہٕ امیُک موضوع اوس ہم کال ادب۔ یہِ سیمنار منعقد کرنس تہٕ اتھ منز پرنہٕ آمتین مقالن شایع کرنس چھُ زٕ مقصد۔ اول یہِ زِ موجودٕ دورکِ ادبُک مزاج تہٕ انداز معلوم کرنہٕ باپتھ اَکِس ادبی بحثس دِنس بُلنُچ تہٕ دوٚیِم کٲشُر زبٲنۍ ہِنٛدِس ادبی تنقیدس پننہِ طرفہٕ تُرٛنُد کرُن۔ تخلیقی ادبہٕ باپتھ چھُ تنقید لابُدی۔ بقولِ ٹی۔ ایس۔ ایلیٹ چھُ ادبہٕ باپتھ تنقید تیُتھے ضروری یُتھ شہہ ہیوٚن چھُ۔ امہِ پٲٹھۍ بہِ کتھ چھےٚ کانٛہہ نش گٔژھتھ زِ تخلیقی ادبچ ذٕر ریوایتھ آسنہٕ باوجود تہٕ چھےٚ نہٕ ونہٕ سانہٕ زبٲنۍ منز تنقیدچ ریوایتھ تیٖژ مستحکم بیٚیہِ آسنہٕ گژھہ۔ امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ سانہٕ زبٲنۍ منز کیا چھےٚ ادبی نقادن ہٕنٛز

دِیٛرھ ۔ نہ ۔ وٕزرھے اگر چھےٚ تہٕ سہو چھےٚ ادبی سمن بل کٔرن موقعن ہنٛز فراہمی تہٕ ادبی رِسالن ہنٛزِ ڈسی یابی ہنٛز ۔ اِشاعتی وٕسیلن منٛز باقاعدگی سان ہیرن ودل گٔنے شیٖرازٕ تہٕ خانہٕ مول سون ادب کیٛتس ڈِیاپہِ ۔

ہٮ۪تی میموکیشنز ڈرئیو پہٹھ یمو حالاتو منٛز سون ادب اَدیب تہٕ دانشور گُزران چھُ تمہِ ستیٚ یکہٕ وٹہٕ سمتھ ادبی مامَلن دل دیُن سپُد وارِ مُشکل ۔ خاص کر بالہٕ یپارٕ بیٚیتہٕ کأشُر اَدیب لارٕ تہٕ دار تھکرنہٕ آمُت چھُ ۔ چنانچہ چھےٚ "سمپرتی" ہٮ۪تی میموکیشنز ڈرئیو پہٹھ مُختلِف سرگرمیو ہنٛدِ ذٔریعہِ جیلہٕ جیانگرِ گامتیٚن کأشرین اَدیبن تہٕ دانشورن سمن بل فراہم کرنہٕ باپتھ سرگرم ۔ یہ سیٖمنار تہٕ اوس ییٚرھنے سرگرمیو ہنٛز اَکھ کڑی ۔ ییتھ منٛز موجوٗدٕ دورکس ادبس تہٕ خاص کر ہٮ۪تی مہٕ ڈہلہٕ کس ادبس تہٕ امہٕ کٮ۪ن مُختلِف گوشن ہنٛز تنقیدی مولانکون کرنہٕ آیہ ۔ ہٮ۪تی مس ڈہلس دوران سپُد کأشرِ زبأنی منٛز سیٹھا کینہہ تخلیق ۔ صاف چھُ ظاہر زِ یمن ڈرین ہُند ادب چھُ تمن سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ستیٚ واٹھ تھاوان ۔ امہ منٛز چھُ یمن حالاتن ہُند گمبھیرتس امہِ کس مزازس تہٕ اظہارٕکِ ترایہِ منٛز تہٕ کٔمن گرٕھان چھُ ۔ یہِ موٗلہٕ ناونہٕ تہٕ وٕزھناونہٕ باپتھ بوو اسہِ ہم کال ادب سیٖمنارُک موضوٗع بحث تہٕ یہِ بحث زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ تأثرین تام واتناونہٕ خأطرٕ چھو ستی سٔرک یہِ تریٚیُم شمارٕ ییمنے مقالن آیہ تن ۔

اسہِ چھُ امہِ کتھ ہُند اعتراف زِ ہم کال نقادٕ ہُندِ ڈسہٕ ہم کال ادب موٗلہٕ ناوُن چھُنہٕ آسان ۔ ووٚنی گو کانہہ تہٕ ادبی مولانکون چھےٚ نہٕ کانہہ تہٕ حتمی فأصلہٕ تہٕ نہ چھُ یہٕ ادبس مُتلِق ووٚتھلن والین سوالن ہُند جواب" بلکہِ چھُ امیُک مقصد سوالن منٛز مزید ہُربرٕ کرُن تہٕ ہرگاہ ستی سٔرک یہِ تریٚیُم شمارٕ ہم کال ادبس مُتلِق سوالن ہنٛز جوابہٕ بدلہٕ

مزید سوال تُلیتھ نقادن مزیدِ سوچنہٕ سرنہٕ خاطرٕ دِتش دِیہِ تیٚلہِ چھہِ اَسی پننِس مقصدس منٛز کامیاب۔

اسہِ اوس امہِ سیٚمنارٕ بابتھ اَپارِ یپارِ مُختلِف عالمن مقالہٕ لیکھنہٕ بابتھ گُذارِش کٔرمٕژ۔ کیٛنژو دنھوو سائنس نادس کن تہٕ کیٛنژو کھیٚیہِ کنھے۔ تاہم یِمو کنھ کھیٚیہِ تِمن ہٕکو اَسی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ آیندٕ مولوس نہٕ کرِنہٕ بابتھ گُذارِش کٔرِتھ تہٕ یِمو مقالہٕ نِگارو مقالہٕ لیکھِتھ اَسہِ عوصلہٕ بڑوو تِہندِ چھہِ اَسی سوٚمہنہٕ شُکر گذار۔

اَسی تھاوو آش زِ سنی سرگ یہِ شُمارٕ پرِتھ سوزِن اسہِ پٔرن واگی بیتیمہِ لہٕ پنٕن ردِ عمل ضرور تہٕ کِتاب پرِتھ گوش دِنگ عادت مُنشر اون۔

ایڈیٹر

ارجن دیو مجبوٗر

# لل دید — اکھ نٔو نظر

کٔشیر ہٕندِس تٔمۍ توٲریخی دورس یَتھ افراتفری ہُند اکھ گوٚٹ پریشان کران رود تٔھۍ منٛز للہٕ ہُند پٲرتھن تہٕ کمالس واتُن چھُہ سارٮ۪ ہندوستانہٕ خٲطرٕ فخرُک لایق۔ پنٛز چھُہ یہٕ زِ اَمس تھٔدِ پایہٕ ماجہ ہٕندِس فلسفس تہٕ شٲعری پیٚٹھ آیہٕ وارِیاہ کٲم کرنہٕ یَتھ منٛز انگریز تہٕ کٲشرۍ محقق شٲمِل چھِہ۔ یہٕ کتھ تہٕ چھِ محض زِ اَسہِ تِج تہٕ اَمِس تٔھر شخصیتہٕ ہنٛز اہمیت اَمہِ سُنٛد دُشیت تہٕ بجر عالمی سوٚتھرس پیٚٹھ وانہٕ ناوٕن۔ "دٕہمین آف انڈیا" ناوِک کِتابہٕ منٛز چھپنہٕ اَمہِ سُنٛد ناوٕ اکھ چھِہ کیٚنٛہہ نِمنہٕ وجوہات۔ اول یہٕ زِ للہٕ ہُند وقت ۶۰۰ ہَتھ ؤری برٛونٛہہ آسنہٕ کنہِ ووٚت تہٕ اسہِ نِش تہٕ سوٚرٮ۪ یہٕ اتھ دورس منٛز لیکھنہٕ آو۔ دوٚیِم للہٕ ہِنٛدۍ ساری واکھ تہٕ چھپنہٕ اَسہِ نام اہِ موکھ وٲتِنہ زِ بہم آمٕتۍ زبٲنۍ زبٲنی اَسہِ نام تہٕ یہٕ چھُہ بینہٕ وٚن زِ بہم لیکھنہٕ نہٕ آسنہٕ موکھ روٗزِ ہمیشہ سٲنۍ نظر ہیرِ وٕتی مُلکن گٔنٛزِ تہٕ پننہٕ مُلکہٕ چین تٔھرن ہنٛزی تیٚن گن دُشیت اَسہِ کم توجہ۔

کتھ سِہر کرنہٕ خٲطرٕ وُچھو اَسۍ زِ للہٕ یتھ برٛونٛہہ کیاہ اَس اِنگلینڈس منٛز زنانن ہنٛز ہنٛز حالتھ۔ میٚون مطلب چھُہ ادبکس دُنیاہس منٛز کوٚت آسہِ تِمہٕ واتِہ ہنٛز۔ میانِس سوالس ہیٚکہِ انگریزی اَدبُک مشہوٗر اَدیب ناول نِگار ورجینیا وُلف جواب دِتھ۔ تہٕنٛدِس

ٲکِس مضمونس چھُ عنوان : What if Shakespeare had a sister.
چُنانچہ چھےٚ سو یہِ مضمون لیکھنہٕ خاطرٕ Trevelyan's History of England
ناوِچ کتابہِ ژھانڈ دِتھ وَنان زِ :-

In 1470 AD, ie soon after chaucer's time,

1. wife beating was a recognised right of man and was practised without shame by high as well as low.

2. Daughter refusing the parent's choice was liable to be locked up, beating & hung about the room.

3. Betrothal often took place while one or both of the parties were in cradle and marriage when they were scarcely out of the nurse's charge.

۱۴۷۰ عیسوی یانی چوسر سند وقتہٕ پتہٕ اوس انگلینڈس منز

۱. زنانن چوب دِنۍ مردٕ سند تسلیم شُدہ حق مانہٕ یوان تہٕ اتھ اپیٛٹھ اۄس بڈ بوٚ کینہہ لوکٕ کٕٹھو طبقو دسی گژھنہٕ شرمہٕ ورأے عمل کرنہٕ یوان ۔

۲. یوٚ سہٕ کوٗر خانٛدرکس معاملس منز مألس ماجہِ پتھٕ نیرنچ کوٗشش کرہے تس اسی

گُنٛٹھِس مَنٛز بنٛد کٔرِتھ، الوٚنٛد ترٲوِتھ کُرٛ والان۔

۳۔ اکثر اوس منٛزرٕ شرپن اکِس یا دوٚ شوٚپیوٚ دریوٚ ڈٔسی خانٛدر گنٛڈِتھ تھوَنہٕ یوان تہٕ یُتھے شُر دوٚہ وٕ ماجہِ ہیٛنٛدیوٚ اتھو منٛز نِیِہ آسہِ گژھان، تِمن اوس خانٛدر کرنہٕ یوان۔

۷۔ ۱۸ اعیسوی پتہٕ دوٚہ یہ ہِنہٕ دہرِ سدآہمہٕ صدی منٛز ییلہِ انگلینڈس سٹوارٹ آسہِ حُکمران کیا حالتھ آس زنانن ہنٛز، تتھ مُتلِق چھُ یوٚہے موٗرِخ وَنان:۔

1. But this is women in fiction....

2. Imaginatively, she is of the highest importance, practically she is completely insignificant.

3. She dominates the lives of Kings & consequences of fiction. In fact she was the slave of any body whose parents forced a ring upon her finger.

۱۔ "مگر یہ زنان چھےٚ (تصوٗری طور) ناولہٕ منٛز ہاونہٕ آمٕژ-----

۲۔ یوٚدوَے زنانہٕ تخیلی طور سیٹھا اہمیتھ پٔراوان چھُ مگر عملی طور چھےٚ تمہٕ مُکمل پأٹھی غار اہم۔

۳۔ تمہٕ چھہِ بادشاہن ہنٛز زنٛدگی تہٕ واقاتن پیٹھ حُکمرٲنی کران امایوز بجُمس سمأتسہٕ تہٕ مردس ہنٛز غلام یُس یہنٛز اوٚنگجہِ واج لاگہِ۔

الزبيٿ دور سان متعلق ڇهه ڄرچينا وولف وڻان.

One knows nothing detailed, nothing perfectly true and substantial, about her.

"يعني مڪمل طور نه تفصيل سان ڇهڻ تس متعلق ٺوس نه صداقت جيڻ ئي ٻاڌ ٻيهٺ ڪجهه معلوم" سو ڇهه ٻرو شهر ڪن وڻان:-

But by no possible means could middle class women take part in any one of the great movements.

ڪنهن نه امڪاني ذريعي پيچ نه درمياني طبقي زنانه ڪنهن ته اهم تحريڪ مشر حصو نلتهڙ نه ٻيهڙ پاڻ ٺاڪر ڇهه سو سوال ڪيرو ڦڻ

Why women did not write poetry in Elezebthan age?

شر اهم ڦندي هنڌ حوالي ڏنه ڇهه سو ٻيئي وڻان:-

To have lived a free life in London in 16th century would have meant for a woman, who was poet and playright a nervous stress and delimma, which might well

have killed her.

شُراہمہِ صدی منٛز تِمس اکِس زنانہِ ہندِ خاطرِ یوس پٔز آزاد زندگی بسر کرِو نہٕ شاعرِ نہٕ ناٹک نوٛلیس آسہِ ہے تہندِس رٔسِس آسہِ ہے شہ سنکٹ تہٕ دباو یُس تس خود کُشی کرنس پیٹھ مجبور کرِ ہے۔"

اتھ بارس منٛز چھےٚ ورجینا وُلف تمہِ وقتہٕ کِس اکِس پادری سُندِ بہٕ حوالہِ دِتھ اَدبی مادانس منٛز زنانن ہندِس پیٛنھ آسنس خنٛد کران:۔

cats can not go to heaven, woman can not write the plays of Shakespeare.

بٔرارِ ہیکن نہٕ سوٛرگس گٔژھتھ، زنانہٕ ہیکن نہٕ شیکسپیئر سٔندی ڈراما لیکھتھ۔" چھیکرس چھےٚ سو وَنان:۔

For it is a perennial puzzle why no woman write a word of the extraordinary literature when every other man, it seemed was capable of song and sonnet.

"یہ کتھ چھِ اکھ مُسلسل پٔرزتھ زِ ییٚلہِ یہِ باسان اوس زِ پٔرتھ کانٛہہ مرد چھُ نظم تہٕ سانیٹ لیکھنس اہل، کانٛہہ تہٕ زنانہِ کیاز لیوٚکھ نہٕ اکھ تہٕ تیٚتھ لفظ یُس نٲر معمولی ادبہٕ کِس دایرس منٛز پیِہِ ہے۔"

اسی ییٚلہِ صدا ہمہ صدی ہندِ انگلینڈ چ یہ حالت وُچھتھ وایِس لَل دیدِ

ہُنٛز ژوہ داہِمہٕ صٔدی کُن پکان چھِ أسۍ وُچھان زِ سیأسی افراتفری، سماجی بدحألی
غُربت تہٕ جہالتس باوجود چھےٚ لل گرٕ بار شرآونہٕ ابدی ہنرٕ گارَنس منٛز کامیاب
سپدان تہٕ کأشرِ شاعری تِم موتی واکھ عطا کران یِم ہمیشہ پُنٛن بجر کاشرادان
روزن۔ امیُک خاص وجہ چھےٚ ہِندستانٔ تہٕ کأشرِ سنسکرتی ہُنٛز سہ باگہٕ ہیرٕ ژہ
دِنہٕ یِوہ سہٕ آرِیہ ہِندِس ژَتس یعنی تحت الشعورس منٛز صٔدیو پیٹھہٕ وسان روٗزتہٕ
پانٔنی شُہر مشہور اشٹ ادھیایہِ ہِنٛدِس دیباچس منٛز چھُ تھیوڈور گولڈ
سِٹکر Theodor Gold Stucker ہِندوستانٔی تہذیبس،
مُتلِق لیکھان:-

No one I believe, will easily imagine, a civilized people who at the time of the Mantras (the period prior to that of Sutras and Brahmins) were such as to possess Arts, Sciences, Institutes and vices of civilized life, golden ornaments, coats of mail weapons of offence, the use of precious metals of musical instruments, the fabrication of cars and the employment of the needle, the,

knowledge of drugs & antidots, the practice of medicine, the computation of the division of time to a minute extent, laws of property etc. (P. 17).

"مےٚ چھُ یقین نہٕ کانٛہہ تہِ انہٕ پنہٕ آسٲنی سان یہٕ کتھ تصورس منٛز اکھ تہذیب یافتہٕ قوم یم منٛترن ہندِس دورس منٛز (یُس زمانہٕ یُس سوٗترن تہٕ برہمن دورٕ برونٛہہ ٲسی) تیتھی ترقی پیٛٹھ آسہٕ ٲسی فن، سائنٛس، ادارٕ، تہذیب یافتہٕ زِندگی ہندی عاش، سونٕکی زیوٗر، زربکتر، ہتھیارٕ، قیمتی داتن ہندہ اِستعمال، گیونٛکی ساز، رنٛگہ سازی، ہیٛرٕ تہٕ کام، دواسازی تہٕ زہر گالنس یلاج کرن کم سے کم وقتہٕ باگے، جادادُکی قونوٗن بینہٕ منٛز ماہِر"

تہذیبہٕ رنٛگی پیٛٹھرٕ رنگدار تہٕ تہدار قدیم کٲشرِ چھِ تیٛتھرا چھِ بہ ادب، روٗحٲنی فلسفہٕ، ازٕلی گیان، توٲریخ، فلسفہٕ، شاعری، شاعرانہٕ تنقید، ڈرامہ تہٕ زبٲنی امتزاجہٕ سبہٕ سرِس کٲشرِ ہندہ یہٕ سورُے سرمایہٕ تہٕ رِیٖشن، سادٕن، سنٛتن ہٕنٛز پاکیزگی، سادٕگی لگہٕ میوا، تہٕ سارِے کھوتہٕ بڈ گارٕنس منٛز تہذیبِ ذیٚنِک عظیم سرمایہٕ اوس لٲرِ دٕکھ تہٕ اوے ڈرایہٕ سونٕس گوٚرِس تہٕ پیٛٹھ یُس پانہٕ سیٚٹھاہ نِندِ پایک گیانی تہٕ کرمہٕ وان (اناہل) اوس امہِ باوٕ وجود چھُ عبدالاحد آزادنہٕ کشمیری زبان اور شاعری (جلد ۱) منٛز لل ہٕنٛز گیانی روٗدس تہٕ شخصیژ سرسری طور پیٚٹھ تس قنطوٗیت پٮ۪ٹھ وَنان۔

"اہل وطن بے وطن ہو رہے تھے۔ رہتی [illegible] عملاً بیلا ثابت ہو رہی تھی۔

لوگوں کے دِلوں پر حسرت و یاس کا عالم طاری تھا۔ چونکہ شاعری ماحول کا آئینہ ہے ایسے تشویش ناک ماحول کی شاعری میں ویراگ کی باتیں قنوطیت نہ ہوتی تو کیا ہوتا۔ گرہستی زندگی کی عبرتناک مصیبتوں نے للہ عارفہ کو اور بھی دُنیا سے بیزار کر دیا تھا“۔

یِتھ چھُ یہ زِ للہ ہٕنٛز شاعری منٛز چھےٚ نااُمیدی بلکہ حقیقتُک عِرفان۔ وسیع کائناتُک بحورِ زانٕنۍ کوشش تہٕ تمن سوالن ہُنٛد جواب یم ساسہٕ بدلو ورین پیٹھ انسانس پریشان کران رُوزِ متی چھہ۔

یتھے پاٹھۍ چھُ للہ ہندِس ناوس مُتلق تہٕ ساتو کینٛژ و فارسی مورخو سنسکرت نہ زاننہٕ معہ کینٛہہ زیادتی کٔرمٕژ۔ لل چھُ سنسکرت لفظ۔ وی۔ایس۔ آپٹے ہٕنٛز سنسکرت ڈِکشنری موجب چھُ امہ لفظُک مطلب :۔

Lolling, wishing desirious, frolic, dally

بیتر دینہٕ آمُت۔ یمیُک مطلب :۔ شاشٔتی منٛز روزُن، پرٛژھُن، پرٛژھا کرٛنۍ، وِہار کرُن یا پھیرُن چھُ۔ اتھ لفظس چھُ "पयनम" یعنی "ٹوٹھ" تہٕ مطلب، لاڈ پیار سان رچھُن تہٕ چھُس مطلب نیران۔ لل اُس لوکہٕ چارِس منٛز ٹاٹھنیار سان رچھنہٕ آمٕژ۔ لہٰذا آسہٕ ہے تمہٕ زمانکہِ دستورِ موجب تمِس مالِنۍ ناو للے۔ لل ڈید مُتلق ننگہٕ نژنس تہٕ چھُ غلط مطلب کرنہٕ آمُت۔ یوسہٕ لل پانہٕ ونہٕ: "یونیر ژٕلہٕ تم امبر پٔتیا تم آہار آن“۔

تس کیا ضرورتھ چھُ ننگہٕ روزُن یا ننگے نژُن۔ لل چھےٚ سارِنے ہٕنٛد خاطر ترک دِنیا کرِتھ نایِل۔ بقولِ شفیع شوق یَیلہٕ انسٲنۍ شعورُ اتھ مقامس واتان چھُ

چھُ سہ آسنکۍ نہ آسنکۍ ظاہری بہن ملوٚنہٕ کُنے پنزر پرٛزناوان ۔ سہ چھُ دُنۍ یا اوٚہی طمہو، قربو مُنٛز نہٕ مایایہِ نِشہِ آزاد گژھان، جموٚد نِشہِ نجات لبان تہٕ پرتھ ساتہٕ نوم نوٚوے آسان ۔ امہِ باپتھ چھُپنہٕ نرکِ دُنیاہ کرُن، وَن رٹُن تہٕ جسمس تکلیف دِیُن ضروٗری۔

للہِ ہُنٛد بجر چھُ تہنٛدِس باوُژ بلہٕ کِس ماژہ منٛز رٕژس کلپنایہِ ہنٛدِس بے پناہ وُسعتس سہٕ دِنہٕ، خوبصورت تہٕ رٕژشہِ جذبن ہنٛدِس اگادھ شِدتس تہٕ لفظ ورتاوِکس گرنہٕ کِس شعورس منٛز موجود۔

منس گوٚن چھے زنٛشُل آسُن
ژہتس گوٚن چھے گژھُن دوٗر
زلوس گوٚن چھے لوچہ نرلش آسُن
آکمس گوٚن چھے نہ آسُن لیپھ

یہے چھُ للہِ ہنٛدِس فلسفس مُتلق سرچارڈ ٹیمپل شُنٛز یتھ کنہٕ پیٹھ اتفاق زِ للہِ ہنٛدِس فلسفس منٛز چھُ بوٗدھ مت، ناشترک تہٕ شیو متک توٚن امتزاج ۔ تہنٛدِن واکھن منٛز چھُ یمن مٔتن ہنٛدِن کیتین نوقطن ہنٛز ژھوٚٹ اماپوٚز یاگہِ ہرژ تہٕ سٕنٛز وضاحت ۔ مگر از پرٛزھ یہ للہِ ہنٛدِن واکھن منٛز آمتِس اَکِس خاص لفظس دٔل دِیُن ۔ سہ لفظ چھُ "شہر وٚشرار"۔ یہ چھُس شری موتی لال ساقی صٲبُن شُکر گزار یمو ہیُوٚن نظرن امہِ لفظ کِس اہمیتس کُن پھیُر ۔ لَل چھےِ شیو مت کِس سٕنس تجربس ستی ادھیاتم کین نوقطن تہٕ عملہِ ہُنٛد تجربہ تہٕ باوان۔ تصوفس منٛز چھُ ہمہ ادوست یا ہمہ از اوست عقیدہ سیٹھا بوڈ تہٕ مرکزی حیثیت تھاوان۔ شیو فلسفہ موجب تہٕ چھُ شیوے زگت تہٕ زلو چھُ تمی سُندے

اکھ لوٗکٕٹ کھوٗتہٕ لوٗکٕٹ چھِہ تہٕ بٔہ کَنہٕ ہنٛزِ یآٹھِ پٕرزناوِتھ چھ اِنسان تہٕ شِوس بنِتھ ہیکان۔
اُتھ وُنِکہ پرکاش تہٕ وِمرش۔

صوٗفی مَتک زبردست اثر چھ اسہٕ ایران کِنۍ ہِندوستانس منٛز ہیلان۔ اکِس صوٗفیس نِش چھ دےٚ گُن، سُہ ہیٚنٛدۍ سُند آسِن، مُسلمان سُند آسِن یا بییہٕ کُنہٕ فِرقُک۔ یِتھے پآٹھۍ چھ تِمن نِش سارِنۍ دَھرمن تہٕ مذہبن ہِندۍ اِنسان ہیوٗی۔ یِمن منٛز فرق اروا نَھوٗ چھِ آبزچھِنہٕ شِوہم سوٗہَس کاشرِ صوٗفین ہُند بولہٕ منٛز چھُ، چھُ سنسکرِت सम ، अहं تہٕ دوہُن چھِنہٕ کانٛہہ فرق۔ شِومت تہٕ صوٗفی مَتس منٛز چھُ گوٗرس یا موٗرشدِ کامِلس سیٹھا تھوٗد درجہ حٲصِل۔ مولانا رومی، شمس تبریز تہٕ حافظ ہیوٚو عالمو چھُ حمی گوٗر حاصِل کرُنک تکرار کوٗرمُت۔ یَس پوٗز گوٗر میلِہِ تہنٛدِ خاطرٕ چھُ گارُن مُشکِل۔ چُنانچہِ لاٚیس کمال کوٗر تتھ منٛز اَدس بٹیدِ ماٗلِ شند تہٕ خاص حِصہ۔ پٔز پوٗزا تہٕ عبادتھ چھ سادِکس پننِس منٛزلس واتناونہٕ خاطرٕ چھِہنٕ تِس دربدر پھیرُنک کانٛہہ ضروٗرت۔ مولانا رومی چھِ وَنان

بے پر و بے پا سفرے کردم
بے لب و دندان شکرے خوردم
چشمہ بستہ عالمے دیدم
"پکھو تہٕ پکنہٕ رَوٗستے کوٗرم سفر،
ژھٹھو تہٕ دَندو رَوٗستے کھیوم شکر ما چھ
اَچھ ژٕٹھے وُچھم سُہ عالم"

کبیر چھِ وَنان:-

تیرا صاحب ہے گھٹ ماہی

باہر نینا کیوں کھونے

کہے کبیر سنو بھئی سادھو

صاحب مِل گئے تِل اوے

پنجابی زبانِ ہِند بوڈ صوفی شاعر سایِں بُلے شاہ (۱۶۸۰ء - ۱۷۵۷ء) یِمن پنہِنس گورس عنایت شاہ قادری یَس نِش یہ یَرِ پرزِھنیِس گرٕھان چھ زِ سہ کیٛہہ لبہِ دیِس۔ عنایت شاہ چھ باغوان آسنہٕ موکھہ امہِ وِزِ تھل کران آسان ۔ سہ چھ بُلےؔ شاہس جوابس منز وَنان۔

بلے یا رب دا کی پانا    انڈھیرو پٹنا تے انڈھیرو لانا

مطلب بُلےؔ شاہ :-

دیہ ژنڈ لبُن کیا مُشکِل چھ

یپاَرِ گرُن تہٕ ہپاَرِ زوُن

تہٕ للہٕ چھے وَنان :-

شِو چھے اٰتی نہٕ کُن موگَرِ ژھ

سہز کیٛنہہ ہیانہٕ کرتو پٔزِ ژھ (۱۳)

سُے ییِلہِ ڈیٛؤ ژھم نشہِ پانس

سوٚرِے سُے تہٕ بوہ نو کینہہ

اِسی بِکو لاَ ہپڈِس ہِنز شبدس گُن ۔ شبدس تہٕ گوٚرِ شبدس چھ سانِین شاسترن منز بے حد اہمیت ۔ أزِ چ Big-Bang تھیوری تہٕ چھ وَنان زِ یہ زگت یُپڈ اکہِ زبردست

گرزِ یعنی شبدِ منتر پاد۔ شبدے چھُ کاینات، شبدے چھُ دَے تہٕ اتھ منترن منتر جایہِ جایہِ وکھنے کرنہٕ آمتر۔

گوٗرن وۆننم کنُے وژُن
نیبہٕ دۆپنم اندر اژُن
سُے ہیٚے للہِ گو واکھ تہٕ وژُن
توے ہیوٚتُم ننگے نژُن

شہٕر لفظ چھُ سنسکرت [illegible] دھاتو منتر درامتِس شہٕر [illegible] شبدس یتھ واٹھ کھوان [illegible] گو ییتھ ایکہِ وٹہِ بیترِ تہٕ [illegible] گو سوانتم، سانتن، سوابھاوِک، سوہ رۆپ آنتم ساکشات کار اتھ شبدس چھِ للہِ دیدِ ہیندین واکھن منتر کیتھ مانہٕ مطلب نیران۔ بہ کرکھ تھ واکھ پیش۔

ہا سہ بول ہُرنم ساسا
ہیٚے منہِ داسا کھید ناہیے
بہ یوٚد شنکر بکھتہٕ آسا
نکرِس ساسا مَل کیا پییُے (واکھ ۹س)

یَتھ واکھن منتر چھُ شہٕرک مطلب پرزومیسر نندہ لال کول طالب شہٕر لَل دیدِ منتر خلوص دِتہٕ آمت

پرُن سولب پالُن دودلب شہٕر گارُن سِکھم تہٕ کٕرۆٹھ
ابھیاسکِ گنہٕ رے شاشتر مُوٹھم ژیتن آنندِ نیچے گوم

ییتھ واکس منتر چھُ سہٕرگ مطلب آتما تہٕ اصلیت وَننہٕ آمتر

کوٚ چھکھ دِوان اَنِنے بَرِھ شِرکہ ہے چھکھ تہٕ اندری اَدھ

شِو چھےٚ اَڈ تہٕ گُن مو گژھ      سہٕز کتھ مبانہٕ کرتو ژرٕ      واکھ نمبر ۵۰

یتھ واکھس منٛز چھُ سہٕزس مطلب پنٕن پان یا پنُن آتما دِتھ۔

ہوڈو کٔریے چھےٚ نہٕ دارُن نہٕ پارُن      ہوڈو کٔرِتھ چھےٚ تہٕ رٕچھنٕ کارے

ہوڈو کٔریے چھےٚ نہٕ دِہہٕ سنٛدارُن      سہٕز وژارُن چھےٚ ووپدیش

یتھ واکھس منٛز چھُ سہٕزٕک مطلب، ”ذاتچ پرزنتھ“ دِنہٕ آمُت      واکھ نمبر ۵۹

کُش، پوش، تیل، دیپ، ژل نا گژھے      سدبأو گوہ رٕکتھ یُس مَنہٕ ہیٚیے

شِو بوہس سوٕ رِتیٚ پٔنٕنہٕ ییٚژھے      سَےٚ ڈیٖپ زرے سہٕزا کٔرے

سہٕزا کٔرے چھُ ”ابدی آنند“ مانہٕ کَڈ نہٕ پوان۔      واکھ نمبر ۶۷

سہٕزس شم نہٕ دم نو گژھے      ییٚژھ نو ژرادکھ مُکھتی دار

سِلسِلَس حون زن میلتھ گژھے      تو تہٕ چھےٚ وورلب سہٕز وژار

ییٚمہٕ واکھ تلہٕ چھُ نِنان زٕ لَل آس نہٕ شم تہٕ دیٚچ تایٕل۔ واکھس منٛز چھُ ووٚن جاین سہٕز لفظ آمُت۔ ووٚ شِوٕنی جاین چھُ مطلب ”سَت پُرش“ یانی ذاتِ حق دِنہٕ آمُت۔ واکھ نمبر ۷۴

سمسارس آیس تپسی،      بوٚدھِ پرکاش لوٚبم سہٕز

مرِ نہٕ کانہٕ مرِ نہٕ کانٛسہٕ      مرِ نیٚچھ تہٕ لسہٕ نیٚچھ،

یتھ واکھس منٛز نہٕ چھُ سہٕزٕک مطلب ذات یعنی ازلی حقیقت نیران۔

ژران تے ڈیان کیاسن کری      ژہ تس رٕٹھ نرکے وگ

منس تہٕ پوتس مِلون کرے      سہٕزس منٛز کرِتھ سنان      حصہ سوم ۲۴۴

یتھ واکھس منٛز چھِ لَل وَنان زِ دَرے گارِنہٕ موکھ چھُنہٕ ژران یا ڈیان ضرورٕ ری۔

ژھتھ پنز نزکر ہشدی پاٹھی ڈنجہ کرن۔ من تہ پرانچہ عملہٕ گژھ "سہر گیانی" ابدی پنز کیس پنز نھس شران کرن۔

لوب مارنا سہر وشرارن  درگ زانتھ کلپن مرا د
نشہ چھے تہ دور موگارنا  شونیس شونیا میلتھ گو

یتھ واکھس منز سہزک مطلب چھ "ست" یعنی پزر ونہ آمت۔

راونہ منزے راونا رودم  راوتھ الکہ آیس لبہ سرے
اسان گندان سہزے پرودم  دیہ نے کورم پانس سرے  واکھ نمبر ۱۴

واکھس منز تہ چھ سہزک مطلب دے گنڈنہ آمت۔

سہزک مطلب چھ سنسکرت پاٹھی لبے تہ نہ یتھ پاٹھی چھے للہ تھ شکھتی یوسہ شونیہ واد शून्यवाद چہ ہنتی منز نیران تہ یہ دنی یاہ بنادان چھ یاے ہشدی پاٹھی نزدیک تہ دیوہ زانان۔ شو شکھتی تہ قوتک تصور چھ سانہ عقیدک آگر تہ مرد تہ زنانہ تہ چھے شو تہ شکھتی ہند روپہ امایوز یہ زانن چھ پزی کنی سیٹھا مشکل تہ اگر انسانس امہ کنہ ہند لود گژھ زنہ چھ پانہ مرکزی قوتک چھ تیلہ چھ تس پانسے نش سورے حاضر۔ پرانا بیمای ریشہ آسی قہ دزنک یہ قوتھ لبہ چھ کالس لاگان۔ یہ قوتھ چھ جانا وارن تہ زلو زاٹن منز تہ موجود۔ سرپس چھ سانین شاشترن منز پون بکھشی ( पवन बच्ची ) ونہ آمت تہ کتی جنگلی جانور چھ ہنہ وندکین شہن زتن شکار کران۔ سانین ریشن منز چھ ادے ہو کھین یپہ ڈتھرن، خانی پانس تہ ہشد ہاکس پیٹھ نند روزنا وائی ریش ازنام ویدی۔

زیٚلہِنہٕ تل ریٚنہٕ دادَن سمادھ دِتھ روزَن واٲلؠ سادھو چھِ ازٕ نہٕ لوکن حاٲرنس ترادان - ازلی شکھتی مُتلِق چھُ شِو شکھتی منترٕ وِنہٕ آمُت ۔

न जातो न मृतो यश्च
क्षयो यस्य न विद्यते
नमन्ति देवता सर्वे
नकारम तम नमाम्यहम

"یُس نہٕ زیٚیوان نہٕ مران چھُ۔ یُس نہٕ زٕ شِہے ناشَس گژھان چھُ۔ یُس ساری دیٚوتا نِمان چھِ تمتی نکارس تِھس بہٕ نمسکار کران"۔

یِتھ شوُنیہِ وادک تصوّر چھُ للہِ ہِنٛدِین واکھن منزٕ جایہِ جایہِ نظر گژھان سو چھِ بار بار وَنان زِ سو چھُ اَمی خلاہک حصہٕ۔ تہٕ پننہِ سادنایہِ ہتؠ چھے سو زِندے اَتھ خلاہس ہتؠ میلِتھ گژھان۔ یہٕ واکھ چھُ شہیر وچ وکھنے کران :۔

آہت کھ سرٕپ نُنیا ے
یَس ناد نہٕ دَرن نہٕ گُنھر نہٕ رُوپ
اہم وِمرش ناد بِندے یَس وَدن
سُے دیٚو اشووار پیٹھ چڑہس

جاوداں پیہم رواں آواز جو ایک لامحدود پنہاں ے بسیط
اُسکا مسکن ہے فضاے لامکاں بے نیاز رنگ دبُو نام د نیست

ایک شعورِ بے کراں، لاانتہا، نورِ مطلق اور سرورِ سرمدی شہوار بہ اسپ ہے وہ دیوتا"

ادے چھے لل زبان نہ ہکان کیو ہندۍ شوٗ نِشہِ آزاد۔ سوٗ چھے ساسہٕ ہدۍ وٕرھا پتھ نہٕ بروٗنٹھ ہدۍ وٕری برٛوٗنٛہہ پانس دِپدمان وُچھتھ ہکان۔ یتھ کالس کُن نظر ترٛاوِتھ چھ تس وُزان ؎

ترٛبییہِ ننگہِ سر سری سرس
اکہِ نینگہِ سرس عرشس جاے
ہرمہ کھ اکھ سُم سرس کونسر
ستہ نینگہِ سرس شنیا کار

جھیل تھی سیلاب سے دیکھا تین بار
ایک با افلاک اور پانی تھے باہم ہم کنار
ایک دفعہ ہرمہ کھ سے کونسر تک بھی دیکھا ایک پل
جھیل یہ نابود ہوتے دیکھی پھر سات بار،

نہٕ برونہہ کالس کُن چھ یتھ پائٹھی پیشین گوئی کران۔
کاک ستھ کولہ گرتھن پاتائی
اکائی زلہ ملہ ورشن پین
ماس ٹاگی تے مس کی پیائی
برہمن نہٕ ترائی ریکہ وٹہ کھین

یٚرِنھ تہٕ بوٚزِنھ ژٕہمن ژھٹِن
آگرکھٹن ژہنٛدِ وید بیٚتھ
پٹہٕچھ ٮٚن نٮ۪ھ نھوٚن مٹن
سۄٕہٕت مَن گرژھیکھ آہنکارٕ

للہِ ٹنلق چھُ یِیَر مانٛدٕن تہٕ سہتر شبٛدک ذِکرِ کوٚرمُت

للی شوٚرِی یوٚگ اُسں دارِن
دوا دشانت منڈلس مٔنٛز گُنی زٔنی
اناہتہٕ ناد بنٛدُ ادم یِترِ ناداں
پنٛژ دشہِ زٕیو کلاہ وِگلاداں
شوٚڈشہِ سہتر کلا آٹ مستی
پوٚرنماشی تام پتھ چِھس پیٚواں

تہٕ نٛنٛدریٚوش چھُ وناں:۔

سہترکِ سہتر آننٛدے اگرنٛدٕ کرِن سہو
گوکال تہٕ حال تِس انٛدے تیٚتھ مے ور دِتہٕ دِدِ

لل چھے "سہتر" یعنی شہٕ ہزر پٮ۪میٹیک سٕہ حِصہٕ چھُنٛی پاٹھٕ پاتہٕ سرکھر کراں۔ تیٚشدٕ تجربہٕ چھِ موجزو نشہِ بیوٚنا۔ سٕہ چھے ہُوٚڈس گیان وٕنن ناممکن زاناں۔ سٕہ چھِ کیٚتھہٕ تہٕ مٔنٛز کیاہ نام ژھارنَس مٔنٛز ماہر، سٕہ چھِ لُکِ وٕہ پکارِ مٕہ کھ تہٕنٛد بد رد بوزنَس سٕہ دِلہٕ تیار۔ تَس چھُ راوتہٕ مٔنٛزے راوُن راواں، سٕہ چھ ستیٚچ گنٹی دایان

پتہ سو وثرارِ پانہٕ ہرس گوڈٕ دِدان تہٕ سُہ وزُن بوزان ییس ژٔھنہٕ زوٗ تتہٕ وزان چھُ نہٕ یتھ پانٛژھ چھے سو ازلی امریتھ سر دامہٕ رٹان تہٕ پرکاشسٕ ٹھان پنہٕ نیِبیٖ آتمس منٛز وُچھان۔ لَل چھے از تہٕ کاشرِ ین کیو کلیم مانوتا یہ باپتھ تگہٕ ہار Relevant-ازیک دُنیا چھُ ییٖلہٕ گی، بے راہ روی، خود غرضی، مٔہر، ذہنی پریشانی، دُلِٹہٕ ہمار بو غریبی تہٕ آتنک واد ستہٕ ترزیوٗمت۔ قدرتی وسیلہٕ برباد کٔرتھ چھُ انسان ترٛیشہٕ تام گرِ یشان۔ لچھ واد ٹکہ چھِ مران تہٕ گرٕ بار ترٛاوِتھ جایہٕ جایہٕ آوارہٕ۔ تعلیمی، سائنسی تہٕ ٹیکنیکی ماڈانس منٛز بےشمار ترقی کٔرتھ تہٕ چھِ انسانٛ اذیت خوف تہٕ اشانتی ہٕنٛد شکار بنتھس منٛز چھِ لَلہٕ ہٕنٛدۍ واکھ شانتی ہٕنٛد بٔنڈُت تہٕ پٔرپٕرِ بیمکۍ گاشرۍ۔ سو چھِ ونان:۔

ژٕکھ رٕٹن تہٕ وبرٕ گالکھ
ادٕ ڈیشکھ شو نٕند موکھ

یا

زٕنم ییٚراوِتھ سرم سو وٕم
دھرم پولُم سوے چھم سنتھ
نیترن اندر پریم دوزُم
ژُورٕم تہٕ موٗنم بوہے اکھ

لَلہٕ واکن ہٕنٛدۍ گیانہٕ اگر چھِ سٹھا شنٛز۔ سو چھِ اوانی نجرٕبن زلو بخشان، سو زلو یوسہٕ کاشرِ پننہٕ ماجہٕ زیوٕ ہٕنٛدِ ذٕسی از تام منہٕ منٛز لس منٛز ژھان آہنٛ چھِ۔ تیٚشہٕ بشاشتھ چھے سانہٕ تمدنٕک موٗل سرمایہٕ۔

اُسی اُسی تہٕ اُسی آسو
اَسی دور گرِی پتہٕ وتھ
شِوس سورِ تہٕ ٹین تہٕ گرھن
رُوس سورِ تہٕ اَتہٕ گتھ

o

کِتابیات


1. Literature (The human experience) 5th, Edition, Editors: Richard Abiazian, Mar-ven klotz (P. 359 to 366) New J&K 199—

2. للہ دید پنڈت نند لال کول طالب، جیالال کول

3. للیشوری شمبھوناتھ بٹ حلیم

4. بلھے شاہ (ہندی)

5. woman number (klyan kalp Taru, October 1995 (Geeta press Gorakhpur.)

ڈاکٹر رتن لال شانت

# افسانس مَنٛز باوتھ تہٕ وَرگہِ باونہٕ

اَسہِ اگر اَدبس مَنٛز مقصد یِتھ مسلہٕ زیرِ بحث اَنٛو تہٕ ، اَسہِ پییہِ یہِ مانُن زِ کم از کم اَدیبہٕ سُنٛد مقصد چھُ یہِ ضرور آسان زِ بہِ کیٛنٛژھاہ لیکھان چھُس تہٕ یہِ تیٚمِس وَنٛنہٕ باوتھ چھےٚ سوٚ گژھہ لوٗزن یا پرٛن والِس تام تیتھےٚ کنہِ واتنہِ ییتھ کنہِ تِمہِ سوٚنچمُت چھےٚ۔ واتہٕ ناوِ برٛگ مسلہٕ چھُ پیٚتھ اَدیبہٕ سُنٛد چاہے سُہ اَدیب ، سماجی تہٕ سیاسی اِنادیَنہٕ ثابت کرٛنی یژھان آسہِ چاہے اَدیب نا آویزگی یا خودکفیلی مانان آسہِ یُس اَدبی تجربہٕ بذاتِ خود اکھ مُکمل کاٚفیتھ مانان چھُ تس تہٕ چھُ مکرٛ آسان زِ تجربُک زاویہ جار گوٚژھہ باوُنہٕ یُن۔ کیٛنٛہہ چھُ تیٚسُند وَنُنٛک تہٕ مقصد۔ حالانکہِ یہِ تہٕ چھُ سپدان زِ باضے چھُ اَدیب تجربہٕ کرِتھ پیٚتہٕ پرٛن والِس کُن لاپرواہی ورتاوان تہٕ وَنان مےٚ نٕرِ تن کانٛہہ فکرِ یا یہِ زِ پرٛن والین ہُنٛد ذہنی سوٚتھر چھُ بوٚن تِمن پییہِ گوڈٕ ذہنی کنڈِشننگ کرٛنی یمِتھ میٚون تجربہٕ سمجھ پییہِ یکھ کینٛہہ تجربہٕ کرن والی چھ مانان زِ پرٛن والی چھ بوٚنٛہہ ریلایتہ تہٕ تیوٚت کنڈیشن آسان گاٚہی زِ تِمن پییہِ تِمہِ نِشہِ گوڈٕ الگ سپدُن۔ کیٛنٛژ ولکھار یعنی نقادو چھُ تجربہٕ کرِتھ وُچھمُت زِ یم پرٛن لوٗزن والی دٲریاہس کالس روایتی سماجی ادبی ماحولہٕ نِشہِ دوٗر روٗزِتھ زندگی گُذاران آسی یا زندگی گُذارنس مجبور آسی تِمن آسی نوٚ یپہٕ اَدبی تجربہٕ خواہ تِم

افسانس مَنٛز کرٕنہٕ آیہٕ خواہ ڈرامہَس مَنٛز زیادٕ منظوٗر۔ تِم آسی اَدیبہٕ ہٕنٛزن علامتن تہٕ اِشارَن معانے دِنہٕ خاطرٕ تیار رٔیلہٕ زَن لیکھہِ پرٕ ہینٛدِس اکیڈمِک ماحولس مَنٛز پرٕھِتھ وٲلۍ نٲرۍ صحیح مفہوم یا انتلب معانے تاکٕ نہٕ واتہٕ نہٕ کیٚس تہٕ نزٕبس مَنٛز گَبرٲسی۔ خٲراتر سیلک مسلہٕ اوٚک اَنٛد تراوِتھ چھُ اَسہِ وُنۍ کِس یہِ وُچھُن کہِ تجرُنِچ نوٕہیٚنہٕ گی یا تجربک غار رِیوایتی آسُن چھا کُنہِ پاٹھۍ دٕرگہٕ باوٕژ تابین کینہٕ بینٛزٕ کَنہِ تہٕ ہیٚکہِ معانے ہیٚچ تہہ دٲری اَسنہٕ۔ تنوٗع چھُ افسانُک۔

افسانس مَنٛز چھُ تجرُبہٕ کُنہِ واقعُہ زِنگی بادٕ نہٕ یوان۔ شہ ہیٚکہِ نہٕ حرف ڈیٚبتہٕ یا مقولہٕ ڈیٚسی یا کانہہ تشبیہ دِتھ یا استعارٕ گرٕتھٕ یوت ظاہر کرنہٕ یِتھ۔ یِتھ کَنہٕ زِنا شُلن شعارس مَنٛز کرٕنہٕ یِوان چھُ۔ واقعہٕ نہٕ واقعہٕ ہُک بیان دِنہٕ شُوے چھُ اہم۔ واقعہٕ گژھہِ سِگنی فِکنٹ آسُن بانے زِ افسانہٕ نِگارس گژھہِ تمہٕ ڈیٚک کینہٕ اہم وُچھن آسُن کینہٕ اہم ہاوُن آسُن کُنہِ اہم کتھِ کُن سون ظعون پاوُن آسُن۔ کٲشُر افسانُک توٲریخ چھُنہٕ زیٛوٹھ تہٕ نہٕ چھُ افسانن ہُنٛز تیداد تیٚژ زِ تمہِ رِلوٲیژ نِشہِ انحراف آسہِ ما کارہٕ۔ افسانہٕ نِگار بِژھِن فرور زِ نوِ افسانہٕ وِزہِ کرِن زٲنِتھ مانِتھ اَوناکٕ کہِ اَفسانہٕ نِشہِ بدٕلِن زبان اِستعمال۔ دوٕن گوٚو تمہِ یا یِتھ گژھہِ سیٛٹھا ہتر آسُن یُس لِکھارِن ہُنٛزن دوٕن تٕرِین پیپرِن مَنٛز کاشہِ اُکی ہے آسان چھُ۔ باقے گوٚو یرِن وٲلس بیٚیلی پرانہٕ رِلوٲیژ ہینٛدی چھاپ صاف وینٛدی آسُن تیٚلی ہیٚکہِ شہ نوِ باوژِہتی متأثر گژھِتھ تہٕ باسبس یِیمِس چھُ بدلہ طریقہٕ وینہٕ نک تہٕ اَمِس آسہِ بدل کینہٕ وُنا تہٕ۔ کٲشرِس مَنٛز چھُ نثرے تیٚوت کم لیکھنہٕ یِوان زِ اسلوبُک چھینہٕ تژھ وَنہٕ سرٕکھم

کرِ ہتھ زِ یکدم ییٚن پٔرزناوُنہٕ کمہِ نِشہِ کرِ نہٕ کوٚت تام کرِ کانٛہہ افسانہٕ نِگار انحراف۔ مگر امیٚک مطلب گوٚو نہٕ کہِ انحراف کرُن چھُنہٕ کانٛہہ افسانس ویان۔ اکِہِ حسابہٕ چھُ پرٛتھ تخلیق نوٚو تجربہٕ آسان نہٕ یوٚت تانٛے نہٕ کانٛہہ تجربہٕ تمِنے لفظن منٛز نٔہی انمانہٕ ییٚنہٕ دوٚہراونہٕ ییٚہِ ییٚمن منٛز سہ برٛونٛہہ کانٛہہ افسانہٕ نِگارن بوٚو مُت آسہِ۔ توٚت نانٛے چھُ سہ نوٚو نہٕ انحراف کرن وول۔ شرط چھُ صرف یہ زِ تخلیق گژھہِ آسنہِ۔ اٚکِس تخلیقکِس تاٛریف کیا کرو ایمانداری سان یہ باسیوان یہِ تجربہٕ کوٚر۔ واقعہ کٔھو یا ماحولہ منٛز گنٛدرنہٕ وِزِ یہ باسیو سہ نیٚڑی ایمانداری سان کانٛہہ رٔنٛزناوُنہٕ ورٲے کانٛہہ آنٛچ ہورنہٕ ورٲے موزوٗن ترین لفظہٕ تہٕ جُملہ ورتاوُنہٕ سان تیتھہٕ کٔنہِ وُنُن ییٚنہٕ کٔنہِ نہٕ اوتام کانٛہہ ووٚنمُت آسہِ۔ یہ ووٚنُن ضروری چھُنہٕ کیا زِ تمہِ سٕتۍ ییٚہِ انسان ماحول یا چیٖزن ہٕنٛدی رِشتہٕ سمجھنس منٛز ہُرہ سہ وُنُن گوٚو تخلیق۔ لفظ یا شبد موثر بناوُنہٕ خاطرٕ ہیٚکہِ امہِ کہِ اندرُونی طاقتک استعمال کرِنہٕ ییٚنہٕ۔ تمہِ وِزِ ہیٚکہِ اظہار ورگہٕ بٔنِتھ۔ پرانیو ہندوستانی نقادو مُطٲبِق چھے شبدس ترٛے شکتیہِ یا قوژ آسان۔

ابھدھا۔ امہِ قوژ کٔنہِ چھُ اُسہِ لفظک رِوٲیتی مانہٕ بنان۔ مثلن "کھر" گوٚو اکِہِ قسمُک ژٔپایہِ جانور یہ عام معانے ذراو اتھ لفظس ابدھا شکتی سٕتۍ۔

لکشنا:۔ ییٚلہِ نہٕ گوڈنیُک یا عام معانے نیٚبرِ تہٕ تمہِ سٕتۍ اصلی معانے ییٚس نوٚن گژھہِ تہٕ دوٚیِم کانٛہہ معانے نیٚبرِ نیٚلہِ چھُ لکشنا قوٕت برسرِپیکار آسان مثلن انسانس ییٚلہِ "کھر" ونو کھر لفظک معانے چھُنہٕ جانادار بلکہِ بے وقوف۔ یہ معانے ذراد اتھ لفظس لکشنایہٕ سٕتۍ۔

وہنجناہ۔ لفظیح بہٕ شکتی چھ تیلہِ کام کران ییلہِ نہٕ عام معانے نیرِ نہٕ تمہِ نشہِ ڈلِتھ دوٚیِم معانے نہٕ آسہِ ناکافی بلکہ ترٛییِم کانٛہہ معانے نیرِ۔ مثلن "ابکھ چھان پیوٚم ییتھ راز دانے" ہس منٛز چھُنہٕ ابکھ چھان مطلب ابکھ ناوُک کانٛہہ چھان (گوڈنیک معانے) یا اڈٕ ہیوٚچھ چھان۔ (دوٚیِم معانے) بلکہِ تمہِ گرِٛھتھ نہٕ چھُ اکھ بیاکھ مطلب نیران۔ نابکارہ حمایتی، نالگہٕ ہار رفیق ناقابِل مددگار ہیوٚن۔ سُہ چھُنہٕ فرٛوری چھان آسہِ۔ دَراصل چھُ شاعرِ دنان زِ بہٕ ذٲس بدقسمت۔ حالاتھ آسِم ناساز گار۔

شبد شکھتی ہُنٛد بہترین استعمال یوٚدوے شاعریہٕ منٛز گژھنک رِواج چھُ نثرس منٛز چھُنہٕ اَمہِ کِس استعمالس ٹھاکھ۔ یہِ چھُ مولہٕ تلہٕ اظہار موثر بناونچ وتہٕ مُشخص کرنٛچ کوٚشِش۔ اثر بڑراونہٕ خاطرٕ چھِ لفظکی نہٕ معانہٕ ہکی النکار نہٕ استعمال کرنہٕ یوان۔ النکارن منٛز چھِ تشبیہہ، علامتھ نہٕ استعارہٕ تمہِ بُنیادی النکارہٕ یِم نثرس منٛز خاصکر افسانس منٛز سیٹھا استعمال سپدان چھِ۔ یِہُنٛدِ استعمالہٕ سٟتی چھُ اظہارک لہجہٕ عام لہجہٕ نِشہٕ ہیوٚن بنان۔ اگر یِہُنٛد استعمال اظہارہٕ خاطرٕ لااعمال آسہِ تیلہِ چھِ یِم افسانہٕ کِس گُلہم اثرس اضافہٕ کران وٕہٕ گوڈ اظہار زاینتھ مانتھ نہٕ بِلا فرٛدتھ گوب۔ نہٕ ورل بناونہٕ خاطرٕ تہٕ آیہٕ کاشرس افسانس منٛز النکار استعمال کرنہٕ۔ مقصد اوس علمک روب تراوُن۔ کینٛژن، کاشرین افسانن منٛز چھُ باسان زِ افسانہٕ نِگار چھُنہٕ تخلیقک بُنیادی شرط یعنے واقع تہٕ کِردارس کُن ایماندٲری ورتاونس تہران نہٕ تِوے چھُ باوتھ ورگہٕ بناوان ودگہٕ باوتھ چھُکھ اَدبی ریاکٲری بنان تہٕ افسانہٕ چھُ بے اثر یا کم اثر بنان۔ یتہِ مین

ذہن وۄرِ ہیٚن گیہ۔ بٔنِد وقتہ کلچر رٲیج گژھنہٕ کنہِ سانہِ سمٲجی کھو اخلاقی زندگی منٛز
وارِیاہ تفاد پاد۔ ملی ٹینسی بنِد گیہ تہٕ موٚنس درمیان کھیٚہ فاصلہٕ روزنہٕ کنہِ لیج فنی
اظہارچ ایمانداری داوس۔ اتھ صورت حالس منٛز آیہ وارہ باوتھ کیٚنژن افسانہٕ
نگارن براہ۔ حالاتن ستی سمجوتہ کرُن یا تمن مُخالفتھ کرٕنی ہیٚکہِ زِنٛد روزنک یا
نہٕ روزنک شرط آستھ۔ مگر لیکھنک شرط گوژھ نہٕ یہ آسُن۔ سمجوتہٕ یا مُخالفتھ ہیٚکہِ لیکھتہٕ
چِن معانے ژھاین منٛز آستھ مگر لیکھت گژھ بہر حال ایماندار تخلیق آسُن۔

مثالہٕ نمو آسہ زِ افسانہٕ اکھ اکس زِٹس تہٕ کوٚہنہٕ عمشق افسانہٕ نگار
مُشدتہٕ بیاکھ نوس جوان لکھاری شند۔ اختری الدینُن "وانجہ منٛز نچ" چھ ظاہرن اکھ بہ بیٛل
تمامو خوار افسانہ۔ پوٚہوٚل چھ کُٹھ مۍ نگرس نیٚبچ زلوتہٕ پہ ژ غیر بودنا وٕنتھ مُنٲثر کرن پلاهان۔
مگر کٕٹھ ہند مطابق چھہِ چ تس
پتنہٕ وانجہ منٛز ژامت۔ پہلہ شند نیچو زبنہٕ ستی کوسہ فرق پییہ تس۔ باسان چھ
زِ افسانہٕ چھ لکھاری شند کیاہ تأنی فلسفہٕ وننہٕ خاطرِ یا تمسیک تبلیغ کرنہٕ خاطر لیکھنہٕ آمت۔
سُہ گویہ کرتھوف چھ اسہ پانسے اندر زنم ہیوان تتھ چھنہٕ بیروٗنی دُنیاہس ستی لابدی
منطقی رِشتہٕ۔ یہ فلسفہ یا نقطۂ نگاہ ونوس ہیکہٕ پوٚہوٚل تہٕ کرٕٹ شند امہ افسانہٕ بدل بییہ
وارِیاہ قسمہٕ کین افسانن منٛز وننہٕ یتھ تکنیکاز یہ چھ بذاتی امہ افسانک موضوع تفہیم یہ یتھ
سٕنی باژن دوٚن ہنٛز لڑاے ہنہٕ بدین افسانن ہند موضوع آسہ مگر یہ سو وانل تہٕ
اُشمہٕ ہنٛز لڑاے چھ حرف اکھ بے افسانس تفہیم۔ یتھ موضوع سرس تقوتھ افسانہٕ چھ دراصل
اظہارکی خطر تلنہٕ درآے لیکھنہٕ آمت افسانہ۔ یہ ہیکون پرابلم ماگہتھ زیر بحث اَنتھ۔
پرابلمک تکنیک شعوری طور استعمال کرتھ چھ افسانس معانے ہیچ جہت ہران مگر افسانہٕ گژھ

پرٲبلکہٕ گرٕ ھنتھ تہٕ کٔنِتھ آسُن پرٲبلکہٕ سٕتۍ تہٕ ہیوٗر تہٕ کھسُن۔

بیاکھ افسانہ چھُ عبدالاحد وأحدِ سُنٛد "پچہٕ پھٔشر"۔ لِکھارِی چھُ اتھ منٛز اکھ نفسیاتی کیفیتھ دِنٕچ کوشش کران یوٚسہٕ اکِس جلسس اندر دٕکھِتھ ہیکو۔ اَمِس منٛز وُچھم تہٕ بدلے شکل گٔامٕژ پانس۔ ژٕلہٕ ہا تہٕ کوٚت ژٕلہٕ۔ خبر اَچھ نے ما چھم پچہٕ پھٔشر گومُت؟۔ یہ چھُ دراصل تمہٕ کیفیژ ہنٛد صرف عُنوان یُس افسانُک موضوع بنِتھ ہیکہٕ ہے۔ افسانہ چھُپنہٕ اتھ منٛز کُنی۔ اَمُک موٗٹِف چھُ پرٕون یتھ وِنِستام اُدیبو رچہٕ کجہٕ منٛز چھِنے۔ انہٕ چھُ یہ بے حرکت موٗرت ہیوٗ یُس زبردس اثر inertia شُہنکہٕ شِکار چھُ۔

ووہ نی وُچھ تو پرٕبلیک اِستعمال کیتھ کٔنہِ چھُ سپدمُت۔ نام منصوٗر سُنٛد افسانہ چھُ کرٕیہہ اَچھ واچھنی"۔ نیم دیوٗمالأیی ماحولس منٛز تہٕ تہٕ آمُت واقع چھُ تیلہٕ تخلیقی افسانہٕ کِس سۭتۍ تام واتان ییلہٕ اکِہ پرانہٕ آزموٗد ٹیکنیکہٕ کہٕ مدتہٕ سٕتۍ سارٕہے واقعہٕ ہس بدلے معانے دِنہٕ یوان چھُ۔ کرٕیہہ اَچھ واچھنی کوٗر چھے ختم کرنہٕ یوان یمہٕ خاطرٕ سرکاری تہٕ عوٲمی کوشش ہنٛز اکھ، اِجتمأعی لہرٕ ہش مُلکس آوراوان چھِ۔ مگر امہٕ سارِی تحریک آہن کس تاثیر ہنٛدِ خاتمچ ترژھ تأثیر یوٚسہٕ اَخرس معموٗلی غلطی مأنِتھ رد کرنہٕ آیہٕ۔ افسانہ چھُنہٕ کانٛہہ فلسفہ تھران بلکہٕ زندگی ہنٛد اغلب صوٗرتِ حال وٕژھناوان۔ بلکہٕ چھُ اتھ منٛز افسانہ نگار صوٗرتحالکس سٕتۍ ژأنِتھ مأنِتھ تصادُم کران۔ بُوٗنام کرٕ سُہ چھُ بوٚد بڑأری نہٕ خاص پرٕلواز ہوی نہٕ اِنسعار اِستعمال کٔرِتھ ورگہٕ پأٹھی کأشر سماجکس اکِس خاص ورگس نے تہٕ خاص جمأژ طرزک نِشانہٕ بناوان۔ امأ پوٚز افسانک ساخت چھُ اتھ سٕتۍ جذبأتی یا تعوصبی واقع بیأنی نِشہٕ بچاوان افسانہ چھُ بُنیادی طور حقیقتکہٕ تلاشُک عمل آسان۔ عملس دوران

نہٕ عملہ کٔسِ آخرس پیٹھ نچر بک ٹیس انہار لِکھاں ٚرس انتھ پیٹھ شہ چُھ تھدِ پایہٕ کِس ادبس زٕہم دِوان۔ یمن افسانن مقصد گوڈے طے آسنہٕ سٟتؠ منٛز چُھ صاف باسان زِ افسانہٕ نِگار چھکہٕ لیتھ ناوان لیتھ ناوان اَنجامس واتہٕ ناوان۔ باقے چھ یتھ افسانہٕ کاشہر مارٕمولا وٕژھناوان لبنہٕ لِوان نہٕ بلکہ ماڈوییٹڈ باسان۔ یتھ ضمنس منٛز ہیکو مُشتاق احمد مُشتاق سٕندی "یتھ واوٕ ہالِ" "میٛتٕر ہنٛز ماے" "راون تیوٚل" تہٕ بیٚیہٕ داریاہ افسانہٕ تتھ اوتار کرشن رازدانُن "داہ لچھ روپیہ" تہٕ۔ یمن منٛز چھ گوڈٕ پیٹھے باسان زِ افسانہٕ نِگار چھ کُنہِ مخصوص مُدعاہس تابع۔ مُشتاق سٕندین افسانن منٛز چھ مُدعا (motive) بٕڈِتھ تہٕ بوٚلِتھ موٚجود۔ داریاہن افسانن منٛز چھِ تِم بیان دِوان تہٕ وِزِ وِزِ یاد پاوان زِ نوجوان آسی سماجُک نِظام بدلاونہٕ خاطرٕ بنٛدوٗق تُلان تہٕ ہٕٹن پنٕنہِ نہٕ کاشرِ میٛتٕر تِتھ ژراوٕنی۔ کاشہ کاشہ بٕٹہٕ زنان مار یوکھ تہٕ توٚنہٕ کیا گیوو۔ ماڈوییٹڈ افسانن منٛز چھ افسانوی عنصرُک بنیادی منطقی تہٕ باقے چھیپہٕ لگان۔ "جلہِ ہیٚنٛدی ڈنٛڈہٕ پھلی" (اختر) ہس منٛز چُھ بی ایس ایف اکھ افسر جلہِ ہیٚنٛدِس بُڈِ ماٛلِس کرفیوہس منٛز سٹرکِ اپور ترنٛگُن اِجازتھ دِوان مگر ڈیوٹی بدلنہٕ آمُت بیاکھ افسر چھُسنہٕ واپس ترنہٕ دِوان۔ جلہِ ہیٚنٛدِس احتجاج کرنس پیٹھ چھُس بےواپہٕ مار دِوان۔ (یا مارِتھ ژھنان)۔ افسانُک ماٛلو چُھ پلیسک ظُلم ہاوُن مگر تمہِ سٟتؠ چھ بُڈِ ماٛلی ہٕنٛز ٹریجڈی پتھ گژھان۔ سڑکِ پیٹھ چُھ شہ کوٗرِ ہیٚنٛدی ڈنٛڈہٕ پھلی ژھانڈنہِ بہان۔ امہِ ہنٛگتہٕ منٛگہِ حوالہٕ کنہِ چھ شہ الگ تعلُق ہیوان نہٕ افسانہٕ چھُنہٕ ماٛلی ہٕنٛز ٹریجڈی باوان نہٕ چھ خود جلہِ سٟتؠ سپدیمٕژ زیادتی ہیٚنٛدے موٗثر اِظہار کرِتھ ہیکان۔

"داہ لچھ روپیہ" تہٕ چھُ مالِو سٕرِس آسنہٕ کنہٕ ٹاسرٕ تہٕ اغبارٕکی بیانہٕ ہیٚتھٕ بنیومُت - ورگہٕ اظہار چھِپنہٕ بذاتِ خود افسانہٕ خاطرٕ کانہہ سِٹھاہ فایدٕمند ول تٕیس ورناونہٕ ہیٚتہٕ افسانہٕ کِنہِ اثرس اضافہٕ گژھِہ۔ اگر افسانہٕ نِگارٕ سُنٛد مُدعا بلا ضرورتھ تھدِ ہیٚٹِ بولنہٕ آمُت آسہِ تیٚلہِ چھُ ورگہٕ اظہار افسانس واتہٕ ناوِرس ٹھرٕ کہ پادٕ کران۔ امی مالمُوہی ہٕنٛدی زٕ افسانہٕ ہیکو کہ اسی بطور مثال نیتھ "دلیل دیدٕ مٕژٕ ہیٚنٛرٕ چھُ بڈتھ تہٕ بولتھ یہ شیٚچھ ونان زِ کاشرٕ ین ہیٚنٛرٕ ترقی تہٕ پاپرجایی اس انساۂزیتس قدٕرٕ کرن والین اصولن تہٕ اصولی انسانن ہیٚنٛرٕ ہادِ مٕژٕ ونہٕ پکنس منٛز لل تہٕ نُندٕ ریشی ہِوٕ سنت صوفی اسی یمن قدرن گوڈٕ بران تہٕ ییٚلہِ تمہٕ ہیٚنٛہِ وارکی گرِکھ تو وُزِھ ودہٕ لہٕش۔ یمہٕ قدرٕ چھے السیوئیوٹلا ہتناہی انادانِتہ) تہٕ یمن ہٕنٛد علمبردار تیس منٛش اوس نس اوس انگن پیٹھ اوم تہٕ اللہ تہٕ علیبہٕ ہٕنٛد نشانہٕ گُھنتھ۔ یہ کتھ ییہِ ہے شاید بہتر پاٹھی اکِس پرد لایِل مضمونس منٛز ونہٕ۔ افسانہٕ نگارن چھِ کردار تہٕ واقعات ٹھرِ مٕتی مگر مولہٕ مُدعاہک دباو چھُ یوت کہ افسانہٕ نگارس چھُ باسان بونہٕ نل بیہتھ دیدِ مٕژٕ ہیٚنٛرٕ بونہٕ ژٕٹنچہٕ تہٕ منٛشہٕ ہٕنٛدِ محبتکہٕ پیغام چہٕ کتھ ہیٚتہٕ یوت چھِپنہٕ مُدعاہس ترسیل گژھان۔ مذہبن ہٕنٛدِ یکسانیتک بیان دِین چھُ تس ضروری باسان۔

مالمُوہی ہٕنٛدے بیاکھ افسانہٕ چھُ "بیٚیلہِ پژھہ راو"۔ افسانہٕ چھُ مولہٕ انسانی کمزورین ہیٚنٛزٕ وکھنے کران۔ مالِس ماجہِ چھُ تس نیچوِ سٕنٛدِ کھانٛدرک شوق تٕیس تہٕ سکار چھُ۔ نوکری کرن وایجنی نوش چھے سہ فند ٹھابہٕ چھپٕراوان تٕیس اکھ کُن مالِس ماجہِ ہٕنٛدِ مدتہٕ ہیٚتہٕ بنیومُت چھُ لڑکہٕ چھُ اپٕز وِنان زِ تس گرٕ کھ کشیرٕ تبدیلی تہٕ اوٚکنہٕ چھُ ضروری زِ سہ ترا وِ نوکری نہٕ کہِ بندوق تہٕ دہشت کِس ماحولس منٛز نوکری کرنہٕ کشیرٕ گژھِہ۔ مگر نُو نوش

چھس دپان گژھہٕ کرے ژٕے چھمایتھ ۔ کٲشرِ ژٕلۍ ہنٛین ٹکن کم مسلہٕ گیہٕ پٲدٕ ہۄمۄل کین پرِوارٕ رِشتن پہاس بیۄن چھُ اکھ بۄڈ مسلہٕ ۔ اِقتصادی طور گیہٕ تم داریاہ ہنہ ۔ ہِتھ مین نۄن وُریٖن گیہٕ ہیتہٕ بدٕ مُلازِم زٕایر مگر نۄو لوگکھ نہٕ اکھ تہٕ ۔ ہیارٕ ماگژھہٕ سماجی زِندگی رِوژہٕ رسم رِواج کھانٛدر کھٔندر رۄدی چلہٕ وِنی ۔ سمٲجی زِندگی ہنٛدِس اتھ پسِ منظرس منٛز اِنفرادی زِندگی ہنٛز ٹریجڈی ، زِہتراون وول یہ افسانہٕ چھُ ورگہٕ پاٹھی تہٕ سوٗرے وِنان یہ پلٹھی زِد کٲشرِ منٛز اتھلین ہنٛز دردناک حالژ ییتھ کنہٕ زیٛہٹس مفہومس منٛز وَنہٕ پیو ہے ۔ افسانہٕ چھُنہٕ یدِتھ تہٕ بوٗلتھ کھنٛز وَنان نہٕ نہ چھُ اتھ ورگہٕ اِظہارک کاتھہٕ وِل فِرورتھ پیوٚ مُت ۔

اَفسانہٕ علاوٕ چھے کیٛتھ تژھہٕ صِنفہٕ یُہنٛد اِستعمال افسانہٕ کس مفہومس تہٕ ترسیلس ہُرِ ہُرِ کرِتھ ہیکہِ ۔ داستان یتھ منٛز مُسلسل بیان اکِس اسلوبس منٛز حقیقی واقعاتن تہٕ خیالی اِستعمالن مِلہٕ میش کرِتھ کرِدار تہٕ اِنسی ڈنٹ تامہٕ پیدٕ مُت چھُ آسان ۔ چھُ افسانس منٛز شعوری طور اِستعمال سپنہٕ مژ ۔ افسانہٕ نِگار چھُ زانِتھ مانِتھ پرِن وٲلِس بُنیادی سوٗتھرِ پیٹھ خاجی سوٗتھرِس پیٹھ والان تہٕ تس پننِس مُدعاہس کُن پکہٕ ناوان ۔ مگر پرَن وٲلِس چھُنہٕ زانہہٕ مشان زِ سہٕ چھُ افسانہٕ نِگار سٕنٛدِس کھُر گرِ مِتِس دُنیِہس منٛز خالص داستانس منٛز چھُ بوزن وول شروع پیٹھے بدٕ ہہس منٛز واتہٕ ناونہٕ آمُت آسان ییٚتہٕ قدرتی تہٕ قدرتہٕ ہیٛرِم کرِدار تہٕ تہنٛز قعہ وتھہٕ معمول چھِہ ، اِتفاق تہٕ مُتوازی صوٗرت حال واقعاتن حسبِ منشا سِمتس کُن نِنہٕ خاطرٕ مددگار ثابت سپدان چھِہ ۔ بوزن وول چھُنہٕ داستانکِس

غارٕ حقیقی ماحولس سوال کران۔ اَفسانس منز ییٚتھے داستانُک اَسلوٗب اِستعمال سپدِ تمہِ کِس جوازیتھس پیٹھ ہیکہِ باضابط بحث کرنہٕ یِتھ۔ مثلن ہردے کول بھارتی (شاہہٕ ہوٗن) بشیر اختر (ہوٲیی حادثہٕ) تہٕ نذیر جہانگیر (مسلہٕ) چھِ داستانُک اَسلوٗب وَرتاوِتھ کِتھ نوٚ جہت دِوان۔ بشیر اختر چھُنہٕ داستانٕکی بیانُک تخلیقی اِستعمال کران۔ بلکہِ داستانہٕ اندر دوٚن ترِن متوازی لَنجن ہِنٛدِ آہنگ اِستعمال کرِتھ مقصد پراوان۔ "ہوٲیی حادثس" منز چھُ تس اکِہ المناکھ واقعہٕ کِس ابساڑ ردِعمل ہاوُن یُس زَن سانہِ زِندگیہِ منز موٗمول بنیومُت چھُ۔ امہِ خاطرٕ چھُ سُہ ترِے مختلِف ردِعمل ہاوان یم ریڈیوہَس پیٹھ یہِ خبر نشر سپدنہٕ پتہٕ ترِن مختلف گرن منز سپدیہِ۔ ترشوٚنی منز چھُ امہِ ٹریجڈی بدلہٕ افسانہٕ ہِنٛدِ بدلوٚنِن رِشتن (خود غرضی تہٕ رِشا) دوٚن ہاوِتھ اکھ ابساڑ صورتِ حال دوٚن ہاونہٕ آمٕژ۔ سوال چھُ زِ سنجیدہ واقعہٕ کِس یِتھ ہیٚو مضحکہٕ خیز تہٕ غارٕ سنجیدہٕ ردِعمل ہیکہِ ہے زیادٕ بہتر پاٹھی تہٕ زیاد شِدتہٕ سان اَکِس لَنجہِ منز بیان کرنہٕ یِتھ مگر تتھ منز آسہٕ داستانٕکی اَسلوٗب ورتاونچ سیٹھا گنجایش۔ امہِ بدلہٕ چھُ سُہ ترِے متوازی لَنجہٕ تہٕ دِتھ مفہوٗمچ سنجیدگیہِ منز مِزاح تہٕ پاد کرُن یژھان۔

ہردے کول بھارتی چھِ زبانۍ تہٕ اسلوٗبہٕ ورتاوِک سیٹھا باشعور فن کار۔ اَمی سٕنز داستانٲیت چھِنہٕ کُنہِ ڈیکچ شِکار آسان۔ "شاہہٕ ہوٗن" چھُنہٕ اَمیک اِستثنا بلکہِ اتھ افسانس منز چھُ کینہہٕ تیژھ علامژ تہٕ دوٚن تلیمژ یمو سٕنز کاشرِ اجتماعی شعورس پیٹھ نتھ واریاہ مُصنِفو اِستعارٕ کوٚر۔ مثلن بوٗنی چھِ کاشرِ شیہجارچ

دِلچٕہ کُشادگی تہٕ لولکہِ تسلیٖلِچ علامتھ۔ اَتھۍ مۄلس تل چھِ شاہٕ ہوٗتی سمان نہٕ مگر کھوان یہِ افسانہٕ چھُ کأشرِ تواریخ چہِ اکہِ اَزکہِ ہیجأنی دورُک زبردست عکاس حالانکہِ امہِ مقھامُک کانٛہہ بیان چھُنہٕ افسانہٕ نِگار پانہٕ دِوان۔ دٕلیلہِ ہنٛدی مأحول تہٕ طرزِ بیانُک عوٗنصر مثلن یہِ دوٚن ژرن جاین وُنن زِ "یہِ سپُد تہٕ سپُد آگرے" یا "سٕہلاب ییہِ تہٕ اسہِ سارِنے نیہٕ ڈٔہتھ" ییم چھِ افسانٕچ سٔچوییشن ازکالہِ منٛز کڈِتھ eternity منٛز وانہٕ تاوان۔

"مُسلہٕ" (نذیر جہانگیر) تہٕ چھُ داستانہٕ ہنٛد تخلیقی اِستعمال کران اَمِکۍ کِردار بادشاہ، وزیرِاعظم، سِپہ سالار، لُکھ تہٕ رٔیتسل موہیو چھِ ٹاکارہ پأٹھۍ علامتی معانے نھاوان نہٕ سماجی تہٕ سیأسی ماحولس پیٹھ زبردس طنٛز کرنس منٛز افسانہٕ نِگارس بکار یوان۔ بادشاہس چھُنہٕ محلہٕ ژانہٕ کینہہ آدمی مُسلہٕ کینہہ پردن ہنٛدِ سہ پھکھہِ یوان یُس مُسلہٕ لُکن وۄتھمت آسان چھُ۔ سہ چھُ چھیکرس اَکِس زہرک موہنو ہنٛدِ پوشہٕ مُشکہِ ستہٕ مران۔ اِشارہ چھُ ٹاکارہ نہٕ کینٛہہ زیادے یہن سہل مارلِ کڈنہٕ خأطرِ دِنہٕ آمٕژ ییمہِ کِنۍ افسانس منٛز واضح مأٹویشنُک عاب پأدٕ گوٚمت چھُ تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ اَستھتی ہنٛد داخلی کشمکش افسانس ٹاٹھر بنہٕ نِش بچاوان۔

حقیقتہٕ پیٹھ شروٗع کٔرِتھ منتأسی کُن پکن والین افسانن چھُ سہل انگار ریوایتی بگتہِ منٛز ییم گژھنُک غلط آسان۔ شروٗعاتی ہنٛدی اوردٕ افسانن منٛز اوس فنتأسی یا غأبی صوٗرت حالس منٛز کردار واتناوان۔ افسانہٕ نِگارِ سُند اکھ موثر ہتھیار۔ یہ اوس نلیش

بیکہ پاٹھۍ حالہٕ چہِ اِستعمال یہِ ماضی یا مُستقبلک ڈکھ کران تہٕ اکھ موزوٗن جواز ییتھ پیش کران مگر ازکل چھِنہٕ افسانہٕ نِگار فنتاسیہِ صرف جوازی ییتھ خاطرٕ اِستعمال کران۔ تس نِش چھہٕ یہٕ حقیقتس زوراوٗر بناونک ذریعہِ۔ کِردار تہٕ واقعہ ییتھے حقیقتہٕ منٛز خالبس کُن گژھان چھہٕ تہٕ چھِنہٕ حقیقتہٕ نِشہِ ژھینہٕ گژھان۔ حقیقت چھہِ تس کھوٗرن تل زمینہٕ ہِندۍ پاٹھۍ مظبوٗط سہارہٕ ہیٚنِتھ موجوٗد روزان۔ ہری کرشن کول تہٕ اوتار کرشن رہبر سٕندۍ افسانہٕ (بلتہٕرِیب "ہال" تہٕ "ژھاے") ییم پیٚتی مس دٔہلس منٛز آے چھہِ دوشوے افسانکہِ فنکۍ اعلا نموٗنہٕ۔ دوشوٚنی منٛز چھہِ افسانچ سِچولیشن حقیقی سوٗتہٕ پیٹھ فنتاسی کُن

رسہ رسہ پکان ییتھ زِ دوشونلو ونت مسلہٕ چھہٕ زیادٕ شِدت پراوان گژھان۔ ہال افسانس منٛز چھِنہٕ راوی لیس ڈیدِ ہِندِس شینس مُتلق گُدرِس تجربس ستی برابری ییلہِ زنانہٕ بڈِ تس پانس شینک پھنب ہیٚو نرم تہٕ اوٗیل روٗپ ماٲرۍ منٛز تہٕ وُشنیر سوٗس تصوٗر ہیٚنِتھ روٗمانی خابن منٛز واتہٕ ناوان اوس۔ اُتی ژگ تمہِ وری یہِ شینہٕ تھوسین پیٚونے تلہٕ کنٛزٕ تہٕ لکن لوٗگ نوٗنس کنٛہ کوٗش۔ راوی دراد دیدِ ہیٚتھ ساٲرۍ ہے لتھ دِتھ تہٕ رِکن گژھہ ھنۍ دوت تتھ جایہِ ییتہٕ نبس نار تہٕ پتھرِس برٛزی وانٛج تاو گامژ اوس۔ تنتہٕ گبہِ تمن ساٲرے اہمیتھ ختم۔ وتہِ وٚونہٕ تس زِ بیٚتہٕ سیرین چھِسہٕ بہٕ پیٚنی مرضیہِ کھسان یالو سان۔ بہٕ چھس نہٕ سُہ لیشنر توہہِ ہال چھو نکیاز بہٕ ییمہِ آمہِ پیٚنہٕ گنٛڈِتھ پتنگکۍ پاٹھۍ اسمان واتنہو ونت اوسہٕ ہس سُہ ژھیوٚن۔ لکن ہیٚوٗٹ نہٕ سِرہٕ سٕند وُنن تہٕ کیازِ تمن اوس نارچ تہٕ تاپچ ہال گامژ۔ شین چھاوٕن والین چھِنہٕ وُنِستام ہال گامژ پانے گژھکھ وار وار۔۔۔۔"
وُچھوے تہٕ افسانس چھہِ کِردار تہٕ واقعہ شروٗع پیٹھے تلا ییتھ زیادٕ باسان حالانکہِ تِہُند

دلوہار تہٕ ورتاو چھُ بِلکُل اَنلب تہٕ رلوٕ آہتی بیانیہ افسانک ہیتھٕ ۔ بلکہِ وٕنِن پتھر زِ افسانک موٗلہِ نِرہٕٹو کرِدار چھُنہٕ ہنٕز گوٗمت ۔ وُچھن چھُ زِ آخرس تام واتان واتان چھُ افسانہٕ بِنیہِ تمہِ نیم فنتاسی ماحولہِ منٛز نیرتھ واپس کرِدارن ہنٛدِس حقیقی عالمس منٛز واتان ۔ راوی چھُ ونان زِ تس چھے تاپہٕ ترٛیرٕ ج ہال ہیٛر پٔھر گژھان ۔ یانے زِ اگر سِریس ہنٛز گفتگوٗ ہُک صِرف علامتی معنی تہٕ نمٕوٗ یہ زِ سِر یہٕ ہنٛدِ وہمیہِ علاوٕ تہٕ ٹنک وجہ چھُ زِ لکو کوٗر نہٕ سنٛنن تہٕ فقیرن ہنٛزن کتھن غور تہٕ توٗے آو زمانس طلاطُم تہٕ اُچھن گوٗو پچہِ پھیٚر، توتہٕ چھُ افسانہٕ صاف تہٕ شفاف ۔ ورگہِ اظہارُک مدد نہٕ ورٔے ۔

یِتھے پأٹھۍ چھُ رتہٕ ہیٛر سُند افسانہٕ "ژھاے" تہٕ ۔ اَتھ منٛز چھُ کتھِ تیتھ معنا زِ خیالی پیچویشنہِ منٛز گژھتھ تہٕ چھُنہٕ اَتھ ہنٛز جلال راوان ۔ اتھ منٛز چھُ کٔشیر زِ لنس پیٹھ مجبور کرِدار پننی ژھایہِ ہنٛز گفتگوٗ ہس منٛز آوراونہٕ یوان ۔ گفتگوٗ ہُک نتیجہ چھُ یہ نیران زِ توأریخس منٛز چھِ کینٛہہ تِتھۍ واقعات اِتفاق گژھان یم بڑٕ تہٕ اہم ماننہٕ یوان چھِ ۔ تِمو واقعاتو ہنٛز چھُ کُنہٕ مُلکُک نقشہٕ پتھ بدلان زِ اکثر لُکھ چھِ تِتھ خوش آیندہٕ تہٕ قابلِ فخر مانان ۔ اما پوز ییٚن کینٛژن جما آژن کینٛژن لکن ہنٛدِ خاطرٕ چھِ تمی دوہہ بدقسمتی ہنٛد دور شروٗع گژھان ۔ شاہ ہمدان صابنہِ آمہٕ ہنٛز بدلیو کٔشیر ہنٛد توأریخ مگر رلوٕ اینی یاسانن پٔژھ تہٕ اعتقاد تھوان والین ہیوتُن وار وار ڈوٗ لگُن پتھ از شیٖعہ ہنٛز دہری تِہم اکی پیٚھوٕ کرِ ہنٛز وڈاونہٕ آیہِ ۔ افسانس منٛز چھُنہٕ راوی تہٕ تیٚمسنٛز ژھایہِ ہنٛد گفتگوٗ خأبی حالتُس ہنٛد خیالی گفتگوٗ روزان بلکہِ کرِدار تہٕ اسہِ مضبوٗط بناون والین عنصرن

حقیقی سنجیدگی بخشان۔ "ہال" افسانکی پاٹھی چھُ یہِ افسانہٕ تہٕ فطرتی طور واہراونہٕ یتھ پتہٕ وارٕ وارٕ وونہٕ لوان تہٕ واقعاتی سوتھرِ پیٹھ شروع گژھنہٕ بجایہِ واقعاتی سوتھرس تانی واتان۔ راوی چھُ کشیرِ نیبر وطن بدری ہنٛز حالتھ منٛز کرایہِ مکانہٕ والین ہنٛز کھشکھ بوزان تہٕ بانہٕ پھوتہٕ ہینتھ ڈیرٕ ڈیرٕ پھیران۔ افسانہٕ چھُ تیتھ ژٕتناہٕ منٛز سوورٕچ اُہرٕ باونو زِ یہِ چھُ تیہنٛدِ منٛک اکھ مُسلسل سوال جواب۔

یہِ چھُ پنٛزر زِہتیس منٛز دہلس دوران روٗدی ہری کرشن کول، رتن لال جوہر تہٕ محفوظ جان ہنٛدی افسانہٕ نِگار افسانچ بُنیادی فسانوی رِوایتھ ژھٕرتھ تِمو افسانہٕ لیکھان یمن منٛز واقعاتی حقیقتھ سٔرس چھےٚ۔ یمن منٛز آیہٕ تہٕ ورگہٕ باوژ ہنٛدکر اِمکان ژھانڈنٕچ کھٕتی کوشش کرنہٕ تہٕ کیازِ یمن چھےٚ تِمہٕ ضرورتھ۔ یمن منٛز چھُ تجسُس تہٕ فطری کشمکشُک عنصر موجود آسان یمو سٕتۍ عصری زِندگی ہنٛدی دادٕ تہٕ دگ ووتلیہٕ۔ اتھ ضمنس منٛز چھُ کول سٕندِ "زوٗل اپارٕم" جوہر سُند "آش تہٕ وسواس" "سونچہٕ ضُراو" تہٕ محفوظ جانہٕ ہنٛدی "ژلہِ لار" تہٕ "عطیقہٕ" ہِہوی افسانہٕ قابلِ ذکر۔ صِرف تکنیکس منٛز نوی تجربہٕ کرنہٕ سٕتۍ ہیکو نہٕ اسی معاصر حقیقتہٕ کین سنٛین تہٕ ووگنین دونٛشہٕ دِتھ بلکہِ واقعات پیش کرنس مُتلق پیٹھن اَند رٹین تہٕ چھُ اسہٕ نِنہٕ کرُن۔ محفوظ جان چھُ اندرونی وہمن تہٕ ٹھاکن پردٕ تُلان یمو سٕتۍ کأشرس افسانس واقعاتی رنٛگ برنٛگی آیہٕ۔ جوہر چھُ تمی حقیقژ ہنٛد کُلرٕ روٗپ نٔنرٕتھ ہاوان ییمیُک اِشارٕ کول یارہٕ نبر دِوان چھُ۔ یہِ کنتھ ذرراونٕچ چھےٚ ضرورتھ زِ یتھے جرمن افسانہٕ نِگار فرانٛز کافکاہن افسانس منٛز اِنسانہٕ سٕنٛز نفسیاتی صوٗرژ ممکن حقیقی صوٗرتن ہنٛدی پأٹھی ورتاوِ۔ افسانس گیہِ اکھ نو جہتھ یادٕ۔

اِنسانی شخصِیژ ہُنٛد پٔرزر چھِ سارِوٕے کھوتہٕ محفوظ تہٕندِس دِماغس منٛز تہٕ اِنسانی نفسیات چھِنہٕ کُنہِ ربطس یا منطقی ترتیبس آویزٕ آسان۔ عام بیرٔونی تجربہٕ چھُ سطحی آسان یتھ اَسہِ سمجھدار منطقی تجرُبہٕ وَنان چھِ۔ سطحس تَل چھُ کے یاس (CHAOS) تہٕ سطحس پیٹھ چھُ شوبہِ دار دُنیا تہٕ مایا۔ مایایہٕ ہُنٛد پاس ہیٚکہِ اَمہِ کس ٹھبایی نِظامس وُکر والنہٕ یِنٛتھ دِنہٕ یتھ نٔزی چھُ کافکا کران۔ تہٕنٛدی کِردار چھِ یِنٛدی بوٗدی دُنیاوی لکھ یم اَمہِ مایایہٕ ہیٚنٛدِس کے یاسس منٛز ہیٚنہٕ آمٕتی چھِ۔ دُنیاہس منٛز چھُنہٕ منطق چلان ییٚمہِ اَسہِ یتھ دُنیاہس منٛز ہال چھے نہٕ یُس اِنتہایی رِیاکارانہٕ چھُ مگر ییٚمہِ دُنیاہچ اُچھو ییٚمہِ اَسہِ پننی ہُمہِ دُنیاہُک پٔزربے بُنیاد تہٕ مضحکہ خیز بوزنہٕ۔ اَسی اَسو تِمہٕ پیٹھ نِکباز تنہٕ آسٕن یہٕ اَسہِ پنٕنی بُتھی نہٕ آسہِ سانٕین کامین ترتیب تہٕ جواز۔

کاشرِس منٛز آیہٕ یِتھی کیٚنٛژہٕ افسانہٕ لیکھنہٕ۔ مثلن "تِنٛنیٚ" اِقبال فہیم "ٹھوٗر" اَرجن لال شانت، "جنگ" (چمن لال ہکھو) تہٕ چھُ وُنہٕ پنڈرایہٕ ہُنٛد "اِنتظار" (ہردے کول بھارتی) "نرگہٕ ند" (فاروق مسعودی) کُنہِ متوازی دُنیاہِچ تصویر پیٚش پننہٕ دُنی بیچ حقیقتھ باوٕنی بنیو وارِیاہن افسانہٕ نِگارن ہیٚنٛدٕین اَتھن منٛز اکھ کامیاب آلہٕ کار۔ گُلشن مجیدنی کیٚنٛژہٕ افسانہٕ ہیٚکوکھ اَسی اَتھی فنس منٛز ژرٕ نہٕ۔ "کھشرِ لد ہونٛز ہیٚنٛدِس اردلس منٛز" چھُ اکہِ تیٚ گوڈ تیٚ اَنٛتھ نفسیاتی سفرُک افسانہٕ یُس سانہِ بے ہنگم سماجچ تصویر وٕنٛلاونہٕ۔ غرضے کِردارن ہٕنٛز خارجی عملہِ پیٹھ زیادہ پٔزر چھِنہٕ کران (نہٕ الساڈ کرتوٗتن ہٕنٛز) بلکہِ تہٕنٛدِس باطنی ردِ عملن عکساوان چھِ۔ اَتہِ چھِنہٕ کانٛہہ منطقی سفر تہٕ نہٕ کانٛہہ منٛزل بلکہِ زِندگی ہٕنٛدٕین کیٚشرن گٕنڈٕین تہٕ ٹیٚٹھن پٔزرن ہُنٛد اکھ آنہٕ چھُ پیش کرنہٕ آمُت۔ کِردار چھِنہٕ تِمہٕ یم آگ

سہل پأٹھۍ پننہٕ زِندگیہ منٛز پٔرزنأوِنہٕ ہیکو کھ۔ تِمن چھُہ ناو نہ چھکھ رٔژھ نہ چھکھ بُتھۍ۔ ڈاف ژراوِن وول، ٹھیلہٕ وول، بوٚنلہٕ وول جوان تہٕ درویش چھِہ کھشری دلدہٕ نٛز زِن مأنٛترأدی میٹِہ نہ چھِس دِرے ہیکان کٔرِتھ تہٕ نہ چھِہ تس ستہٕ شأپٕد لگنک پٔنٕن خرابہٕ قسمتھ فلسفاوان۔ تِم چھِہ سموٖیل بیکٹ پٔندین کِردارن ہِندی پأٹھۍ بے وجہ پٔنٕنہٕ آہنٛز تہٕ ہِندوستأنۍ رِوایتہٕ مُطأبِق "ادھم" زاتٕژ ہِندی زیلو یمن نہ پننہٕ حالِ بدٕچ ژٕنناتہٕ چھے۔ مگر تہٕ کٔرِتھ تہٕ چھِہ اَسی ہیٚوی۔ تِم چھُہ صرف علامژ بلکہٕ حقیقتک دیوکھُت تہٕ قأبِل رحم رُوپ پیش کران۔ یِتہٕ ہیکو نہ ڈٔنِتھ زِ یتھہٕ ہیوی افسانہٕ کیا چھِہ سیِٚدِ سیٚود کافکاے انداز کر افسانہٕ بلکہ یہِ ماننس منٛز چھُہ سکانہٕ نامُل زِ اَزکۍ افسانہٕ نِگارن چھُہ پٔنٕن سوٚنچ تہٕ پٔنٕن اِظہار کیٚو اسلوٗب بناونہٕ بٔرونٛہہ پٔنٕن تجربہٕ معامر سوٚنچ تہٕ اسلوٗبہ ستہٕ مُسلح کوٚرمُت۔ سہ چھُہٕ الگ تھلگ زوِس پیٹھ زوٚان مگر یِمیتین تیٛنز زمین کأشر چھِہ تنتین چھُہ تہٕندِ تجربہٕ تہٕ وۄزُم باسان۔ اِظہارہٕ چ چھِہٕ کھتے۔ تسُند فن چھُہ کأشر ذہنا نفسیات تہٕ شخصیتھ مُشخص کٔرِتھ تتھ زلو تہٕ زبان دِنس منٛز یِٚمین زبانن ہِندی اَدیب پننہٕ زبأنۍ تہٕ کلچرس ووتھبو دِنہٕ خأطرٕ تِم تکنیک ورتاوان ووٚن گوٚو یوٚتاہ سکانہٕ زبان تہٕ کلچر بڈان، پھوٚلان تہٕ پھألان چھُہ تیوٗت چھُہ تمہٕ کِنۍ لِکھارین نوی تجربہٕ کٔرِتھ اِنسأنۍ ذہنس زیادٕ سہی عکأسی کرنک جُرتھ یادٕ گژھان یُوٚنأنۍ اسہٕ ہیٚ جُرتھ یِیہ نوٚتأنۍ ہیکو یِیہ پٔندٕ جُرتہ ستہٕ ڈرامہٕ وِنہٕ پکنس ٹھاکھ کٔرِتھ۔

ڈاکٹر امر مالموہی

# بیٚیمہِ دٲہلِچ کٲشُر نظم

بیٚیمہِ دٲہلہِ کٲشرِ نظمہِ ہٕنزِن اِظہٲرۍ ترٲین ہٕنز سام ہیٚنہٕ برونٛہہ وچھو بالکُل سرسری اندازِ زِ بیترِ مین ترٛوٚن دٲہلین ہٕنزِ کٲشرِ نظمہِ ہٕنٛد ہُنر کیا چھُ یتھ یہِ باسہِ زِ بیٚیمہِ صدی ہٕندِ آخری دٲہلِچ نظم کُس انہار چھیٚ پراوان تہٕ کیازِ چھیٚ پراوان۔

ریوایتُک وٕرثہٕ تہٕ تسلسُل چھُ فنی فِکری تہٕ جمالیاتی بصیرتھ پراونہٕ خٲطرٕ ہمیشہ ضروری آسان۔ سائنس تہٕ ٹیکنالوجی یوٚدوے پرگرژ ہٕندین گرٛہٕلین گوشن وُرن تلیتھ نوۍ معلوٗماتھ فراہم کرِتھ نوین ترشنا بدس انان چھیٚ مگر فِکرِ تہٕ فنکر نوٚو اِظہار تہٕ نوٚو تجربہ چھہِ ہمیشہ تھٕہی بتر آتر بیٹھ سپدان یتھ وناں چھہِ۔ انسو سیچ کتھ چھیٚ بر زِ آزادس تہٕ مجبورس پتہٕ چھُنہٕ یہِ باس سپدان زِ دوٚہلیٚ ژوررو شاعرو روس کر کٲنسہِ کٲشرِ ثقافتی ریوایتھ زانیٚچ تہٕ نوٚو انسانہٕ پیاٚشپلاونٛچ کوٗشِش۔ کٲشرِ نظمہِ ہٕندِ حوالہٕ کتھ کرِتھ چھُ مے باسان زِ جدید تنکِس ژوٚلیس منٛزرے یوٚت تہٕ بلکہِ ترقی پسند دورس منٛز تہٕ چھُنہٕ اسہِ عام نظمن منٛز کٲشُر نظر گژھان۔ کٲشرِ نظم روٗز عام پاٹھۍ خوٚلوٚصیِچ گمی ہٕنز شِکار تہٕ سہٕ سوٚ تہٕ آو تہٕ کٲنسہِ اتھِ یِس کٲشرِ انفرادیت آزادی برونٛہہ لگن ہیوٚ تمت اوس۔ شاید اوس گُستام تسلیمان عاصہٕ ہیتھ وٕہ وقتہٕ تہٕ ہٕندِ لولِہِ ناخوفہٕ تہٕ احترامہٕ لگی سارۍ نوٚکٲشرِ

ہُند تأمیر نوٗ اِنسانہٕ کرِنہٕ مگر سوٚتسر رٗود بوٗنہٕ اندری کوٗران تہٕ ییٚلہِ کالہٕ زٕکرن
سُلیمان نِس عاصس تہٕ کھوٗکھر ژوٗن شہ آو چھِٹتھ تہٕ سُلیمان پتھر پیتھے لوٚب
دلوٚد ذریعٕہا کو نوٚو زائن تہٕ پننہِ سحرٕ ستی تالگُھ واوِ طُفان زِلوٗنہٕ گو گرایہ تہٕ سارِنے
یِمن منز شاعرِ تہٕ چھُ گو احساس زِ کٔشیر رود شہٕل اتہٕ امیک ہُنز یادی سارنا اوس سہٕ
سوٚسہرِ داغ یُس ماجہِ کٔشیر پرزلوٗنِس رویس کوٗران اوس مگر یُس سانین نظم نِگار شاعرن
نظرِ آو نہٕ تکیا زِ تم آسی یاتہٕ سیاسی مصلحژن تہٕ نارہٕ بازی ہِندی شِکار یا تہٕ تِمن گرٕی
ہاوِنہٕ موٗجب اکھ گٹنِل تجربہٕ بارسس انان یِیمہٕ نوٗ آگاہی دِنہٕ کیس ناوس پیٹھ پٔرن
وأنِس اکھ ووٚتہٕ منزٕ زٕل - لفظن تہٕ مانیس رود رِشتہٕ نہٕ مُشاعرن منز شاعرن
ہُنذ اکھ اکس "من ترا حاجی بگویم تو مرا حاجی بگو" وَنتہٕ کٔر گو سانین شاعرنا باس زِ
تِم چھِ آکاشہٕ کین تارٕکن مالہٕ گرِتھ نوین کہکشانن گاشراوان۔ اَمہِ آیہٕ گو شاعری تہٕ
سماجس رِشتہٕ ختم تہٕ شاعرن رود قومی اِلفرادِ یژ ستی توٗلق۔ یہِ چھُ سہی زِ شاعری چھے
عام لُکن خاطرٕ آسان مگر یہِ چھے پَرن والین ہِندِ خاطرٕ ضروٗر آسان۔ شاعری منز
ہیکہِ نہٕ سائنسی انادِنتھ اُستھ مگر تہذیبی تہٕ ثقافتی برژر، اکھ ذہنی تہٕ روٗحانی
آنند نہٕ اَمہِ آیہٕ آگاہی ہُند وِسجار چھُ شاعری ہُند مقصد ضروٗر آسان۔ مگر یہِ
مقصد ہیوٚک نہٕ گاشرِ نظمہِ عام پأٹھی اِنزام تہٕ پرٕآوِتھ۔ ۱۹۹۰ء تس تام آس سانین
شاعرن ہُنز پرٔیرنا (INSPIRATION) وِدِہ پر۔ اتھ منز نہٕ اوس سانِس سماجس دخل
تہٕ نہٕ سانہٕ رِلوائیژ تہٕ نہٕ فولہٕ کین توٗأرِیخی وٕطیرن۔ اُردوٗ نظمہِ یُس قومیتک وِتقار
حالی ین، چکبستن تہٕ اِقبالن دِیت تتھ کُن پیٚوو نہٕ سانین نہلہِ پایہِ ترقی پَسند

شاعرن زانٛہہ تہٕ زوٚن۔ وۄنۍ گوو اَتھ نار بٲزی ہٕنٛز شاعری منٛز چھےٚ تِژھہ نظمہٕ
تہٕ یِم اِنسانی عظمتھ تہٕ وِقار، خوٗدشناسی تہٕ امنٕچ، شاعرانہٕ خلوٗصہٕ تہٕ فنہٕ سان کانٛہان
چھےٚ تہٕ تِژھہ نظمہٕ چھےٚ اَز تہٕ ساڑٕ وار باسان۔ نادِمنٕز نظم "جنگ باز جالساز" چھےٚ
امہٕ قسمٕچن کم قلیلہٕ نظمن ہٕنٛز اکھ مِثال۔ جدیدیتکس دورس منٛز آیہٕ یقینن دارِیاہ تِژھہ
نظمہٕ لیکھنہٕ یِمن منٛز شاعرسٕنٛد خلوٗص باوژِ بل، لفظ تہٕ معنیک رِشتہٕ رلِتھ میلِتھ
پرن والِس جمالیاتی تشفی تہٕ فکری بوچھ دِتھ تمہٕ کرب آمیز تخلیقی ژھٕنیک باس تہٕ دِوان
چھِ یِتھ منٛز شاعر گُنہٕ وِہراوِتھس تہٕ خونہٕ جِگرِ ستہٕ سگنٲوِتھس تجربس بے شونکی پاٹھۍ
گُنہٕ تگن گرِی ورٲی زبان دِوان چھُ۔ یِژھہ نظمہٕ تخلیق کرنس منٛز چھُنہٕ فقط نادِم، کامِل
تہٕ راہی سٕنٛدۍ یوت ناو بلکہ چھےٚ یِمہٕ تخلیقی زژٕ دارِیاہن شاعرن منٛز موجوٗد یِہندن تسظم
نِگارن منٛز چھِ موتی لال ساقی، غلام نبی فراق، فاروق نازکی، محی الدین گوہر، مکھن لال بیکس
مکھن لال کنول، رۄشن پوٚنپُر، ارجن دیو مجبوٗر، مشعل سلطانپوٗری تہٕ منظوٗر ہاشمی یِمن ہُنٛد
بیہ تہٕ دارِیاہ شاعر حضرات شامِل۔ گھرٕ دار تہٕ ووٚلہٕ دولہٕ معاشرس منٛز یُس اوٚصوٗلن تہٕ
قدرن ہُنٛد مانے روود مت چھُ تہٕ اِنسانس یُس لتہٕ مانڈے تہٕ آنہٕ مانہٕ ذِہنی تہٕ
روٗحٲنی سۄتھرس پیٹھ سپٕز تیمٕچ نار شخصی باونہٕ چھےٚ ناوہنٛزٕ منتھو شاعرو علاوہ نِشاط انصٲری
چمن لال چمن، موہن لال آش، سومناتھ وِیر، شفیع شوق، محموٗد سیلانی، جواہر لال سرور
رفیق راز، م ج ظفر، محمد احسن احسن تہٕ گلشن مجید بیترِ شاعرن نِش تہٕ میلان۔ حقیقتھ
چھےٚ یہ زِ کینژہہ شاعر مِثالے راہی، کامِل تہٕ ساقی چھِ غیر شعوری پاٹھۍ رلوایتھ
پیر کھاوِتھ تہٕ پھٹراوِتھ رلوایتھ سازی تہٕ کران مگر اِظہارُک حد کھوتہٕ زیادٕ گچھ چھُ

باضے اَنِھ رِلوایَتھ ساٗزِی نظمس مَنٛز راورادان تہٕ زٕ پٮ۪نٛز میٖن ژٕکی ہن ؤرِیٚن مٕشرٕ آیہٕ ترٛپھ گژٕ تام نظمے لیکھنہٕ یِمہٕ شٕر آفاقیتھ ساننِ یِنہٕ والین نسلن گَمٕشراوان روزٕ۔

کُنہِ تہِ زباَنِ ہنٛزِ شاعری تہٕ خاصکر نظم صِنفِ ہنٛدِ خاطرٕ چھُ اکھ پوٚت منظر ضروٗری یہٕ پوٚت منظر چھُ امہِ زبانٕ تہٕ اَتھ بولن والین لُکن ہنٛد ثقافتی تہٕ توارٟخی تسلسُل تہٕ ؤطیرٕ فراہم کران۔ شاید چھُ امہِ کتھِ ہنٛد ایحساس تمن شاعرن تہِ ییم اکھِ طرفہٕ پننٮ۪ن نظم سماجی تہٕ ثقافتی فریمہٕ نیبر کڈان چھِ یانے پننِ نظمِ ونہٕ کٔس حدس تام اکھ آفاقی تجربہٕ وَنان تہٕ بیٚیِہٕ طرفہٕ پننِس اَتھ شعری تجربس کُنہِ خاص سیٹنگ فریم دِنہٕ خاطرٕ بوہٕ کُنہِ لیکھنک تارٟخ تہٕ چھِ لیکھان۔ پنٛزٕ چھُ یہٕ زِ بیٛلہِ شاعرس معاشرٕتی شعور بوٚد راوِتمہِ وزِ چھُنہٕ صرف نظمِ بلکہِ زبانٕ تہِ دداہ واتان۔ جمیل جالبی چھُ اَکِس جایہٕ لیکھان، "اَدیبہٕ سٕنٛز گوڈنیُک کام چھے یہٕ زِ تٔس روزِ معاشرٕچ بوز سوز، خیال، عقیدٕ تہٕ تجربٕچ گھرٕ سانگرٕ ہنٛد ایحساس یتھ سہٕ زٕت شعر اَدب تخلیق گرِتھ ہیٚکہِ نتہٕ روزِ نہٕ لفظن منٛز کانٛہہ رِشتہٕ۔"

شاعر چھُنہٕ وعظ خان آسان تہٕ نہٕ لیٖڈر، نہٕ سادسنت تہٕ نہٕ سیاست دان، نہٕ سماجی اِصلاح کرن ؤول تہٕ نہٕ ونہٕ ہاوُک۔ مگر ؤیانہٕ خیالہٕ چھُ سُہ انسان ضروٗر آسان یَس زخمن تَھپُن چھُ وۄتھان۔ اَتھ تَھپنس چھُ سہٕ زبان دِتھ پٔنٕ بوس پھاٚنٛپھلاوان تہٕ امہِ سٕتۍ چھُ تٔس باسان زِ سہٕ چھُ پننِس معاشرس کیاہ تام دِوان۔ شکسپیر، حافظ لل دید تہٕ غالِب تہٕ تُلسی داس کیا چھُ اَسہِ دِوان تہٕ چھُ اَسہِ موٚلوم مگر تِمو کیا ڈیُت پننِ زمانکِس سماجس تہِ چھُنہٕ کم اہم کتھ۔ اَدے چھُ اکھ نقاد لیکھان، "یہٕ کتھ پٔزٕ نہٕ زانٛہہ مُشراوُنۍ زِ صِنعت مَنٛدٕ تھنٛدٕ یس منٛز چھُ بٔڈ پایہٕ شاعرن کلچر تہٕ تاٗریخی

سۆتھرِس پیٹھ پنٕنین ہم وطنن کیٚنژہ نتہٕ کینٕژہ ضۆرۆری دِیُن آسان"۔

ووٚن یٚتھ جایہِ ووٚزمٕشیک کاربار آسہِ نتہٕ کُس ثقافتی سۆنتھ ییہِ گنڈنہٕ۔ مثلاً خیالہٕ گِیہِ کاشُر نظمہِ ادل نہٕ وٚدل، گاہے گاسہ مارکسی ناوِ پزنٲلی تہٕ گاہے بودلیر بیشترِ سٕنٛز زُلفہٕ ہٲنکل۔ پٕنٛن اثانژہ تہٕ اثاثہِ سۆر نہٕ زانٕنہِ۔ پنٕنٛز ووٚجودیت پرکھاو نہٕ زانٕنہٕ نہٕ شہادژ دِژ سارٕنٕرے سٕنٛز۔ حالانکہِ دوٚشوے چھِ سارِنٕے کاو ہینہِ وول مانان۔ فرق چھُے یٕژٕرے یاٗتژ زِاکس جایہِ چھُے پہٕ مثبت قدر بنان نہٕ بیٚیس جایہِ منفی۔ باوٕژ بلس لوچھرِ دِنہٕ خاطرِ یا اتھ ساوٕر دارِ پر دِنہٕ خاطرِ چھُہ شاعرس کانہہ تہٕ متھ وٕرتاونک حق۔ کتھ چھُے فقط یٕژٕرے یاتژ نٕہ تمہِ سندِ اظہارُک مواد تہٕ رُوی یہِ چھاتس پٕنُن کینہہ ووٚپر۔

اسلوب ہٕنرٕ تہٕ فارمہِ رنگ چھُے کاشُر نظم پتہِ میٚن ژٕ تجھن ورِہین کافی پرتھیاو مگر یٚتھ بدنس نیبرِ کٕنی سازِ سنگار نہٕ گاوٚ گنٛھ کرِتھ چھُہ نتہٕ منٛز نہٕ چھُہ افرُوٹ تھرزہ نہٕ ووٚلرُگ سنٛبر، نہٕ آگر گرُزُن نہ وٕنٛنہِ ہٕنٛد سحر کرُن تہٕ نہٕ تسلسُل۔ اتھ صحراوس منٛز چھِ باقے کینٕہہ پوشِہ تہٕ چھکرِتھ پوشہ ووٚتھر نظرِ گژھان یمو سٕتی اَمِچہ زِندگی ہٕنٛد باس چھُہ لگان۔

یِنہٕ ڈیٚلس منٛز لوہہ کاشُر نظم لیکھنہٕ آیہٕ بہٕ چھُس نہٕ تمہِ کُس معیارس پیٹھ کنٛہ کران مگر یہِ نظم دٕورِیہِ دوٚزمکہِ تجربہٕ نیبر۔ حقیقت چھُے زِ سانہو شاعرو یم موضوع تروٚنہہ ژاٗرِ نہٕ ہٕنٛد اوسہٕ کشیرِ منٛز وٚوجودُے۔ گوڈٕ کرِ سانہو شاعر سماجک تہٕ اَمہِ کین رنگہٕ رنگہٕ ووٚلابن ہٕنٛد مکری اِحساس مُتراوِتھ مارکسی عانکھ لاگنہٕ موجب خیالی جاگیردارن، ظالمن تہٕ چینگیزن ہٕنٛز کتھ تہٕ ووٚتلوٚوکھ تہٕ اِحساس زِ نتہٕ کشیرِ نِم ساری دکانہٕ گمٹی اَسی، ہم بورپس عالمگیر جنگو، انقلابو، انسان باگنے، نوآبادی نظام

چھٹہٕ مشینن ہُنٛد غوٗلام بننہٕ تہٕ سائنسی ترقی کنہٕ باگہِ آمتی آسی۔ بیٚیمہِ دٔہلیچ کاشُر نظم دَرایہِ اَمہِ نیمبر تہٕ یہِ شاعرن پانس اَنٛدرٕ یکھ ڈلیٚوٗنٛٹھ تتھ دِژن فنکارانہٕ نوٗلوٗصہٕ ہتی زلو۔ یہِ شاعری چھےٚ میٚیژر ہیٚنٛز مُشکھ ہیٚتھ شاعر سٕنٛدِ تجربچ بادنھ۔ کنھ چھینہٕ یہِ سرکٕرنٛز یہِ تجربہٕ چھا آفاقی کنہٕ لوٚکٕ حرٲنی۔ کنھ چھےٚ فقط یہِ زِ یہِ سوٗرُے چھُہ شاعر سٕنٛدِ وُچھمت ژِترمُت تہٕ انداز کوٚرمُت۔ اَتھ تجربس منٛز چھُہ پرن وول تےٚ شوٗنکی پٲٹھی شریک سَپدان تہٕ تس چھُہ باسان یہِ کینٛژھا سہٕ پران چھُہ تہِ چھُہ تس پانس ہِسوٗس بیٚیہ کأنسہِ کاشرس تہِ باگہِ آمُت۔ پیٚتہٕ پیٚیلہِ سٕہ دوٗر تام نظر تراوان چھُہ تس چھُہ لوٚریس پ تہٕ ایشیاہس منٛز وارٕہیٚن قومن یِہے اَدرٕ کھل گژھان درٕ نیٚمٹھ یوان۔ کاشرس شاعرس چھُہ پنُن بُتھ، پننی رِلوایتھ تہٕ پننی اِنفرادیتھ راوُنک ماتم تہٕ یہِ ماتم چھُہ تس باقنے اِحساسہٕ کِنہِ چھیعن لوٚلہِ مَنہٕ لاے کرناوان تہٕ تتھ دگہِ گرٲکُنلہٕ ناوان یوسہٕ ہیتھ دٔلس تام کاشُر شاعر زانہِ ہے نہٕ۔ بیک وقتھ چھُہ تس کنبر تنہائی تہٕ خوف۔ یہِ تنہائی تہٕ یہِ خوف چھُہنہٕ خیالی۔ شمہ سٕنٛد رُم رُم چھُہ امہِ ستی کانپان تہٕ ترہران۔ وِمہ میٚیزن ہٕنٛد لوٗسن ہارس ماگ گژھن، ژھینٛچ موٗیوٗسی تہٕ رلہٕ نکی چھیعکھ یہِ سوٗرُے چھُہ بیٚیمہِ دٔہلیچ نظم جان پأٹھی بد کرڈان۔ بیٚیمہِ دٔہلیچ نظمہِ چھُہ یوہے تیوٗل لاوُن تہٕ موضوع آسی تن کانٛہہ تہٕ دریٚپردٕ یا اَنتی پأٹھی چھُہ نظم نگار اَتھ جٔہل تیٚلس بیک وقتھ مُہلامہٕ تہٕ لاگان تہٕ گرٲکٕ تہٕ تُلان۔ کینہہ مثالہٕ:—

کھیے اندر پیمش لاشا چھےٚ گُمہٕ شنٛز     چھےٚ پھٹہٕ لاے آشایِن یہِ گمہٕ شنٛز
پیمتی ایوان اِنفانکی چھہٕ پیٚتھرس     گُنٛدہٕ گانٛڈی کیازِ گھتی متی بوٗمہِ سارس

دُچھان سٲری مگر جوٗ رتھ نہٕ کانٛسی    نٕژان دُنیاہ مگر فُرصتھ نہٕ کانٛسی

اما کانٛہہ حاتما گژھہ ناسٲ بیدار    چھہٕ حاکم ژوٗر تُونٛے تھ گُھری دار

(نیٖول ۔ ارجن دیو مجبوٗر)

مےٚ چھیٚہ زنہٕ ژتِس تمہٕ دگرٕچ کنھ    یہ چھےٚ پرانٛز کتھا پرنھ ساعتہٕ چھےٚ نوٗ

یتھِمہٕ شہرن وُچھ کم رنگ بدلان    یتھِمہٕ شہرن وُچھہ کم شام ڈلان

(ڈایری ۔ فاروق نازکی)

مگر بدنٛصیبی سَبزٕ نیوٗ جہارَد

گُرُٹ آب میانِس دِلَس آہٕ خانہٕ

پشُر نم بہارَنا ۔

(اسوٗنتھ ۔ فاروق نازکی)

کیا سا بنیہٕ زانٛہہ رتہٕ کھسہِ نا گاشہٕ نارکھ بالہٕ پینٛو

بانگہ دیہٕ نا بانگ سحرٕچ مُشدِ مُشر ووہٕ ژِ زِہٕ شیٚہ

کیا شہ مندرک شنکھ روزِ یا اَچھرِس دَم چھٹی دوہے

کیا شہ پگہنک دوہ تہٕ آشیا اَخرِس منحوٗس یِنتھ

(ارمان ۔ جواہر لال سرُوٗر)

موتی لال ساقی سٕنٛز نظم "مشدوٗد" چھےٚ رژھ کھنڈ بروٗنٛہہ تھےٚ ۔ کاشرِ انفرادیتھ راوُنک یہٕ وُنتھ ماتم کران زِ مشدوٗدِ مشر روزن والین چھُہ اَحساس زِ مشدوٗدِ چھہٕ ہنگ تہٕ پنٕر تہٕ اٰہتِر تہٕ ملنگ تہٕ چھوٚچھیمتی تہٕ نیس تہٕ الہٕ شیٖرِ تلہٕ پکان چھُہ نہٕ چھُس کنہٕ گنٛہ کُدان ۔ گ

گُرِتھ تہٕ چھُنہٕ پانس یہِ برٛم دِوان زِ یہٕ منٛدور پێٚلوٚگن تہٕ ہنٛدی دۄہ تہٕ نیرنس پتہٕ تھَو

موتس گن چھکھنہٕ نظرٕے یُس پتہٕ راران چھکھ ؎

بہٕ پێٚے وٲنٛسن پتہٕ دلوٚ دۄہ سٲنی نیرن  اُچھن تل آور ہێنز چھکھ اَس اَدٕرِتھ

(منٛدورِ - موتی لال ساقی)

تہٕ شاعرٕ سنٛد وٲراگ چھُ ییٚمہٕ آیہٕ کاڈ کڈان ؎

وُنہٕ گاشہٕ چھےٚ ژٕے ییٚتھ شپنہٕ شہرس  وُہێتھ گوسریہٕ اتھ کیا چارٕ سوٚچو

ژۄہ پاسے آور ہێنہٕ دِہ وَلنہٕ آمُت  کرٕو کیا شاہ ہێنس گاشہٕ چھےٚ کامن

(وٲراگ - موتی لال ساقی)

کشمیرِیت وُذٕ توٚ یا اِنفرادِیتھ، پٔرزنتھ وذٕ توٚ یا بُتھ، اتھ اَس سِیاسی تہٕ افسر شاہی ستوتھرس پیٹھ شروٗنٛھے آنہٕ مانہٕ ہیٚپنہٕ مژٕ۔ زمانہٕ ساز تہٕ سماوہ گاٹلۍ اَسی پننہٕ پننہٕ معلمۍ موٗجب اتھ سیر سیر کٔرِتھ محدوٗد تہٕ پانس ویہٕ وۄنا مانہٕ کران۔ کیٚشرن خاطرٕ اَس اِنفرادِیتھ فقط ۔۔۔ کیٚشرن خاطرٕ تہٕ روٗشن ہێٚچ سِیاسی پوزیشن تہٕ کیٚشرن خاطرٕ یِمن کاشُر زبانۍ ہێنٛد اکھ یقین اوس اَس تہٕ کاشہٕ کاشر اِنفرادِیتھ تہٕ نہٕ کاشہٕ توٲرِخی تسلسل۔ تِم اَسی ژۄدٲہمہٕ صدی شروٗنٛھس پتہٕ چیٚزن تہٕ تصورس انہٕ گنٛڈِ مانان۔ کیٚشرن خاطرٕ اَس کشمیرِیت کوٗنگ کانگر تہٕ تٲلین تہٕ سیٹھا کم لوٗکن اوس وۄدن یہِ تصور زِ کشمیرِیت اَس کاشرِ ہنٛدِ لسنہٕ بسنہٕ تہٕ دلوٚ ہارک وٕطیر تہٕ اَکس مُسلسل توٲرِخی تہٕ ثقافتی رِوایژ ہنٛد آنہٕ ییٚتھ منٛز ساٖنی پٔرزنتھ پٔنٛن بُتھ وُچھِتھ ریٚس لبان اَس تہٕ یہِ ساہِ روار ریٚس باگراوُنک وسیلہٕ اَس فقط کاشُر زبان۔ امیٚک نتیجہٕ ڈراو زِ کشمیرِیتُک بُنیادی رۄحانی تہٕ آفاقی تصور منٛز اوٚتھ بنیہٕ یہِ فقط ناٗرہٕ بازی ہنٛد وسیلہٕ تہٕ اکہِ راژٕ آیہٕ

دلہِ پیٹھہٕ سرینگر تام اکھ سازش کرنہٕ یِتھ مَنز سارِ سے پرزنٕژ سورٕے بُتھ نہنأوِتھ آو۔ سوٚ راتھ چھےٚ ہندوستانچ تہٕ کشیرِ ہنز اکھ اہم توأرٟخی ڈاتھ۔ اتھ رأژ چھےٚ ۱۵ اگست تہٕ ۲۶ جنوری کھوٚتہٕ زیاد اہمیتھ تہٕ امہِ رأژ ہنٛدی حٲدثاتھ چھہِ بییمہٕ دٔلیچہِ نظمہِ ہنٛد اکھ خاص موضوع تکیاز یہِ چھےٚ کشیرِ ہنٛد سورٕے اتہٕ ہرشر، عظمتھ تہٕ وُسعتھ، جمال تہٕ جلال، اعتبار تہٕ اعتقاد، شان تہٕ شوکت ریتہٕ ترِی کرنک۔ شٕنز کٔرِتھ کاشرین ہنٛد سورٕے کینٛہہ ہایہِ تہٕ ضایہِ، رأسہٕ تہٕ چھٕہو کران۔

تہٕ نارلوٚ لاگی چھکہٕ ٹراوِنۍ ہنگہٕ منگہٕ لٕج پتہٕ وولِنہٕ راتھ
لوٚسہٕ پوٚلہِ بوٚلنۍ اُس سرِ ہوٚ سوٚے لوٚڈِ لٕج پتہٕ بوٚلِنہٕ راتھ
منٛتی آب اوس زلہِ گومُت وو ژومُت ٹھوٚلہٕ دی دی لٕج ٹھوٚلِنہٕ راتھ
گرٕز گرٕزی زیٚنہِ باد ٹہر ژاٹیِ ژاٹی سٹرکن بیٛہِتھ لٕج شوٚلِنہٕ راتھ
لل دید تہٕ حضرت علمدارس بٔرتھ شایہِ حق لٕج نوٚلِنہٕ راتھ

(نورِ پیچ راتھ۔ امر مالموہی)

کینٛژن لفظن منٛز چھےٚ یہِ راتھ اکھ کِردار تہٕ اکھ علامتھ بنان۔ یہِ راتھ چھےٚ اکھ وکھرِ رامائن لیکھان یتھ منٛز ژوپاسے کھہٕ بل یا کھاڈنۍ یار راونن ہنٛد قہر چھہٕ برپا یتی رام چھہٕ ونواس نیٛرنک سَنز کران۔ کینٛژن سیتاین چھہٕ راکھسن ہنٛد خوف دم پھٹی کران۔ کٔرشا منتھنایہِ چھےٚ پننہٕ مکاری سیتی ماجن ماجہٕ ہُنٛد مشراوان۔

از رأژ چھہٕ کوروٚنٛ نون خار از رأژ چھہٕ پانڈوٚن لاچار
از رأژ چھہٕ لیکھن رامائن از راتھ چھےٚ اُخرٕ پہرچ راتھ
از راتھ چھےٚ آدی قہرچ راتھ

(متہٕ آب۔ برج ناتھ بیتاب)

یہِ خوف، یِم اندیشہٕ، یہِ وسواس، یہِ ژھرٛہرُن نہ چھُہ اَکِس فردِ واحدِ سُند ذہنی دولابہٕ تہٕ نہ فقط تِم حاژہٕ شاعرٛ یمن محظ اخبارٔی ریہتہ آسان چھےٚ۔ یہِ چھُہ اِنسانہٕ سُند ٹھلبُن، اِنسانی دگ، اِنسانی قدرہٕ تہٕ غفلتھ راوُنک ماتم یِمن حالاتن پیٹھ یِم شبرنگ، سیاسی بارسس اَنی۔

رنٛنہٕ داٗوی پھیرن دِتھ شاندِ یہٕ راتھ دگ للہِ وان کھسہِ ووٗنی ساٗنی پیٹھ

رتھ ووٚہ پھیران ژٕلہِ ووٚنی دوٗرسیٹھا بیٚیلہِ لوٗ ہژ پثرِ یہ خبر پگاہ ہ

اسہِ آسن بدنس چاکھ گھٹنی محراوٚن مٔنز آسوا ٔسی نالکہ گھٹنہ

(ہنٛتی آب ۔ بیتاب)

یہِ راتھ یُس ژٕکہِ عظلتیچ راتھ آس بناو ملہٕ، ہونجہِ گرٛی تہٕ سیکولر سیاسژ رتھ میلتھ اکھ ژراہہِ ژراہہِ کروٚنی راتھ۔ امہِ راژ دُیت عام کاشرِ ین یہِ احساس زِ سارِنے ہُنٛد بچھ اوس نِہنادیٚنہٕ آمُت تکیاز راژ آسہ اَچھ چِندس نماوِ ہشرِنہٕ پثرتھ طرفہ اوس انہٕ گوٚٹ تہٕ ژرٹہٕ بزن۔ اکھ ویکھر سیاست اَس بارسس آمژ۔ مگر یہِ وُنن چھُہ نہٕ کاشرِس نظم نگارس خاطرٕ سہل زِ امہِ سیاسژ ہُنٛدِ انہٕ گٹہٕ کیٚنہٕ انہٕ گٹ نیٚنہٕ روو امہِ سیاسژ ہُنٛد راز ہ

یُس زانان

سُے یوت زانان بس

تمہِ انہِ گٹٕ نٔنی روو کیاہ تامتھ

کِنہٕ کیاہ ہتام نٔنی رِتھ انہٕ گوٚٹ گو۔

راتھ اَس نہٕ فقط اکھ راتھ بلکہِ یمن جلاے وطن کرنہٕ خاطرٕ یہِ راتھ امہِ

انہارہ بارسس آیہ تہندِ خاطرٕ چھے یہ اکھ نہ سوہِ وِنی مُسلسل راتھ۔ تم چھ پرتھ راتھ منز امہِ راتھ ہنز کنہِ نتہ کنہِ رنگ آکار ہیتھ وُچھان۔ یہ راتھ چھے تُرہنک تہ کھوژنک بے لبسی تہ بے کسی، نادآری تہ مجبوری، ہوکھنگ تہ سورنگ، بے آرامی تہ "ناوک اکھ آرکی ٹایپ بنتھ پرتھ راتھ نبفس تہ رُمن پھرکہِ نادان۔

رانس چھم وُزناوان راتھ کنڈِ ین پیٹھ چھم ساوان راتھ

یادن بیلہِ چھم کرآری وقت تھا چھوٹہ چھوٹہ چھم کرناوان راتھ

کوت ژدل پرون سو وونہ وتیز تی سورہ سورہ ہند راوان راتھ

(پیارے ہناتش)

تہ جواں سال شاعرِ نثار گلزار ِس چھے یہ رانتھ وُنہ تہ یہ نہ سوہ رون ایحساس دِوان۔

تمہِ راتہٕ طرفہِ طرفہِ ترے آس شہر دوّد افتابہ زمین آب وہوا شام دسحر دوّد

پرتھ جایہ کوچہِ کوچہِ اِشتہار پیکھتھ آسے اِستادِ گواہ اوس کنے زون سہ سی دوّد

یوودے رحمان راہی اتھ شبس رلوایتی تہ مذہبی نظر بجا طور متبرک مانان چھ مگر موللِ شب "ناوی نظمہِ ہند "وادل فضا" تہ "ردتل سمے" ہشہ علامژ چھے شاید بے شو نکھی پاٹھی امہِ راتہٕ ہندین تمن آدلینن کُن تہ اِشارہ کران یمن منز کاشُر اپارِ ہپور برابر ہیتہِ چھ آمتی۔ راہی صابنہ امہِ نظمہِ ہنز اہم علامتھ "جاناور" ہیکہِ سوہ کاشُر پرزنتھ تہ آستھ یتھ راتہٕ ہندس انُرس بیٹھ سپرکی جامہِ لاگتھ وُنہ تہ تھرہ نہ بجرِ یِراونچ آش چھے۔ اِنسانی نِظرتھ چھیہ وبکھرش۔ آش ہاشہِ گژھی گژھی نہ چھے نہ اِنسانس آش سوران تہ یہے آش چھے اُمس زِنِند تہ تھاوان۔ کاشُر شاعر چھ اوے وُنہ تہ یہ آش تھوتھ زِ بوٗنذوق گژھن کنہِ دوہ

ڈلِس تہٕ کأشرِ لبن بیٚیہِ سہٕ مِلثرار یَتھ خأطرٕ پانہٕ کأشرِ کوشش کران تہٕ نہٕ یِس مُلکی تہٕ بین الاقوامی سیأسی ضروُر تھ چھِ۔ یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ سارنے کأشرِن چھیٚہ تہٕ کشیرِ ژوس کانہہ نہٕ چھپن جاے تہٕ مِلثارٕکی آگر چھِ دوہ زِ نوٚ نوٚ حالاتو مطأبق بدلِکہٕ ڈنٕ۔ اگر نزدیک رٕذ زِتھ ناہد ٹھٹھناد تیلہِ کیٛاز کروٚ تہٕ وٚنہِ ہنا دٔر روٗز زِتھ ہرِ مِیٹھ ادنیٖ کوشش۔ مگر جلاے وطن ناظم نگار شأعر چھِ اتھ مِلثارس پوسٹ مارٹم کرہٕ کرہٕ تہٕ امہٕ کہٕ زِندٕگرِ ضیٖج آش تھوان۔ سہٕ چھِ زانان زِ امہِ خأطرِ گژھِ اتھ نوٚو زائن لبُن تہٕ باسان چھُس زِ گژھِ نتہٕ گژھِ دوہ دوہ تھِ کانہہ کانہہ لل دید، کانہہ علمدار، کانہہ سوہ قراط کانہہ نیلہ کنٹھ یِس اتھ سارِ سے زہرس دلم دیہ

کوٚسہ لل دید ننگے دِیہٕ لوس دٕزِ	کانہہ سوہ قراتھ بہ ہرلا پوٚز ونس

کانہہ بُڈشاہ بیٚیہِ ودِ گژھیا بیدار	کس شنکر دِیہِ اتھ زہرس دام

آسیا کانہہ علمدار گژھِ بیدار	(آسیا کانہہ علمدار ------امر مالموتی)

یِتھے پأٹھی چھِ برج ناتھ بیتاب "سوسن" ناوی نظم لیکھتھ کشیرِ ہنزرآسی گژھ پرزنتھ زھانڈتھ تہٕ پوٚر پأٹھی ناوہ میدپدتھ تونہٕ یتیمہِ آیہِ آش تھوان ؎

ژلیشہِ موٗل دیان ژوٗل نتہٕ وانسی	ننہٕ ووہ زِ توے ژلیش وار وہان

لالہٕ باج چھےٚ نیتھ ننی نش گاہٕ	ییتہٕ گپر گوٗمت دسگیرٕ چھِ میٛون

ییتہِ منگِ کُس کس ییتہِ دیہِ کُس کس	----ییتہٕ یور ترکھ----

ییتہٕ چھکھ تتی روز نشر اوٚم	ییتہِ سوسن سوسن طرناطن

یِن آ تیلہ یزِ لوٗل بنِتھ	مِلثارک سے ماحول بنِتھ

مِلثارکی سے آلو چھِ اسہِ رتن لال جوہر (تمہِ گامچہِ کیتھ)

شمبھو ناتھ بیٹ حلیم، ارجن دیو مجبور، جواہر لال سرور، مکھن لال کنول، موہن لال آش سوئمناتھ وتیرتہ باقے شاعرن نش تہ کنن گژھان۔ بالہ اپارِم کاتھہ تہ شاعر چھِنہ ننی تہ پرٔنی پاٹھی ہلٹرارکی یم آلو دوان شاید چھس نہ اتھ ستی وۄدنی ٹیکنی رلان یا چھس اُسس تھوٚپ۔

کشیر ہندیو نمتہ کیو حارژاتو کرۄ کہ سۄتھرس بیپٹھ اگُن ژرے حصہ، کینہہ گلی، کینہہ ژٲلی تہ کینہہ زٲلی۔ گلن والین ہندی داغ رودی ژٲلن والین تہ رلن والین اندری اُتھر لاگیتھ ازتام برابر کوران۔ ژٲلی متس کاشرس روو سورُے۔ پنُن ارزتھ پنُن میٚژ، پنُن بان تہ پنُن شاہ رلن والین منز یودوے شوقہ شازنازے نہ خوفہ زیادہ رلیمتی آسی مگر تمن تہ ہیکو نہ زیادہ وقتہ ژلیتھ روزتھ تکیاز ساد منوش اُستھ تہ باسیوو نہ تمن ز تمس کیا آو غوداہا وہن تہ سیٹھا تمن پے زِ پرانہ سکولر جاژن ہندی کھنڈ ٹھلی آسی نو رنگہ تمن دِنہ یوان۔ سماجی سطحس پیٹھ بنیہ یمن ز طبقہ۔ اکھ یمس طاقتھ یانے بۄندوق چھِ چلہے سہ بۄندوق سرکاری یا غار سرکاری چھِنہ بیاکھ یمس پیٹھ یہ بۄندوق استعمال سپدان چھ۔ یتھ کنی گو سورُے کاشر قوم ورشہ ہۄتس گژھتھ ذہنی نفسیاتی، سماجی تہ اقتصادی طور مفلوج۔ اکھ زلیرِ زال یتھ منز کاشر چھِ ہندی پاٹھی ہینہ آو۔ ایہِ یاوتھ چھِ یمہ دلیلہِ نظمہ ہند اہم موضوع ؎

ہو چھِ میٚرکو اِتھی کوکھ ونن کس بو چھِ بو چھِ ژوپ اسہ گار کرو کیا
چھِپتہ سہ محافظ امُن امانگ رٹہ بوٚدنا دِلہ دپار کرو کیا
سنہ ہوٚسُن ونو ہومانے غضہ ما گژھ کاتھہ یار کرو کیا
سرِلہ سمکھنہ کاتھہ تہ گرمسوکوت زِنہ ڈب گیہ بسمار کرو کیا

(غوداہا ۔ رحمان راہی)

پٕنہٕ پٕنہٕ گوٗمٹ بیٚیہِ سوٗمبراوٗن
پٕنٛنی ییران لرِ لرِ پھیرِتھ
ہٕتجل وٕتھرِن، لہٕ گھٕر ہٕشر پٕتلین لرِ کانٕہن
سوٕے دمہٕ گوٗٹھِر وژھو اُچھو کیاہ تام ساران
(ابرم۔ غُلام محمد غمگینؔ)

سبٕز مرگن سِیاہ شہار پھیران
دوہ تھان ہٕتہِ گُلٕر گوٕڈن ریٚیہِ نار لمبکھ
(وٕنٛزٕ دِژٕ مس۔ عشعل سُلطانپوری)

فاروق نازکی چُھ یٚیمہِ آیہِ پٕنٕن تجربہٕ لفظاوان ؎
میٚہ وُچھ زال گاڈن کران رٕہنأہی  میٚہ وُچھ زال ہانٛزن کران مجلسأزی
میٚہ وُچھ آبہٕ تلی آبہٕ پٕیٹھی کیا چُھ مٲدان  میٚہ وُچھ شہر باش گیٚتھ دِل رٕہتھ چشمہٕ زوٗنان

میٚہ وُچھ گامہٕ ذٕراہِشر مسأثرٕ یٚہ وٕرِش نأطمہٕ از لوٗرٕ ڈکھ وان لکوٚب گُل۔ فاروق نازکیم
خاب آیہٕ بوزٕ دس، بٕنٛتہٕ ژٕنہٕ تہٕ خابہٕ ہٕوٚت شاعرِ یٚمہِ آیہِ خابن ہٕنٛد شنٛز کران ؎
رأژ راتس ذٕز نیٚنٛدرٕ
کوٚت ینٕ سوٕ پُن
دوہٕ ژِ پٕزٕن اَسہِ خاب بس دوہٕلی وُچھٕن
(دوہٕلی خاب۔ محمد ایوب بیتابؔ)

تہٕ غلام حسن تسکینس چھ سارِے سے موجہٕ مورن گژھان باسان ؎

دُچھ گُلابس آرولہٕ ہیند رنگ گومت

مومن کمی بے گوناہ رتہٕ لاے کر

ہاوسن اُڈ وانہٕ مہ چھ مورنا گرکھ

(نظم ۔ غلام حسن تسکین)

جواں سال رحیم رہبرس چھ باسان پننی اَتھ پھران ۔

سرپھ چھ سر ماکن بیٹھ بے پیر کھ نشان ذلِس چھ ہکِھ گژھان

مے وون ذال پائے پھسیتھ گوس تہٕ پھرم پننی اتھ

(زال ۔ رحیم رہبر)

بُزرگ شاعر مرزا عارف چھ سونتہٕ گولابس وچھتھ یہ ماتم کران زِ وبہٕ

داد جو تھٹھ کراتھ وونی آرولہٕ رنگ ؎

کن پھیری متی بہنہٕ پوشن بو مرن چھے مُٹھ ژلے

دود مت چھ ورمن پور کمہٕ دِلہٕ ژاکھ گُلابو

اَبس چھ ششر زہر ہوس تہٕ ترپھٹان تابس

رتھ بُلبُلس چیشمن تہٕ جگرس شراکھ گُلابو

(ہرد ک گلاب ۔ مرزا عارف)

ظریف احمد ظریف چھ بوزنہٕ علامتھ ورتاوتھ ونان ؎

ہیٚما اَچھن دِتھ کھٹا اَیہ عظمتھ تہٕ آتن سگاڈتھ لو

ژٹ وتن پیٹھ ٹھیکہ دارو لاج یارو کراپہ بوٗنی

(بوٗنی ۔ ظریف)

رٔوسُل پوٗشپیر چھِ بے پٔرِھ حالانٕکہ وُچھتھ یِنہٕ کال تہٕ ای شرابہٕ وُچھان ؎

وُچھیان وُچھان ہیکہٕ کینٛہہ تہٕ سپدِتھ　　وونہٕ سوٗرے بییہٕ پیتہٕ کیا بنہٕ

اسی چھِ سمتھ ییتہٕ وٕنہٕ چھُ غنیمتھ

(وٕنہٕ تہٕ غنیمتھ ۔ رٔوسُل پوٗشپیر)

رگھوناتھ کستوٗرس چھے پٔرِتھ طرفہٕ وِج وولان باسان ؎

سوٗنتہٕ کالک چھکہٕ ژٕ سوٗنچان　　بوٗے گُل اوٗن نے نہٕ زانہہ

کِنہٕ ژٕ سوٗنچان شالہٕ مارک　　بوٗنہٕ ما شیٖہجار وُتیت

کُمر پنٛدِس باغس پھلے لٔج　　جاڈٕ نُھر پھوٗچ کوٗنہٕ از

تار دیتمت ہمیٖ چھُ وولس　　چانہٕ وزِ وولیبہٕ وِج

(سوٗنچہٕ منٛزٕ نیرِی نہٕ کینٛہہ ۔ رگھوناتھ کستوٗر)

یِمو حارٕی شالو بنوو پٔرتھ چیز پٔرِتھ سوٗنچ ، پٔرِتھ قدر تہٕ پٔرتھ اوٗصوٗل بے مانہٕ تہٕ بے پٔرِھ ۔ وُچھان وُچھان لوٗگ زِندگیہ تہٕ زوٗنگ زِ پٔرِتھ طرفہٕ دٔوتھ دِہ ۔ اژھن دِہ ۔ یِتھ منٛزٕ سوٗرے یِھٹِس آو ۔ شاعرس باپتھ بانے زِندگی ہُند سفر فوٗضوٗل تہٕ بے مانے ۔ نِکیاز ہگاسمن کانہٕ لین پیٹھ ذٔرِتھ اُس تم سپدِ کایر ناپُرزی ثابت ۔ وُچھو مکھن لال بیکس کیا چھُ ونان ؎

... ہنگہٕ منگہٕ پھوٗر گُلی کاٗنبہٕ سوٗنسیار

شیٚنہٕ شٮ۪شرس اندر گآر مآرِتھ ہیٚتھ — تو ژھتھ یکھہٕ منٛز رٹِتھ زوٚن حشمن گتھ
وہ ذٚیمن وہ ن اٚچھن منٛز چھُ ہاوان کٲشُر — یتھ ٹھپرس نٔل سہ پھرکِہ ون امارے موٚتھے
شیٚنہٕ گوٚپہ منٛز وہ ن پرزلی نہٕ سحرِ زانٛہہ — وُچھہ وہ ذٚ ژھٕٹِہ عشتی موٚتی نالم حشمن دزن
زٔندگی دراٚیہِ اٚخرٚے پٔرہ بے حصر — گر دِلد سٹرکہٕ بیٚٹھ اکھ بے مصرف سفر

(سفر ۔ مکھن لال بیکس)

اَتھ بے مصرف سفرس اندر ییٚلہِ سورُے رود مُت آسہِ نہٕ کیٛہہ، نہٕ لٮ۪نج آشہ آسہِ نہٕ، نہٕ انسان روزِ کیٛتھ کٔنۍ زِندہ؟ فقط پٔتِمس یادِ وٚدٕنرِس لاکھوٚل کرِتھ۔ زخمن ... چھُ پٔتِن منٛز۔ یوٚدوے اَتھ منٛز زخمن نوسۄر بنہٕ نک احتمال نہٕ چھُ روزان۔ امایوٚز ... سأرے زِندگی نوسۄر بیمار آسہِ اَتھ کُن کٔس روزِ ظوٚدن۔ یہ یادِ وٚدٕنرِ یہ ...talgia چھُ شأعرٕ سُند نہ سورُون دوہ کھ بدِ کڈان۔ بیٚ سو کھ مٔنکی یِم لرپھرٕ فی چھِ از کالِچ نظمہِ نہٕ صرف اکھ اعتبار نہٕ نوٚد آہنگ دِوان بلکہِ زِندگی ہٕنٛز سو آگہی تہٕ بیٚیمہ موٚجوب انسانہٕ سُند بےگوٚناہ آسُن اٚمِس بوٚڈ گوٚناہ گار بناوان چھُ۔ ییٚلہِ شأعر اکِہ مخصوص زمانہٕ منٛز نہٕ پٔتِن غم سمیٚنہٕ کٔس کُلہم اٚنس منٛز وُچھان چھُ یہ غم چھُ اکھ جلال پٔراوان ؎

کیٛنٛہہ محلہٕ شہر، کیٛنٛہہ سو شدر محل
نہٕ کیٛنٛہہ منظر اٚچھوی، کیٛنٛہہ محلی جہان
سمیہٕ کایا یہ منٛز خاک درمان بہ منٛز
نار بزی گےٚ ویٚہ کیٛنٛہہ ردی بوستان

(ن...

مُرژٕ گری بَس زٕ کالچِہ نظمہٕ ہُنْد بیاکھ گہنہٕ چُھ جلاے وطن شاعری منٛز زیادٕ پہَن کاڈ کڈان۔ شاید چھ اَمیُک نفسیاتی کارن یہِ زِ تمن چھے سکہٕ صحراون تہٕ سنگِستانن منٛز روزنہٕ خاطرٕ اکھ تراوتھ بکار تہٕ یہِ تراوتھ چھِ تم یادٕ وٕڈتر کِس اَنس پھش پھش دِتھ کٔشیرٕ ہُنْد حُسن نوِ سرٕ یازٕ یاتھ (Recreat) کٔرِتھ پراوٕنچ کوٗشِش کران۔

ارجن دیو مجبورؔ تہٕ موتی لال ساقی ہٕنزن تازٕ سوٗمبرٕنن منٛز چھے یہِ مرژٕ گری زیوٚٹھ کاڈ کڈان۔ حقیقتھ چھے یہِ زِ ساقی صابنہٕ نہرِ نغمہٕ ناوِ سوٗمبرنٕ ہٕنزٕ اکھ مرژٕ چھے اکھ مرژن ہٕنز شاہکار۔ یِم ہتھ اکھ مرژٕ چھے گوڈنچہِ لٹہِ کٔشیرٕ ہُنْد شوٗزر تہٕ تھزر، جاہ تہٕ جلال، ... تہٕ عظمتھ تمہِ آیہِ تخلیق کران زِ تخلیقُک حق چھُ اداسپدان۔ یہِ اکھ مصوری چھے ... (Flora and Fauna) تمہِ آیہِ پیش کران زِ کٔشیرٕ ہٕنز فطرتھ چھے اَکھ بروٚنٹھ کنہٕ نشرنہٕ لگان تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھیٚہ کاشُر زبانٕ ہٕنز جمالیاتھ رٕمس رٕمس امریٚتہٕ غوٚطہٕ دِتھ رٕژٕ کھنٛجہٕ زینتہٕ موکھ کران۔ یہِ مرژٕ گری چھیٚہ تیٚتھ وارِیاہ لفظ بروٚہ نہٕ کُن انان یِم نہٕ صرف اَسہِ منٛز آدِمتی چھ بلکہ یِہنْد مانے نہٕ ووٚنہٕ شہر باشن موٗلوم چھُنہٕ۔ مثالے، بکرٕگھر، روٗنٛزٕ تہٕ ہانگر، ہاگر، گاگر، زٕشِج، بوٚہل، ژونگ، بدِج، گیوزیر، سوٚہ گہِ درس، گُل زگ، ڈینی، ناری نور، ہوٚل، دوٚدِج، دِپر، دروٚب، لالر، کادرٕ، پانٕچ بنیر۔ ساقی صابنہٕ اتھ مرژٕ گری منٛز نہٕ چھُ کیٚنٛہہ ووٚزُم تہٕ نہٕ کیٚنٛہہ ووٚپر۔ اَحساس، لفظ، جذبہ، تلمیح سوٗرے چھُ پننہِ ثقافتی لور تہٕ پیٚرتھ مرٛت چھے یادٕ وٕڈنرِکِس اَنس منٛز ... تمہِ آیہِ کاغذس پیٚٹھ علکساونہٕ آمژٕ زِ واَرس درٛنٛن یہِ وٚنن چُھ بے شوٗنکی ... گٔژھ
Emotions recollected in tranqua[...]

یانٕے شانٛت آیہِ جذبہ سۆمبرِنا۔ یِم مُرژٕ چھےٚ کٲشِرِ خاطرٕ شاعری مُشِد لول تہٕ ایٚحترام ہاوان۔ کٲشِر چھےٚ تس خاطرٕ اَرتہِ اکھ زِیارت، اکھ نیرتھ تہٕ سۆ جاے ییٚتہِ دیہ مُشِد دَرشُن سپدان چھُ۔

یہ درشن گاہ چھُ یۆدوے ہیکھ ژٕ زاگے
تہٕ انھ اچھِر مُرژٕ مشاق یزٕمےٚ فقط ییٚ وَنُن ے
یہ مہرٕ ہٕنز دأن ٲنٛھر چھےٚ کوٚنگہٕ تہِیج ہٕش
ارجن دیو مجبورؔ چھُ ہنٛزٕ اَچھِر مُرژٕ ییٚمہِ آیہِ عکساوٕنہٕ پیٚنٕنِس تیٚلِس کھنٛجہِ مہلامہٕ لاگنٛچ کوٗشِشِ کران ے

| | |
|---|---|
| ہانٛزٕ نیا کو چھِ مٔنز بران یوٗترِس چھیٚہ لول | زوٗنہٕ ڈٕبہ کمرٕ تام شد پاڑونگ زول |
| کایِیا پھرِ ڈھِرِ بہ لیکھان کیٚتھہٕ ورق | سۆنیا نا ساز سنطوٗر زٕ عرق |
| کُکلِ گوگو پیٚٹھ لُنٛجن بوزان چھُس | مٔنز خیالن بوگرِے واتان چھُس |
| غوٗرٕ منٛدورن اندر ہرکیا نٕلان | لحظنےٚ اندر شہرٕ وأتھ ہیوان |

(تیٚوٗل۔ ارجن دیو مجبورؔ)

ییٚمہِ دٔلیٖل نظم چھےٚ عام پاٹھۍ سیٚد سیٚود بیانیہ انداز پٕراوان تہٕ بالہ ییٲرِمٕن کٲشرِ ن شاعرِن چھُ یہ زیادٕ پسند۔ امیُک وجہ چھُ یہ زِ گُدرٕنچ وگ چھےٚ تِہنٛز کاڈ کڈان زِ یہ چھےٚ علامتی تہٕ تمثیلی جامہٕ ژٕڑٕ ژٕڑٕ بارٕ وِنہٕ نیران۔ بالہ ییٲرِمِس شاعرِس نہٕ چھُ یہ سپدان بانٕے چھُ تِس تہٕ سیٚد سیٚود پاٹھۍ پنُن گُدرُن وَنان۔ مِثالے رحمان راہیؔ سٕنٛز نظم "خۆدایا" چھےٚ تِمنٕ حالاتن ہنٛز وُکھنے ییٚمن مٔنز شاعر حالاتو گیِر کو...

گیہِ زَن مُلکہٕ چِہ سا آکمیٚشر سوٗکھ      بُجہ ہٕنٛز لٔر مسمار کرِد کیا
پننہِ تہٕ ژھایہِ چھے شانکہِ روزٕنا      لرِ پھیٚشر دِبہِ شِہمار کرِو کیٚشا
کرِن ابے قلمس کوٗچِہ دِمو گژکھ      پھرن اے ہٹہٕ تلوار کرِو کیٚشا
کھلہٕ فِطہک مُوپہٕ وارنعہ دایا      زِنٛدہٕ زٕو کھوت زنگار کرِو کیٚشا

بیانیہِ شاعری اگر شاعری آسہِ تیلہِ چھُ پرٛن والِس تہٕ شاعرس درمیان وچھان وُچھانٛنی اکھ ذہنی توٗلق پاد سپدان تہٕ شاعرٕ سُند تہٕ چھُ یہِ اکھ مقصد آسان۔ مگر امہِ کھوتہٕ زیاد ۔۔ شاعرٕ سُند مقصد بٔن بوس لوٗہ ژراوٗن آسان یُتھ توٗہۍ نزکیٚہ کھار سِس تہٕ وُنیتھ ہیکو۔ امہِ آیک ۔۔ عرانہٕ تجربہٕ پیش گرِتھ چھے سوہ دگ شاعرس ہنا لوٗہ تان ہِش یوٗہ یہِ تس بیقرار تھوتھ چھے ۔۔سان۔ یہ کتھ چھے اَتھ سِلسِلس منٛز اہم زِ یُتھ شاعری منٛز چھے علامژ، اِستعیار تہٕ تمثیلہِ ۔۔ بے شونکھی پاٹھی ورٕتاوہٕ یوان تہٕ شاعرٕ چھُ نہٕ اَنتھ مانِتھ شاعری کران نز علامتھ سازی۔ یُتھ شاعری چھے نہٕ شاعرٕ سے یوت بوس لوٗہ ژراوان بلکہِ پرٛن والِس تہٕ اکھ سماجی تہٕ فکری آگہی دِوان۔ وُچھو علامتن ہُنٛد بے شونکھ اِستعمال کُنہِ گُنہ چھُ ییمہِ ڈھلچہِ بیانیہ شاعری تمارِی بہِنٛدس سوٗتھرِس پیٹھ اکھ اعتبار دِوان ؎

اشرافن ییٚتہِ مُشکِل روزٕنا      زری شہرس منٛز کس کیا بوزٕنا
یَس یُس خوش گژھ یُے گزٕ لاگیس      سأری گاٹلہِ سأری چأری

(مُنٛز آب۔ ارجن دیو مجبوٗر)

بُوہا کلس پیٹھ کھوٗمہ تہٕ وأری      پنہٕ وُتھرَو رٕدس گُل نِنگے از
۔۔ؤد      پنہٕ پٔرارو سوٗنتس بالس تل (پنہٕ وُتھر۔ ارجن دیو مجبوٗر)

اکھ ہُری ڈراو تہٕ بیاکھ آد تہٕ وینتھ رٕوز پکان
بونہِ بِچارِ زٕزُر ژ او تہٕ وینتھ رٕوز پکان
شِشرِ پیٹھ اوس پکان واو چھیپن جاے گژھس
شینٛچھ ونان مُود بےٚ ستوکھ کاو تہٕ وینتھ رٕوز پکان

(تہٕ وینتھ رٕوز پکان ۔ رحمان راہیؔ)

چھیہٕ بیارٕ پیانگان بونہِ گوپھ مٔنز پڈر چھینین ہُند بکن صدا گو
ہیڈر وٕتھس گیہِ گلالہٕ ہِر گیہ کھوٚکھرِ گمتی آسی لفظ تہٕ آلو
جوان مسول ہُرِتھ بیمہٕ آس پشن ہُلِتھ آسی گُلالہٕ آہتھ

(ناد لاییہ ۔ فاروق نازکیؔ)

مگر کھمان اوس ہوا یتھ کٔنی پوٗہس اندر سہرِ وسان گامس اندر تہٕ ژھاران فکر

بہ چھِہ ہوٗت ؎

پُکوٚرٕٹ حاکمی ڈرالوٚ اِیامتھ مشہٕ ژوٚرُو تہٕ ہُنٛز ہاپٕ کرامتھ
تہِتل بیٚیمر کور سگو وُنتگ اکابرِ ٹکھ ٹیس لوٹہِ سے گو سرو قامتھ

( وآراگ ۔ موتی لال ساقیؔ )

میٚہ چھُہ باسان زِ نہ صرف نظم بلکہ افسانہٕ ڈراما بیتر یاونوٚ یہِ زِ ییمہٕ ڈہلیٚشک ادب چھُہ امہِ آیہِ ہنگامی یا نے (Topical Literature) ادبہٕ خاطرِ یم موضوع ژارنہٕ آیہِ تِمن چھُہ ییٚدِ سیوٚد سائنس تتھ معاشرس ستی تعلُق یُس اکِ لوہ حراُتی دورہٕ مُنزی گُذران چھُہ ۔ یہِ چھےٚ پزٕ گتھ زِ سون شاعِر تہٕ اُدیب

غولہٕ مَنٛز نیٚرِتھ شَنٛز گرِتھ دِچھنِو کھوٚوٕرِک تہٕ وُچھان ییٚتھ مَنٛز تَس کٲشرِک ہوا تہٕ رنگان اوسنہٕ۔ شاعر چھُپنہٕ شاعرے یوت آسان نہٕ چھُ اکھ شہری تہٕ اکھ اِنسان تہٕ آسان۔ شاعر آسنہٕ کِس صورتس مَنٛز چھُ تَس تِمن سماجی مسلَن تہٕ کُھرِ کانگرِہن ہندِین دِتِھن تہٕ اثرن ہُنٛد زِیادٕ شعور آسان یِم توٚمہٕ کِس پینہٕ کالس اکھ تأمیری صورتھ ہیکن دِتھ۔ اَدے چھُ ہنگامی ادبس تہٕ پُنن اکھ اعتبار۔ بنان چھُ زِ نوٚہِ ما وُنو زِ تیٚلہِ گو اخبار تہٕ ادب۔ نہ اخبار گو فقط خبر۔ تِمہٕ ژٕہہ خبرٕ یِس نِمہٕ وزِ ختم چھُ آسان گوٚمت بیٚلہِ اُسی اخبار وُچھان چھِ، اتھ برعکس ہنگامی ادب یِمن مسلن وٲیراوان یِم معاشرس برٛونٛہہ کُن کانٛہہ سَروٚن اثر ثراوان یا یُتھ ژر ثروومُت آسہِ۔ مہجورَن ییٚلہِ وٚون ؎

زٕ جان وندہا ہِندوستانس دِل چھُم پاکستانس سیٚتؠ

یا

ہپے یوٚد ناو پاکستان گژھم ناراض ہِندوستان

کریم نیشنل گرفتاری بہٕ نو زیپہٕ لولہٕ بیمأری

شہٕ اَدس کٲشُر معاشرک تہٕ کٲشرِ مُنٛد اکھ ذہنی تضاد عکساوان شہٕ تضادٕ یِس ازتام تہٕ برابر جأری چھُ تہٕ یِیمہٕ مَنٛز کانٛسہِ تہٕ شاعرن کڈٕنچ کانٛہہ تہٕ کوشش کرِنہٕ تہٕ سِتم چھُ یہِ زِ ساٖنؠ اکثر شاعر سیٛدِی پانہٕ امہٕ تضادٕک شکار۔ یہِ چھےٚ عجیب کتھ زِ اِنسانہٕ سِنٛز عزت، اِنسانیت تہٕ جذبہٕ بمٔڑبیتہٕ اِنسان زٕچھنچ کوشش چھےٚ صوفی شاعرو پتہٕ فقط ازادس تہٕ مہجورس نِش ورٲثہٕ گژھان۔ سانہٕ اَکھ حقیقی سیکولر تہٕ سوشل قدرٕ چھےٚ نہٕ مہجورس ...ہٕ آیکہٕ یِم جذباتھ ترقی پسند شاعرن نِش چھِ تِم چھِ کھوٚکھوٕرٕ

تہ تہنز سماجی اہمیتھ چھِنہ پَنٛژ سالہٕ پلان تہٕ فیملی پلاننگ شاعری زیادہ ۔ ممکن چھُہ زِ اگر سانہِو بہلہِ پایہٕ شاعرو پننِس معاشرس ژکھ دَر لاگتھ کاشرِ ثقافتی رلوایژ ہُند تامیری شوٗعور دِتھ ، راولپنڈ ہندی الہام تہٕ دلہِ ہندی خزانہٕ دوشوے اکنہٕ کُن ژرادِتھ ، فقط کاشرادیٖن کوٗششِس گریٖژ آسہٕ تیلہِ مامرِہے تانہٕ تانہٕ گرژھتھ کاشُر ۔ یہ سپد نہٕ تہٕ باطنی تضادو تیٛوت بڑان زُ زرلیوتھا و بڈی بس ہٹس پیٹھ لتھ تہٕ ڈوہس سانہِ تانہِ دِ غلاہ نہٕ ساَرِسے رود ملانے یہ چھُس نہ کُنہ سیاسی نظریس مُتلق ونان ۔ میون مقصد چھُہ فقط نمہِ نگار ذِمہٕ وار ادیبٕ بادتھ یُس سانہِو ادیبو تہٕ خامکرِنہٕ نظم نگارو رواتھوٗو ۔

بیٚیمہٕ ذیٖلہِ نظم چھِے انسان دوستی ہندِلو جذبو برِتھ تہٕ نظم نگار چھُہ انسانہٕ سِر انفرادی ، آزادی گوڈ براں ۔ تس رٕٹ کاٹھِتھ نوٚو زمانہٕ بدِس اَنِہ پنٕنہِ بڈ عبادتھ زانان ؎

میٚنہٕ تخلیقکی رسلی سرمد تھٕنہٕ بیٚن   تہٕ نوٗرِ کرِ بے بہا اَسرار وونلِن

ژٹکھ زولانہٕ انسانس سرآسر   کرکھ آزاد ساری گیانہٕ آگر

نبس پیٹھ روزِ شولان گاشہٕ تارکھ   زسانا نوٚور نٔے کھارِن خولو ٹھک

( نیٚول ۔ مجبوٗر )

بیٚیتہٕ حُسنس آسن بیٹرِ گندِتھ   بیٚیتہٕ عشقس آسن کرتِل ہیتھ

تنتہٕ بیٚکرِ نہٕ امرِ زاتھ سجدٕ کرِتھ   بیٚیتہٕ دِل نالہِ وٹھ نہٕ ضمیرہٕ نیتھ سوٚتھ

( امرِ مالموہنی )

گُلی زرد شہرگ انحساس استھ نہٕ چھُہ محی الدین گوہر بیٚیمہٕ آیہٕ انسانس لول براد ۔
گُنبر کاچھان تہٕ عظمتھ دِوان ؎

ادیب

پاک غوٗدابن ساتی باپتھ آدٕر ازلے مہٹھ موٗدر زین

اتھ چھپنہٕ کاشہر شکمھ

ڈیھن دلازنا بیتہٕ چھپنہٕ کاشہر ژھین

پوٗز سأنی وحدتھ سہٕنزٕ پزر پتھ

شوٗد بوٗد دِل ہپتھ

اکھ اکھ آدم لولہٕ مجسم

سون یہ عالم لولے لولاہ

گلزٕ زر شہرک روزنا وولاہ

(گُلزٕ زر شہرک روزنا وول۔ گوہر)

موتی لال ساقی یَیلہِ اِنسانس اِنسان مارنا وُچھان چھ، یَیلہِ نہٕ مارنا وألِس مارُنک پتہٕ مرن وألِس مرُنک سکارن مولوٗم چھ زِ تس چھے ہیرٕ بوٗن دگ وۄتھان تہٕ سُہ چھ "سوال" ناوی نظمہِ منز پانسے واریاہ سوال پیرژھان تہٕ پتہٕ رنگہٕ رنگہٕ پوٗشن منز مِثال دِتھ تیہرِ کھیلِس سام ہیوان تہٕ پتہٕ سارِنے اکھ سوال کران ؎

نلہٕ سأپرژھ توٗ پننس پانس اَسہِ اِنسانن کوٗ بدلاے

بییمہِ ڈیلینک نظم نِگار اِدٕ شہ جواہر لال سروٗر آسی تن یا رفیق راز، لِشاط انصاری آسی تن یا مشعل سلطانپوری، موہن لال آتش آسی تن یا ناظِر کولگامی مرٕ آزی آسی تن یا کمر آزی اپاپرِم آسی تن یا جلاے وطن سارِنے نِش چھ پننہِ پننہِ ذہنہٕ تہٕ ذأتی تہذیبہٕ سونترٕ مطابق ... تہٕ رنگہٕ تہٕ رسمہٕ روٗس اُمِس اَحترام دِنگ لول موجوٗد۔ یہے لول چھ

باقے رحمان راہی یَس ییٚتھ آبہٕ نہٕ کنٛھ کرناوان ؎

وُچھنہٕ سہٕ حال میٚیہ کانٛچھوو زہر نہٕ خاموشی   دۄپکھ ژےٚ مالہِ مُقدر مژر نہٕ خاموشی

کسُ اوس کیاہ زِ سہٕ مۄرکھ نہٕ لاش کوٚت گۄہس   ہتس کنھس چھےٚ کُنی کنھ خبر نہٕ خاموشی

(رحمان راہی)

ییٚلہِ اِنسانس سوٚرے راوِنس چھُ تِہُند روزُن خاطرِ لاحل کاشُر نٕنہٕ کاشہِ چارہٕ کرُن نہٕ اِنسان ہیٚکِہ نہٕ زیادہٕ وقتس فقط پۄش ہندی پاٹھی زِندہٕ روٗزِتھ ۔ تس گژھِ کیٚہہ ذہنی نہٕ رُوحانی کھیٚن چیٚن آسُن ۔ کاشُر تیٚنتھ اکھاہ آسُن یَس ییٚتھ سہٕ سوٚرے ژراوِ ییٚتھ پانس زِندگی ہِندیو دوہ لابو منٛز نبر نبرِتھ ہنا لوٗژر باسیٚس ۔ اوے وۄن فرانٛسکو ملس وولیٹرَن زِ اگر خُدا چھُنہٕ تیٚلہِ پزِ سُہ ایجاد کرُن ۔ ییٚتھ ذٕہلس منٛز یۄدوے سانہٕ سارے قدر پھیٚچہِ مگر اکھ قدرٕ روٗزِ ژراپھ گژھی گژھی نہٕ تۄ ہۄتھ تکیاہ زِ بقولِ اقبال ؎

نہ کہیں جہاں میں ملی جو ملی تو کہاں ملی

میرے جُرم خانہ خراب کو تیری عفوِ بندہ نواز ملی

ییٚتھ دٔلیلہِ نظمہِ منٛز خاص کتھ چھےٚ رومانیتس کُن جھکاو ۔ ساہِتہ واریاہو شاعرو لیکھ نعت، لیلابہٕ، مناجات نہٕ رِوایتی رُوحانی طرزِ نظمن ہُند جان تعداد آو بارسس پٔرھن نظمن منٛز چھےٚ کیٚنہہ نظمہٕ یِمن واٮ۪ں اثر ژراوان مِثالے اہمن کامل مأنہٕ" تِمنٛھے میٚیہ ودِ دِتھ دِوَو" ۔ اتھ نظمہِ منٛز چھُ رِوایتک مُدرِ یِمن واٮ۪ں بۄرہ بۄرہ اکھ رُوحانی وُچھوار نہٕ وُسجار دِوان نہٕ توآریخی ژراین سیٚنہٕ راوِتھ واریاہ کیٚنہہ سوٚنچنس مجبور کران ڈاکٹر امرناتھ درمانٛہنہ لیلابہٕ سوٚمبرن نہٕ چھےٚ ییٚتھس اَدبس اکھ جان سرمایہ سوٚمناوِتھ

پیب

پوشہِ امبر ناوک سۄمبرنہٕ منز چھےٚ اُمہِ آہچہِ کیٚنہہ جان نظمہٕ۔ پوشکر ناتھ کول (المعروف پوشہِ موت) چھہ بافے پنہٕ ہنن لیلایَن منز نوہ بادہٕ کرنٕچ کوشش کران۔ محی الدین گوہرن لیچھ اتھ رنگس منز کیٚنہہ نظمہٕ یِمن منز تاپہ تہٕ "سنتھ" بیتر اہم چھےٚ۔ "تاپہ" چھہ نِکہ ترایِن ووہ تلادان واجنو نظم تہٕ "سنتھ" چھےٚ ذات تحقس خاطر شاعرہٕ سُند لول بدِ کڈان۔ موتی لال ساقی سُند ژۄینہ زِترنا چھہ مہنہ سۄدرکی رنگ ہادان تہٕ یم رنگ چھہ شاعرانہ ہنر مندی سان پنن رنگ ژھٹان۔

میٚہ پٔرِھ ہنٛدِ یادہ بلہ چھم ناو ہتٕرن اگر ہن ہنا دزیم زاتھہ ماکرے گرژاو

(موتی لال ساقی)

یہِ پٔرھ امہِ آیہِ ووہ تلنہ چھےٚ یقیننی پٔز گنتھ تکیاز امہِ پنہٕ نہ چھہ کانٛہہ کوہ بیر روزان نہٕ لجرتہٕ نہ گچھ نکیاز اندرہ پرخاش تلتھ چھہ شاعر نہ صرف پنن پان پٔرزناونک سنز کران بلکہ ذٔدیمین نہٕ اَیِچ ژیٚنہ ؤن دِنتھ یہِ دِپِتھ زِ تہٕ اکھ نۄ لیٚبر تہٕ دِوان۔

لیلایہ آیہِ یتھ دہلس منز کافی لیکھنہٕ مگر یہِ چھےٚ حقیقتھ زِ سون کانٛہہ لیلایہ گوزٕ چھنہ پنہٕ مِکرنہٕ فنہ آیہِ نتھ ورتہٕ کمن پکنتھ ہکان۔ یتھ میلپہ پہ برماندن تہٕ کرشنہ جو رازدانن گنتز رتھ تراوِ۔ امیک وجہ چھہ یہِ زِ سانہن لیلایہِ گرین منز نہ چھہ مختلف فلسفہ لگین ہنٛد سۄن مطالعہ نہ پٔرکرز ہنٛد دیٖد دِرشن نہ زِ ترنگ سہ سنہر کیس اُمہِ صنفہ خاطر ضروری چھہ لیلایَن تہٕ مناجاتن ہنٛدِ خاطرچھ یہِ ضروری زِ تم آسن گوڈٕ شاعری تہٕ پتہٕ لیلایہ نہٕ مناجات۔ اگر اَسی لیلایہ منز موسیقیتھ نِسر کڈو تیلہ روزِ نہٕ یہِ لیلا۔ یتھ دہلس منز آیہِ تتھ لیلایہ لیکھنٕچ کوشش تہٕ کرنہٕ یمن منز نہ آہنگ چھہ تہٕ نہ ترنم۔ مثالے برج ناتھ بیتابہٕنز لیلا۔

ہیکن رۄہا'، نظمہٕ اُستھ نہٕ زِ لیلا۔

تبلیغی شاعری گیہِ تہٕ رۄحٲنی شاعری۔ رۄحٲنی شاعری چھےٚ نہٕ کُنہِ مذہبی فریمس منز تٲپہِ سپدان۔ یہِ چھپہٕ زمین ہنٛز پابندی کران۔ رۄحٲنی شاعری اُسِتن یا سیدِ سیوٚد لولہٕ شاعری۔ دوٚشوٚنی منز چھےٚ شوٚنکی پاٹھۍ اندرِمہِ دگہِ زبان دِنہٕ یوان تہٕ یہے وجہ چھُ زِ تنقید نگارس خاطر چھُ مشکل کیٛن الباوِ بتین پنٛن منز مجازی تہٕ حقیقی وُٹھنین ہنٛد بینٛز ژھانڈُن مُشکل آسان۔

یتھ مظمونس منز چھیہ تہٕ نظمہِ ہنٛدس اُوسلوٗبس پیٹھ کنہٕ کرنس کانہہ گنجایش نکیاز اُوسلوٗبس چھُ شاعرس ستہٕ تولق آسان۔ شاعر چھُ موضوع تہٕ خیالہٕ ستیٚ سعہ انفرادیتھ پراوان یُس تس پننہِ اُوسلوٗبک وکھریر دِوان چھُ۔ اُوسلوٗب گوٚنہٕ ادبی زبان یا آرایش بلکہِ خیالک مناسب تہٕ موزوٗن زبٲنی منز اظہار۔ یتھ شاعرِ سنٛز شخصیژ ستیٚ اژھین تولُق آسان چھُ۔ اُوسلوٗ بینٛز چھُ شاعرٕ سُنٛد بینٛز بدِ کڈان۔ اُوسلوٗبک یہِ بینٛز چھُ یتھ دٲلیس ہنٛز رحمان راہؔ، موتی لال ساقیؔ، شفیع شوقؔ، فاروق نازکیؔ، گلشن مجیدؔ، ارجن دیو مجبورؔ تہٕ بییہ تہٕ کینٛژن شاعرن نِش پھبان۔ برژھاتہ بیتاب چھُ پنُن اکھ الگ اُوسلوٗب بناونچ کوشش کران۔ ہیٛشر تہٕ نارمکر تہٕ آبہ کینژہ نوی توٚموہٕ بروٚنہہ کُن مگر مِیانہٕ خیالہٕ ہیکو نہٕ یمن تجربہ دِنیتھ۔ یہِ چھُ محض انحراف تہٕ یہِ انحراف چھُ فاروق نازکیؔ تہٕ برج ناتھ بیتابس نِش نظرِ گژھان کینژہ نظمہِ چھےٚ باضے نارمکو وِہر کران تہٕ میانہٕ خیالہٕ چھُنہٕ امہِ ستہٕ شاعر سُنٛدس فنس کانٛہہ تہٕ بوجھر مبلان۔ اتھ مثال چھےٚ بیتابنۍ نظم 'متی آب' تہٕ ارجن دیو مجبورنۍ 'تیوٚل' تیٛلس چھُ امہِ کنی تہٕ ستہٕ زیادے دوادِ، دانان نکیاز تیوٚل چھےٚ یتھمہِ دٲلیچ یقین اکھ نمایش

آ توٚنس ونہٕ یہ اکھ کتھ زِ یتھ جلاے وطنی ہنٛدس زمانس [illegible] کینژھا مواد

پ

ہیے بیٚیمہِ دٕہلچہِ نظمہِ مُتلق میسر سُپد میثون یہِ مقالہٕ چُھ تتھۍ پیٹھ مُنحصر۔ بنان چُھ زِ کینٛژن نظمن کُن آسہِ نہٕ میٚنہ ظوٗن گوٗمُت نہٕ بیٚتہٕ چُھ ممکن زِ تِہٕندۍ آسہِ واریاہن کتھن منٛز اختلاف نہٕ مظموٗنس منٛز باسن واریاہ کمیہِ نہٕ۔ تنقیدس منٛز چھےٚ نہٕ کانٛہہ کتھ اٰخری آسان۔ کیٚنہہ کیٚنہہ منٛزۍ چھےٚ کتھن گیٚنڈ نیران۔

موہن لال آتش

## کأشرِس ادبس منٛز ناسٹالجیا

ناسٹلجِک لغوی معنی چھُ پتھ کُن نظر دِنٛ۔ پتھ کال نٕ امیٚک فِکری اساس۔ شعوٗر کِس سٕتھرِس پیٹھ دیدمان باسُن۔ نٕ اتھ فکری پوٚت منظرس اِتھ کال کِس جد و جہد تہٕ نامسأید حالاتن منٛز منٛز لکی وتہٕ پدی بدِ کڈنچہِ عملہِ یکہ کرناوُن چھُ ناسٹلجِک بوٚڈ مقصد۔ سمارکِس کُلہم لِٹریچرس تہٕ تھٕکِس چھُ ناسٹلجِیس سٕتی اژھیوٗن رِشتہٕ۔ یہِ چھِ اکھ نفسیأتی عمل۔ یوٚسہٕ اِنسان پننِس فِطرتس پتھ کالکہِ وِشرارُک تجربٕک۔ روٗحأنی تہٕ فلسفی حصوٗلیأین ہُنٛد باس دِتھ اِز کالچہِ وتہٕ ہُنٛد ژروٗشر تہٕ ہیمبرِ سٕہلاب کم کرنس منٛز مدد چھِ کران۔ اگر اِنسانس انٛہ نفسیأتی عملہِ منٛز مُدریر تہٕ میٚچھر باسہِ ہے نہٕ، نیٚلہِ پرہے نہٕ اِز مہابھارت کانٛہہ۔ قوٗمی ہیرون آسہِ ہے نہٕ کانٛہہ قدر۔ لأل، شیخ ہنٛز تہٕ حبہ خوٗتونہِ ہنٛدی وِیلاکھ آسہِ ہے نہٕ کانٛہہ پرزناوان۔ ادب باسہِ ہے ٹائر تہٕ یہے کمپوٹرچ گرنٛد ہش۔ ییٚس میٚچھر تہٕ مُدریر سانٛہن جذباتن تہٕ تخلیقن منٛز موجوٗد چھُ سُہ ناسٹلجِس سٕتی وأبتہٕ۔ اگر نہٕ آسہِ ہے اسہِ پہن نہٕ واراہ کینٛہہ ادراکس منٛز تہٕ یمن واقعہن غلط تُلن اُسہ نہٕ کینٛہہ۔ مثلاً گرشتہٕ جوٗ رازدان سٕنٛز یہِ لیلا "سمہِ کرو انٛھے واس، پکوراس گنٛذایہٕ"

ترِہے تہٕ از فکری تہٕ راسہٕ لیلایہٕ ہٕنٛد حظ تہٕ آنٛنٛد تلن اوس اَغلب۔ ناستالجیا چھِ اکھ نفسیاتی ترکیب۔ اَمیُک سیدِ سیود تولُق چھُ اِنسانی فطرتکین دوٚن حِصہ انگن شعوٗر تہٕ لاشعوٗرس سِتۍ۔ لاشعوٗرکۍ واقعات چھُ کُنہِ تحریکہِ سِتۍ شعوٗرکس کنواتِس پیٹھ وِہرِتھ یِوان تہٕ اِنسان چھُ وُچھان وُچھان خبر کتھہٕ سمارس منٛز واتِتھ پِیوان۔ تَس سمارٕکِس موجوٗدٕ دُنیا نِشہِ سیٹھا ماررکرِ موٗنٛد تہٕ لوٗبہٕ وُن چھُ آسان امہِ نفسیاتی عملہِ سِتۍ چھُ فردس تہٕ معاشرس اکھ تولُق قایم سپدان۔ یہِ چھُ اِنسان ہنٛز ہٕچن ثرایہِ اکھ اِظہار بخشان۔ یہ نفسیاتی عمل چھِ تہذیب۔ رلوانِتھ سوٗنچن ثرایہِ کۍ معاشرتی رُجحانس عُنوان عطا کران۔ اِنسان چھُ یتھہٕ کالس تہٕ از کالس ہم آہنگ بنٲوِتھ سامانہٕ تہٕ وسیلہٕ تیار کران۔ یہِ عمل چھِ قومن سماجن تہٕ مُختلف مُلکن منٛز تِھ سکانٛسہِ فردس فکری تہٕ نظریاتی وتہٕ گاشہٕ راوان۔ نامساعد حالاتن سِتۍ مُقابلہٕ کرنٕچ تحریک پٲدٕ کران۔ سیاسی، فِکری، تہذیبی، مذہبی تہٕ فلسفی تعمیرکار بناوان۔ اِنسانس منٛز مُقابلہٕ کرنُک حوصلہٕ تہٕ ہِمتھ بڑاوان۔ ناستلجیا چھُ مٲلۍ میراث رٔٹِھراونٕچ عمل۔ یہِ چھُ عقیدٕ۔ عادت فہم تہٕ فرصت۔ ادب تہٕ فلسفہٕ فنوٗن لطیفہ تہٕ طرزِ معاشرت شیرنُک تہٕ سمبالنُک اکھ پھلیہٕ وَن۔ یتھیِس جذبس۔ اِحساس تہٕ رُحس تگہِ بٲج وٹھ کرُنۍ سے چھِ ناستلجِیُک حظ تہٕ ہاوِس تُلتِھ ہیکان۔

یہِ چھِ اہم بلکہ زم زم وُزناونٕچ عمل۔ سماجی، سیاسی، تخلیقی ... معاشرتی، روحانی تہٕ دار بلکہِ واقعات تخلیقی عملہِ ہنٛزِ ثرانٛد کنہِ پیٹھ

خبر تھ سونہ مندورِ ہنٛدٕ دیوار اِستادٕ کران ۔ تیٚلہٕ قلم کارس ونواس گژھنگ حوکُم دِنہٕ آو تہٕ اَمس آو سیٛکہِ صحراوکین ناپہ ژٔجِن منٛز بے اِختیار گرِ یادٕ نہٕ کرکھ تٕژبسِ نیرِتھ۔

کالہٕ چین چھا ہارِ سارے ٹرآری کانٛی پیٛٹھ سمان
سانہٕ پنٛنی کنٛز سون کانٛہہ ہمسایہ ماتٕے نظرِ گوٚے
از نہٕ چھا منٛز آنگنس منٛز شامنس سانٛہہ سمان
کھاسہ ٹھاٹھٕنے چھا گِنٛڈان ہِنٛج نارِ منٛز
ماژٕ صابس نشہٕ کران بنٛڈارٕ چھا وُنہٕ ٹرانٛی پاٹھر
از نہٕ چھا تٔھنٛج کاڈٕ ہے منٛز شوقہٕ ہیٛتھ لولو گیوان
یارٕ بل چھا وُنہٕ تمنٛتی اڈٕ گرٕ نہٕ مڈٕ گرٕ ٹرانٛی پاٹھی

جواہر لال سرورؔ

ناستلجیا گو پتھ کالس از کالس سٟتی رلہٕ کرِتھ عمل ۔ از کالکہ دورہ شہر منٛز پتھ کالکہ رنبہ وفی دوہ ۔ زٕونہٕ راتٕز کونگہٕ چھٕلے نہٕ یارٕ سنٛدِ یارٕ بلک نار دِنگ آرزوے ۔

ژھراو ہیٚنہ کوہ راد تنے ییم پوشہ وَن ہوا
سانٛی نِشانہٕ نظرِ ڈلی زن گرٕ ھن ہوا
ییم مٔتی خیال لولہٕ وٕزنی قلمہٕ چھم وُزن
ڈیکہ دِتھ مٔے پرستان چھم کھالان زن ہوا

بێیمہِ قوٗمک۔ یتھ کال مارٕ موٗنٛد، رٕنٛہٕ وَن تہٕ طرح دار آسہٕ تَمہٕ
قوٗمٕچ رُوحانی تہٕ تخلیقی عمل چھہِ شوٗبہٕ دار آسان۔

کاشرِس توارٟخس منٛز چھہِ تحریر زِ اکہِ دوٗہہٕ روٗد کشیرِ منٛز صرف
ساہ بٹہٕ گرٕ۔ تکیاز چھنکِ ظالِم گو تیز اُڈٕ ژٕلی۔ اُڈٕ گلی۔ اُڈٕلو کوٗر مذہب
تبدیل۔ مگر یمو کہو گرو ہار نہٕ ہیمتھ یمو کوٗر ظُلم جبر تہٕ انہٕ گوٹ برداش۔ مگر
اُصولن سٟتی کوٗرکھ نہٕ سودا... اوس اتھ کرٕ ہلس منٛز پننہِ ساکہِ ہُنٛد فخر تہٕ احساس
یمی چینن یہُنٛد کلہٕ نیوٗمراوٕنہٕ دیُت نہٕ۔ یمہٕ نِے گوٗنہٕ بنیوٗن ہُنٛد زٕ چھہِ اَز تِک
کوٗشر اقلیتی فرقہٕ۔

ناستالجیا چھہِ انسان پنٛدِس زانِن لبنس سٟتی وونہ بھولبان۔ یوٗناہ
شعوری بلوغیت اُمس منٛز یادٕ سپدٕ، تیوٗتاہ چھُہ یہِ پنٛنہِ کالس مُدے
گنڈان۔ اُمس چھہِ یہِ پنٛنہِ کال عشقہٕ منقلہِ زِنتہٕ پھلوان تہٕ ژٕوپاسے سبزٕ پرکاش
دیدمان باسان۔

دامنس اُہم اویزان کاینات
غارٕ منٛز اوٗسُس بہٕ نِگلان وُنیہہ
سِر پیہ گژھتا مۆتھ ڈیکس اُہم عُبرتہ
باغوداو ہُم برِس کُل شش جہات (بشیر اَختر)

بێیمِس پننہِ کالس کُن نظر تنگہِ دِنی تس چھہِ اُتھی تخلیقی سمارس منٛز
سوٗنسرلیہِ ہٕنٛدی شوٗرنگ۔ وُجوٗدکِس کنواسس پیٹھ وہراونہٕ یوان تہٕ فنکارس

ژُھ آلو ژلان نیر تھ۔

شوٗ نگان ییٚلہِ راتھ بالن شانٛد تھاوِتھ
دوٗ تھان میانین خیالن ٹھان لوٚت لوٚت
قلم میٚوٗنے گژھِتھ آزاد ہیٚیوٗ زن
بہارن نالہٕ دِی دِی شیِر لاگان

(یا) (ارجن دیو مجبوٗر)

کیٚتر سوٗرِ لہِر شہر
کیٚتی سوٗنٛدرِ محل
کیٚتر منظر حسین
کیٚتی نٕملی جہان
سمیہ کایایہ منٛز
خاک داماں سپدٕ
نار بزی گے وَنے کیٚتر رتی بوستان

(ارجن دیو مجبوٗر)

ناستالجیا چھِ نفسیاتی ماہرن نِشہِ یِتھہ کالکہِ عشقک ناو۔ یہ چھِ انسان سٕندِس شعوٗرس تہٕ لاشعوٗرس منٛز ہمیشہٕ موجوٗد روزان۔ خاص کرِتھ چھِ امہِ عشقک اِظہار تمہِ ساتہٕ جاذی ہاٚکل کران۔ ییٚلہِ اِنسان غریب الوطن سپدِ۔ اَمِس چھینہ پتہٕ امہِ نستالجیا بغار بیٚیہِ کانٛہہ ذہنی سہار آسان۔ یہ چھُ پھیری پھیری ادن کالس

وُنی دِوان تہٕ نظرن نل انان۔

آزن یِکھنا چھم لادنا ئے سرہو ونٛدے پادن

مدآ نہٕ چھم ناچآنی ودنائے از واتتم دادن

(رحمان ڈار)

ناستالجیا چھِ اکھ کلیڈٕس کوپ۔ یہِ چھُ ہرتھ ساتہٕ اِنسانس نٔوی نٔوی تہٕ لوبہٕ وِنی منظر ہاوان۔ یہِ ہنٛھ کال چھُ پٔرانن فرحت بخشان۔ یہِ چھُ پار ہ کر پٲٹھی زمن زمن تیلان۔ یہِ چھُ مٔرِ ماز کھیاوان۔ نِکیٲزِ یہِ چھُ جاوِ دٲنی تہٕ زندگی ہُشد آوبہٕ روے۔

شانن بوڈوِتھ منٛز

زن ہٹِھ گٹٕھ

پٔرانن کٔن درہٕ

بند بند تھہٕ تھہٕ

مٔرِ ماز وچھان

پارٕد تیلان

ہیٖرِ بون گمہٕ شران

وٲشجہٕ چھوہٕ چھوہٕ — دینانا تھ نادِم

اتھ دٲدِس چھیٖنہٕ کانہہ اوشت تہٕ وونت

سوٗنت سٔوت تہٕ سوٗنتے یہٕ چھُ دود سوٗنتے۔ دینانا تھ نادِم

پۆت کال چھُہ مُشابہتھ لبنہٕ وِزِ تہٕ زائِن لبان۔ مثلاً وَنہِ س منز ییٚلہِ اُسہِ گاڈ چھہِ رٹان اَسہِ چھُہ کشیرِ ہُند گاڈ بٔنہٕ یاد پیوان۔ اَتھ ہِنز چھُہ شین پہاڑ۔ واسکہ ناگ۔ واوٕ لکہ بال۔ ییٚچھ تہٕ کھوٗکھر یاد پیوان۔ ڈیٚدِ ہِنٛدِ منزلی بأتھ تہٕ پیرِ ہِنز گتھ۔ دیومالأیی واقعات۔ شینہٕ مُہنوٗر۔ ڈل مصالہٕ تہٕ شِشر گانٹہٕ یاد پیوان

بہشت ینٛمی ہنہٕ ییٚلہِ مأدأنی علاقن منز پوشن چھےٚ پھلےٚ لگان۔ اَسہِ چھہِ بادام وأر۔ چار چنأر۔ نِشاط شالہٕ مأر۔ پہلگام تہٕ گُلمرگ ہروشہر گُن پیوان اُسہِ چھہِ رکھشا بندنکہِ دوہ تصورس منز امرناتھ یاترا تہٕ شو سُند سوٗگُن سروٗپ تصورس منز وُچھان۔ نہ فرحنگ احساس چھہِ لبان۔ ییٚمہِ سانہٕ اسہِ رِیش مُنی شو دھرم گرنتھ۔ تأریخ لکھ کنتھ۔ دیو ستھان، اَستھان، مُقام، لولہٕ کنتھ، رزمیہ ہیرو، اوتار، فن سنگ تراشی، تأریخی عمارژ، مأرہ بہوٗدری ہِنٛدِ کرتب، دِلاورن ہنٛدِ کارنامہٕ یاد ووٗتہرکۍ حصہٕ چھُہ ینٛمتی آسان، امے حصولیأبی ہُنٛد نکس چھُہ شعورس منز جاے رٹان تہٕ کُنہٕ تحریکہٕ سیٚتۍ IMPLS لگنہٕ ہنز چھُہ بہٕ سورُے کینٛہہ سأئنس تصورس منز نِشنہٕ سپدان۔ موتی لال ساقین چھےٚ اَتھ بہترین منظر نِگأری کرمٕژ۔

وقتا نتہٕ گو ییٚنہٕ سمکھےٚ یکھ
دوہٕ نی چھم ییٚنہٕ گُن پیرِ ژھینی یاد
سورُے سور بوٗ سورُے کوہِ گو

وَنِر چھم پتھ کُن لبس سوے یاد
دَے بُوزِنِ شھوی نے آباد

یا

ژُرِنی وادن سُکلین ژڈ جامہٕ سأری
کوٚلن پھوٚٹمت گیوٚن چھپکھ بنفرآری
چھ شینہٕ پی پن ہلس پھِری پھِری دِوان وٗنی!
وَسن کرشینہٕ تھوٚسی جھِم داغ لأری

رادن تیوٚل چھُ قلم کارس تمِہ ساتہٕ پانہٕ مأرِس واتناوان ییلہٕ اُمِس فِکری بصیرٕژ تہٕ شعوری پختگی ہُنر موکھتہٕ مال پھلِہ پھلِہ چھِپے گژھان۔ اُمِس چھِ ناستلجیا امِہ ساتہٕ نالہٕ رٹِتھ موٚٹھِ موٚٹھِ دِتھ وودناوان۔

"خابٕ ماوُچھا یہٕ شامن شینہٕ تھوٚسی
راتھ البساوان اُچھن والو دہ ہے
صُبحَن لادِن زٕژن تل سِریہٕ دوٚد
میوٚن سوہ زِلہٕ سوشہ تِم سرسأوی ژٕہی
ینہ سیکلِ اچھِیاسہِ کِس تاپس اندر گژ گردِ بڑی
دوہٕ نی یہٕ چھس اشبارِ ہِتھ آسن پِٹن
راوُنک ایچھاس ژٕتھر اُدِتھ رچھان"

نِثار گُلزار

رتن لال جوہر چھ سہ احساس نہ دگ وزناوان ۔ یوسہ اہنٛدِس کائنانس رگن رگن اہر بزٕ ثردہ شر نہ موجوٗدٕ ناموافق حالاتن ہنٛد زہر پانہٕ مأرِس واتناوان چھُ ۔

حالاتن ہنٛز گرٕ بٹنِ پشان چھُس پان مہین
تیل دزان چھُس ژانگین اندر
ادٕ گاشس منٛز اوٚند پوٚک نأپان
پاکھ دِوان ژھٕرنے کنہِ ناٹین
آش رچھان
بہٕ کاینانک وٕجوٗد زژھرتھ

ناستلجیا چھُ کنہِ ساتہٕ اِنسانس پانہٕ مأرِس واتہٕ ناوان ۔ وطنس نِش یکہ زِندگی ہنٛدر کرِ بچھر ژأل ژالِ پننِس بالہِ یارس دیوانہٕ وار آلوٗ لایناوان ۔

ژٔرے مثأٲقی پأنٛژ زِندگی دُشوار چھےٚ نا
بہٕ ڈیشان چھُس وٕونم گوش کرے نا
جگر دردک بنیوٗمت کربلا از
دِوان آلو چھُنا کنہِ کاشہ ٲپنا

تنہا انصأری

نستلجیا چھُ تخلیقی عملِ ہنٛدی میزان تہٕ عقیدتکی تہٕ امارکی ونہٕ پدی گاشرا وان ۔ مثالے وچھتو اکس بارہٕ جغرأفی دان ریشِس سیٚمس ثرگیش اوس ناد ۔

یہ چھُ حُبِ وطنکۍ جوتونن تیثوٚت آوُرمُت زِ امیس چھِ کلہٕ سماہکۍ عموماً تہٕ
ہندوستانکۍ تہٕ تھ خصوصاً کشیرِ منزٕ ے ذریٖٹھۍ گرٛھان:

संसार भूतल सारं
तत्रपीच हिमालयम्
तत्रऽपि सार काशमीरं
तत्रऽपि च विजयश्वरं

ناستلجیا یعنی پوٚت کَل چھُ سماجی تہٕ سیاسی دوٚہلاین منز اُمۍتھ دارایہِ
ہنز کام کران۔ یہِ چھُ قوت برداشت پاد کران۔ انسان چھُ نامسأید حالاتن سیتۍ
مُقابلہٕ کرنس پیٹھ تیار سپدان۔ یتیلہِ ۱۹۹۰ ہس منز کأشرۍ بٹہٕ کشیرِ منزٕ بے دخل
کرنہٕ آیہِ، تہٕ سیکہِ مادانن ہنزن تاپہٕ کرٛاین منز آیہٕ ہینہٕ۔ یمن ییٚو رامہٕ ژُندرُن
وَنواس یاد۔ مخمل فرشس پیٹھ پکن وول رامہٕ ژُندر چھمبن چھارن تہٕ کنڈین منز دوٚہ
گُذران تہٕ مُعینن ہُند مردانہٕ وار مُقابلہٕ کران۔ یمن پیٚج امہِ سٕتۍ ہِمتھ۔ یِہو لوگ
وِلکھ زار کاپہٕ انہٕ نک اَشوٚمید بکیہ کرِن تہٕ واراہ حدس تام سپدۍ اتھ منز کامیاب۔
ناستلجیا چھُ ترتھ قومس الگ عُنوانن ہُند زانین دِتھ اتھ پیٹھ فخر کرناوان۔
کأشرِن چھُ عالیشان ثقافتُک، افغانِستانکین پٹھانن نِشانہٕ بازی ہُند، انگریزن
تخلیقی حصولیابی ہُند، چین، مصر تہٕ روم کین پننہِ قدیم تہذیبُک۔ ہریانہٕ کین
پننہٕ نین ہیروٚن ہُند تہٕ زولولینڈ افریکہ کین لوکن لڑایہِ منز خوفناک دانٛد
زہر گرنُک ناستلجیا۔

ماہرِ نفسیات چھِ وَنان اگر انسانی زِندگی منز پتھ کانٛہہ یادٕ وُونٛتھ مشرٕ پییہ انسان بنہِ زِندٕ لاش۔ یہ گژھ ہیٚتہٕ واد نفسیاتی بیمارِین ہُند شکار۔ شمبھو ناتھ بٹ حلیمؔ چھ فوٹو گرافر سندی پاٹھۍ نا سٹلجِک تصور کشی کران۔

ماج وِہ ژٕ ژرٛاوکھ نہٕ خالی
پرانی حق اہرِیتھ ڈا آ ژ
ٹیٚنشہِ رَتھ کھوَت بانہا
باوٕ کس وَنہٕ حالِ دِل

٥

اَسہ چھِ پھیٚتر ریش مالی
نُنُدہ بیٚن ژار وا لی
للہِ ہیٚندی اَسہ خانہٕ مالی
باوٕ کس وَنہٕ حالِ دِل

ناسٹلجِک بہترِین مثال چھِ بٹن ہُند "ہیٚزِرے وَنہٕ وُن" اتھ منز چھِ یِم سارٕے دِلوی تہٕ دوٚتھن ہنزٕ پوٗزا کران۔ اِخلاقی درس دِوان اِخلاقی قدرن متعلق چھ اکھ انگریزی نقاد سکانٹ وَنان زِ کلچر تہٕ تہذیبہٕ خاطرٕ چھ اِخلاقُک اکھ تصور ضروری۔ اِخلاقُک یہ تصور یوٚت پایدار تہٕ قدرن ہُند نظام یوٚت مربوط آسان چھ تیوٗتے مضبوط کلچر چھ ظہور پذیر سپدان"۔ یہے کلچر چھُ قومن ہندِ ناسٹلجِک گاشہِ آگر بنان۔ ویدو تہٕ اُپنِشدو چھِ اِخلاقکی تِمتی معیار مقرر کرِمتی یِمَن ہِنٛز مثال

وُنی نیہکس لٹریچرس منز کُنہ چھنہٕ درٹھی گژھان ۔ طاقتک تہٕ نوزُک آگُر چھہٕ زنان (شکتی) مانٛنہٕ یِوان ۔ اُمس چھےٚ زگت امبایہٕ ہنٛزِ شکلہِ منز پوٗزا یِوان کرنہٕ ۔ بیہ چھےٚ اِغلاقچ پۆرزلوٗنۍ مِثال ہیٚنِمیک جور یالہی سوٗتھرس پیٹھ کُنہِ چھنہٕ میلان " گاوام شوٗم چاستو" ۔ گاوِ چھہ اسہِ ماجہِ ہُند انہار بخشمت تہٕ اُمس چھہِ اُسی پوٗزا کران ۔ گاوِ ہٕنٛزِ دوہیہِ چھہِ اُسی جانادرن سال کران ۔ یہٕ میکھلہٕ دوہ بچَن شُدھی بابت " پنٛژ گبو " چادان ۔ شِوراتری دوہیہِ بیرُ ناتھس آواہن کران تہٕ نوریٚیہہ دوہیہ میلہٕ تلمس ، انس ، پوشن جنتری پُتھ وُچھان تہٕ بُرہماندٕس ، ستہٕ رٕیشن ، نیلہٕ ناگس ، پشاچن ہندِس رازٕ بکھبس پوٗزا کران ۔ بھاُدرٕ زوٗنہٕ پچہٕ تٔروش دوہ وہتھ ہنٛز پوٗزا کران ۔ یہ سوٗرے چھہ سانہٕ ناستیکھیک اکھ اژھن تہٕ ابن انگ بیان ۔ یِم واقعات چھہِ سانٛس ۸ شعوٗرس منز جذب سپدیتھ شعوٗرکس کُنہِ واسس پیٹھ تمہٕ ساتہٕ وہرٕنہٕ یِوان ییٚلہٕ جلاے وطنی منز یمَن نارَن زیر چھےٚ لگان تہٕ یہ سوٗرے یتھ کال چھہ اسہٕ اُچھَن تل یوان تہٕ دِلس تہٕ دیہماغس فرحت دِوان ۔ ییٚمہٕ ساتہٕ سیکہٕ محراون منز سانہٕ ماجہِ بیٚنہٕ میکھلہٕ مہرازس وہیکس گتھ کرہِ کرہِ ونان چھہ

ہمہِ وٕدوتھم تہٕ ویکہِ کھوتم طوطہِ وٕدوتھم یاربل ۔

اکھ طلسم چھہ پادٕ سپدان ۔ طلوطلم چھہ ودہتھان تہٕ بے دابہٕ چھہ گرٕ یاد پیوان سٕہ گرٕ یس ووٚنی ناوٕ بٔزٕ چھہ گومُت ۔ مگر سانٛس زیہنس منز سیٚ سوٚنہٕ ساوی گرہ بیٚنہٕ دید پٔری کتھ اُس ونان تہٕ شُرِن زوٗن ماگ زوٗن وٕنی وٕنی نیٚنیدٕر پادان ۔ سامہٕ دیدکی یِم شلوٗک ییٚلہٕ اُسی از تہٕ بوزان چھہِ یِم خاندرس پیٹھ وِنہٕ وَن

گرِ شۆکلم پۆژتھ آرمب چھِ کران چھ ساناہن وۄتھَن مُدریر ہۄزانان نہٕ پتھٕن ناتسلجیا خبر کمَن طِلسمانن ہُنٛد سأر کرناوان۔ مأنٛزِ مہرازس وَنہٕ وان۔

واسدیو رازٕ نہٕ پادشاہ پیَنٛدو
مأنٛزِ مَسند چھُے پأرأ وِتھ
آکھا وِلِ تَے زاکھا وِ کھنٛنے
مأنٛز لاگےَ پادشاہ تخنس بیٹھ
ہ

دِ دگون

مہاگنہٕ پتہٕ سُنٛد شنٛزۄژ پۄژ نورے
دِ دے گونس لِوأ سے
گنگہٕ بل تورے گنگہٕ ووژ نوٹے
وونیم ووڈو لِوأ سے
ہ

یونہٕ
ژھس گوَ اسَرن ہٕرگ آبہٕ بوہنن
شراہمنو گمَتھ کوٗر یونس پَتھ
یونس چأنِس رٗوف نہٕ روہ نے
ژٕ کَس راجہٕ رٕینے زاکھ
ہ

## ژانٛدر

سہرِ کے گِکہ وو وٕنہٕ کے پُچھنو
اَچھ ہا لوسَم کر واتکھ
نٛدرس سوٚتھ ڈیٚت زلہٕ اونٛارے
دَشرتھ راژنٕ سوآ ری

یہٕ سورٕے چھُ سانیٚن پیٚشرَون ہُنٛد ڈیٚت۔ یُس اَسہِ سوٚنٛچِتھ سمجتھ
شعور نہٕ لاشعورکِس تہہ خانَن مَنٛز رٹِھرٕتھ چھُ تھوومُت۔ یہِ چھےٚ ساٚنٛز قومی وراثت۔
یِیلہِ اَسہِ سمٛبٕیک ترٛوہشر پاٹھہٕ مارٕس چھُ وانٛناوان تمہِ ساتہٕ چھہِ اَسر
شعر ماٚژی ہیٚرِ اَتھس کُن مُدے گٕنٛڈان نہٕ اسہِ چھُ دِلس قرار نہٕ ووٚنٛدس
شیٚہلتھ پیوان۔

ڈاکٹر رتن تلاشی

# ہم کال شٲعری ۔ اکھ ساہ

ہم کال شٲعری وَننہٕ چھُ میٲنۍ مطلب سۄ شٲعری یُس پٔتمیس دٔہلِس دوران تخلیق سپٕز تہٕ یتھ منٛز امہِ دورکہِ انتشارٕچ تہٕ عصری آگہی ہُنٛز بادتھ سپٕز مٕژ چھیٚیہٕ۔ مے چھُ ییٚمہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف زِ ہمکال شٲعری مُتلق کانٛہہ راے ذٲنی کٔرتھ چھُ کینٛژاو وجہو کنٛ نامناسب۔ تکیازِ امہِ رایہِ ہُنٛز غار جانبداری متلق ہیکن سوال ووتھنہِ۔ کٲشر زبٲنۍ ہنٛدِس ہمکال ادبس مُتلق قلم آزمٲیی کرنس چھےٚ امہِ علاوہ تہِ کیٛنٛہہ دِقتہٕ۔ ژٔلن پٔتمین کیٛنٛژن وریٚین دوران یِہ کینٛژھا لیکھنہٕ آو تہٕ سوٚرُے چھپنہٕ وِنہِ بروٚنٛہہ کُن آمُت۔ تکیازِ اوّل چھِ کٲشرِ زبٲنۍ منٛز اشاعتی وسیلن ہُنٛز دٔسیٲبی کمے پہَن تہٕ دوٚیم چھِ وقتیچ ہنگامیتَر تہٕ بےوسٲیی وچھِتھ شاعرَن پنُن کلامہٕ مارکس منٛز تراوُن زیٛنہ کھوٚرپہ تھَو موٗران۔ پٔتمین کیٛنٛژن وریٚین دوران آیہِ کینٛژن اہم شاعرن ہُنٛز شارٕ سوٚمبرنہٕ۔ مگر بیٚشتر شارٕ سوٚمبرنَن منٛز چھُ پٔتمین دٔہن وریٚین ہُنٛد کلام آمُت نُونا۔ "سیاہ رُودٕ جرُین منٛز" یا "نےٚ چھےٚ نالان" چھےٚ یِتھہٕ کیٛنٛہہ مِثالہٕ۔ یِمنے باتھے چھےٚ "نٮ۪ری نغمہٕ" نیٚرَن ہُنٛزے گٕشگراے، "زرٕ صحراوی صدا" یَو نام زٕ "پدٕ سمیکرِ" یوٚدوے یِمی دورٕچ پادادار چھےٚ مگر امیک تخلیقی وتش چھُ یِمہِ دورٕ بروٚنٛہہ۔ یِہ چھُ شاید موجوٗدٕ وقتچہِ بےپٔرژی تہٕ بےوسٲیی ہُنٛد نتیجہ زِ یِتھہٕ پٔتمیس دٔہلِس دوران آیہِ عقیدتی

شاعری بسلہٕ پاٹھی بروٗنہہ کُن۔ اتھ لۄدوے بیٚیہ تہٕ کینٛہہ وجوہات آسن مگر شاید چھُس یِنہٕ اکھ وجہ زِ عقیدک ڈٔنیاہ ییتہٕ کاٗنسہِ ہیٚتھ اگرن باگرن چھُنہٕ تہٕ کاتہہ بار یا دشمنے چھُہ تہٕ یتھِس بے پٔرتھ وقتس منٛز چھُ یہِ پننیٚ تخلیقی ٹیٹھ ہیوٗ مرادونگ اکھ بے فرہٕ وسیلہٕ حقیقی ڈٔنیا نِشہِ اُچھ وٹتہِ عقیدک ڈٔنیاہ پاننٲوک یہِ رجحان چھُ ورگہ پاٹھ شاعرہٕ شنٛزِ کُمہ تام مجبوری ہُند نتیجہٕ باسان یا بقولہِ مہجورٕ ؎

وِنہٕ ہے مہجور داستان دِل ضرور

وِنہٕ تس تہٕ چھُے ناتس وار مدنو

بہر حال یتہ مس ڈٔہلس دوران تخلیق سپنٛز شرئیس تہٕ کم ملیل شاعری بروٗنٛہہ کُن آیہٕ چھُے تمیک پیٹھی پیٹھی جایزہ ہینہٕ پتہٕ چھُنہٕ یہِ باسان زِ یہِ شاعری کیا چھیٚہ امہِ بروٗنٛہمہِ جدید شاعری نِش یکسر وکھریا کانٛہہ الگ تہٕ نوٚو انداز ہینتھ۔ پٔزر چھُ یہِ زِ موضوع، مزاز تہٕ ہینتی طور چھُنہٕ اتھ شاعری امہِ بروٗنٛہمہِ جدید شاعری نِش کانٛہہ تہٕ اہم بھیر بلکہ چھیٚہ یہِ وار یا حدس نام اَمی شاعری ہُند وہراد باسان۔ وۄنیک گو موجوٗدہٕ دورٕکین حالاتن ہندِ ین چھوٚکن ۂنٛز دگہٕ ۂنٛز باوتھ ییتہٕ ییتہٕ اتھ شاعری منٛز سپنٛز ۂش چھیٚہ سوٚہ نظر تل تھاوِتھ چھُنہٕ یہِ مانہٕ وراے کانٛہہ تہٕ چارٕ زِ یٔرتھ ہش شاپہ باوتھ ہیکہٕ ہے صرف یمی دورٕکین یتھیے حالاتن ہندِ شکمہٕ منٛز نیرتھ۔ یمن چھوٚکن ۂنٛز دگہٕ ہُند پوت صدا ییتہٕ ییتہٕ اتھ شاعری منٛز کُنن گگرھان چھُ تنہٕ تنہٕ چھُہ تمیک ہوا نوا تہٕ توٚثر جدید شاعری نِشہٕ ہنا دکھ باسان تہٕ امی موجوب چھُ اَسہِ اَتھ شاعری منٛز کینٛہہ رجحان زیادٕ پہن غالب تہٕ لبنہٕ یوان ییم پھیر بدٕ کڈنہٕ باپتھ چھُ ضروری زِ اَسی ترٲوو جدید کالچہ شاعری ہیٹھ اکھ سرسری نظر

جدید دورس منز سپز سانہ شاعری منز موضوعی کیو ہیتی لحاظہ رنگا رنگی پاد۔ یہ اوس تمہ دورکیُن شاعرن ہنز تخلیقی کار نظریاتی زوالُک نشہ آزاد سپدِتھ تہ تجربازی کیو پژر دِ پکنڈا ژرآوِتھ یِم نِمن موضوعاتن تہ جذباتن آبہ زلو انہ لوگ۔ یِتہ چھیہ حقیقتھ زِ امہ دورن دِژ سانہ زبانہِ کینہہ قداوار شاعر یِمو پننہِ تخلیقی قوژ ستی کاشُر شاعری نوین جہتن کُن پکناو۔ دوی گو انتہ ستی سپز انتہ دورس منز سانہ شاعری منز زِ رُوشہِ غالب یمو شاعری پننہِ میٹرِ تہ ماحولہِ نش دور راو۔ اکھ رُوش اس یِزِ سون شاعر لوگ کشیرِ منز بیہتھے عالمی گامک تِس کین دریننگ بہانہ کرِنتھ تمام عالمکین حادثن تہ حالاتن الِہ کھول کرنہِ۔ یِمہ کِنہِ تِمشد سوشج پننہِ آندی پکھ نشہ ژھینہ سپدِتھ دورِ گژھن ہیندِ س ژکر وِلوہس منز یِنہ آو۔ امہِ علاوہ سپد خارجی زندگی نش دورنس۔ یِہ وجہ تہ زِ حالاتو یِنہِ انسانس ریب رسہ تم وسیلہ ہیتھ یمو تس دویمن ستی روزنک راحت تہ سوکون میسر کورمت اوس۔ چناچہ معاشرِ پیٹھ انسانی قدرن ہنز رآچھ راوٹ کرنس اہل رُود نہ فردس تہ فردس درمیان وو تلمو دور پر تہ نتیجہ ژراو زِ دویہس ستی رِشتہ منقطع سپدِتھ لوگ تس پننہ نس ژانس منزے چھین جاے ژھارنہِ۔ امی صورت حالن کور سون شاعر تہ اکھ شدید کنفیوژک شکار۔ تس لوگ نیبرِم دُنیاہ ژرآوِتھ ذاتہ کس گتاشتس منز گرفتار سپدِتھ اندرِم شُشنہ ژھنڈنہِ تہ بعدہ یہ اندرِم ادبود تہ ازآفی تُشنہ بنبود اہنز شاعری ہُند دُنیاہ۔ یہ اوس فقط ادہِ ہُندے بوت دُنیاہ یتھ یہوے بوت اُنزہی ہُنزی گوڈمت اوس تہ باقین ہُندِ باپتھ اوس یہ وو ہیر ہیئو۔ دویم رُوشِ اس یہ زِ کُنہِ کُنہِ آیہ جدید بوزنہ یِنہ کس فیشنس تحتھ بے طور ازحد وُٹھنیل، وَدل تہ کھر لہ زبان وزناوہ یس ڈاڈا ازم چہ تحریکہ تہ پتھ

ژرادِ پٮ۪ٹھ تنگ دَو باسان اٰسۍ۔ تخلیقی مجبوری برعکس نوبر پسندی ہنٛدِ جنوٗنہٕ سٟتۍ مُتأثرٕ تھٕ زبانٕ درٛنادِ سٟتۍ دوت شاعرن تریٖلہٕ خیالس تہٕ دوارٕ۔ یودوے یہٕ رۄش اَرنہٕ نظرِ گژھان چھےٚ اما پوز پٮ۪تھ مێن ذہن وریٖن ہنٛدیو حالاتو ہیوت کٲشرِ تخلیق کارو ڈٕنگہِ الزامہٕ تیشہٕ بری کرُن۔ یانے سانہِ شاعری ہنٛدیو ہوانوا تہٕ دُنیہس ہیکہِ نہٕ شاید وۄنہٕ کانہہ تہٕ دۄہ پرٛدٕ نتھ۔ اول یتھیمہِ مؤجوب زیٖمِن گل ڈُنہِ ہکین حادثن تہٕ المیٖن سون شاعر ژوٗنہہ چھرا ذہنی سو تھرس پٮ۪ٹھ مۆحسوس کران اوس از بنیہ تم نس پننہِ زندگی ہنٛز حقیقتھ۔ از نہٕ چھیٚہ تس کُنہِ عالمی فلسفیچ لادنے نہٕ نہٕ پانس عالمی گامک تُبرکین ماننہِ ساری عالمکہ غم تہٕ چھوہ کھلٕناوچ کل۔ تکیازِ از چھیٚہ تس پننین چھوکن شُمار یوان دوقیمین کیاسہٕ تہٕ۔ ڈدہم کوٗر تسہٕ سمو حالاتو اجنبی دُنیاہ پٮ۪ٹھ واپس اَتھ پٮ۪نہ نیسے اندٕ پکھس منز زۆنس مجبور۔ تسہٕ لوٗگ دۄہ زم دُنیاہ تہٕ دۄہ زِم غم ژراوتھ تمہنے چھوکن رچھ دِنہٕ ہم تیشدہن مؤجود حالاتن ہنٛد ذینٛت چھُ۔ یتھیمہِ دورچہِ شاعری منز چھےٚ اسہٕ یمنے چھوکن ہنٛدِ دسر دوہ تلاو تہٕ آمتہِ کرشچ برقی رو ہش مۆحسوس سپدان یس اسہٕ یہٕ مانس تابل کران چھیٚہ زِ یہٕ شاعری چھیٚہ وطن واپسی ہنٛز شاعری تکیازِ یتھ بیشتر شاعری منز چھےٚ اسہٕ مؤجود دور کین دوکھ حالاتن منز ہمتہٕ آمژِ کشیرِ تہٕ کٲشرِ پنٛدس منتشر وژودس سٟتۍ موکھ مدائے سپدان تہٕ یوہے چھُ امہِ شاعری ہنٛد غالب رجحان تہٕ :

۱. ژیوٗن لوتی دستروادتی تیتھ آو بنٛیل

دارِ تہٕ برلرزِ بیہِ نیبر آواز نہٕ لوٗد

۲. نس ژٹ ہش کوہ ستامتھ آیہِ

تہٕ شہتھ وُہرن

کتھ ین مانتھر گلین لوگ نار
خانہ وُجارِ کتھ ین لوکن
باگہ لیتھن
یہ ماگ راتھ مستقل غمچ یہ زِہڈ داستان
عجب مُلک نواح کران درد چھے نوشاب پران

اوندروںگ خلوکھ خانہ ترِاوِتھ کوّر اَزیک شاعر یئمہ دور کیو تمو سیاسی تہ سمأجی حالاتو تہ مجبوریم ستأجی پتہ ربہ ربہ وادی منز رونُما سپدِ۔ تمو حالاتو دیت تس وارہ وارہ یہ احساس زِ تس چھُ اکس تتھس سمأجی کیو سیاسی نظامس منز پھستھ ییتہ پدس پدس ہیتھ نابرابری، حق تلفی، ناانصافی تہ عدم تحفُظ چھُ۔ تمی ژاوِن زِ فرد چھُ کیتژن ناموزاد پرتن ہنزن لتن تل یم تس پنن ذأتی مقصد بامل اَنِنہ باپتھ کُنہ تہ ساتھ لتہ موقہ کرنا۔ موجودہ زندگی ہنز امہ کرچکیچ باوتھ چھیہ نمتہ برژ تمہ شاعری منز تہ اماپوز یوت غالب پاٹھی تہ نمایاں پاٹھی تہ یوت یئمہ دہلچہ شاعری منز اپج باوتھ ہیپر پتر چھیہ۔ نکیباز موجودہ سمأجی زندگی ہنزِ امہ کرِہنیارگ سیلاب سپد ییتھ دہلس دوران گاشرس تخلیق کارس نزِ پیٹھی۔ نتیجہ دِراو بیِز اَزیک شاعر سپد ذاتہ کِہ خولہ منز نیبر نیرتس تہ پانس اندرِ یکھ چہ زندگی سنگس مجبور۔ یتھ پاٹھی چھُ ازِچ شاعری منز ذأتی دوہ کھ تہ کربہ بدلہ جماعتی کربچ تہ دوہچ باوتھ کرتھ جماتس ستی پنن پان وابستہ کرنچ جُستجو، نتہ غار محفوظیت، اجنبیت لاتوپقی تہ ہر زھنس بیتر جذبن تحتہ ذاتہ منز نیبر نیرتھ جماتس ستی پنن پان ہم آہنگ کرنچ کشمکش دِرتنیٹھی گرژھان مثلن یم کینہہ مثالہ وُچھو۔

۱. مٕسہ بٔرونٛہہ کٔمۍ لوٚک بے خیال لاالوثق
یہ پابے بنٛد سراپا نظر تہٕ خاموشی

۲. چٕھری گٔنش نہ برگ کیٚہہ نہ کانٛہہ ژھاے ڈلائی
تم جایہ تہٕ تم بأژ اما کور سناگے

۳. کن کرِیشان أچھ ترسان پٔنن کانٛہہ بٔنتھ پیٚیہِ نا
یِیلہِ چیٚشمن لگِ ڈہراتھ یہ کیٚتھ کٔنی لیکھ غزل

۴. دردِ گاہے رٔنج دٔلیل چھِ أسی ۔ کربلاہے سبز سبیل چھِ أسی

۵۔ اندرِ چھواتوہ بأژ گرگر سأری وارے

کٔنبرسٕتی وۄدہ بلیمٕژ خوف تہٕ اجنبیٕژ بیتر ہشہ کہ جذبہٕ أسی جدید دورچہِ شأعری منٛز نہٕ اماپوز نتہٕ اوس شاعرِ جدید جساگہی ہیٚندِس سوچس تحتھ یہ سورے یہ کرب جدید زِندگی ۂنٛد لوٚگ لون ماننتھ یمن بٔرونٛہہ کنہِ سرخم کران۔ نتہٕ اوس مٕسہ خأرجی زِندگی ۂنز ناہمواری تہٕ دیکھژار وچھتھ پنہٕ نس اۆندرۆنس منٛز پناہ ژھاران مگر یتٕنہِ چھیٚیہ گۄنزِ چہِ حالتھ منٛز پان موکلاونٕچ آمادگی تہٕ نہٕ فردس تہٕ سماجس درمیان ژھیٚونمت رِشتہٕ بحال کرنٕچ وۄدہ تھ ژھانٛٹھ تہٕ۔ یوہے وجہ چھ زِ یتھ شأعری منٛز چھیٚیہ گبے ذأتی دوہ کھ بدلہٕ جماعتی دوہ کھ تہٕ زِندگی ہٕنز بادھکأری تہٕ تہٕ گبے معاشرٕ نہتاونہٕ ہینگ ہاہاکار یا پتھ کالس تہٕ تہذیبی میراثس زأگی دِنگ رٕہ جان نہٕ لیکہٕ پأٹھی آمٕت۔

چناچہِ امہٕ شأعری ہٕنٛد تجربأتی دُنیاہ چھ یتھ پأٹھی موجوٗد دورکِس نوأرگی المیس أندی أندی نژان ییٚمہِ سبہ انتھ منٛز تیتھ زبأنی ورتاوچ ترایے زیادہ پہن لبنہٕ یوان چھیٚیہ

ییمکی مۄل تہٕ ثقافتی وِرثس منٛز سٟنٛز تہٕ گنٛز چھِ یُس اَکھ شاعرن پانس برۄنٛہہ کنہِ نِہاونہٕ یِوان وُچھہٕ۔ اتھ شاعری منٛز چھِ علمدار، ریٚوش، وینہٕ، بۄنۍ، زبرون، کنٛزل ون، بار، گنٛجہٕ پۄشنۍول مختلف جاییہٕ ناو اَستانن تہٕ اَسفاپَتن ہیٚنٛدۍ ناو لفظا تہٕ بلاقہٕ تم ویدزنہٕ نام مۄرودھ ییم کأشر ثقافتی زِندگی ہنٛدۍ اہم انگ چھِ زبأنۍ ورتاوٕچ یہِ مخصوص عوأمی چھیٖیہ ورگہٕ یأگرٕ بہِ پٔزر تہٕ پرکھاوان زِ موٗجوٗدٕ دورک یہِ شاعر کتھ حدس تام چھُ پننہِ میٚشرٕ تہٕ ماحولس منٛز جذبأتی سۄنٛہرس پیٹھ سٹھا قُربتہٕ سان لسان بسان۔ ییتھ زبأنۍ ورتاوک روحجان چھُ ملہ تلہ تمہِ راوُن نیلکہِ احساسک نتیجہٕ یُس اَمِس شاعرس اندٕ باپتھ موجوٗدٕ دورک سوٗنامتھ چھُ تہٕ یُتھے سہٕ موجوٗدٕ وقتک کرب مشراونہٕ باپتھ یا پننہِ پرزنتھ ونراونہٕ باپتھ پننہِ ثقافتی مۄل ژھاران چھُ انہِ چھِ اَمِس ییمے عام تہٕ ویدکۍ مۄروض بتھہِ ہیوان۔ راوُن نیلک یہِ تکھٕن تلہٕ دِتُن ایٚحساس تہٕ ییتھ کالس زأنۍ دِنٕچ ثرایہ چھیٖیہ ییمہِ دورچہِ شاعری منٛز اکہِ نتہٕ بییہِ رنٛگہٕ زیادٕ ہن آمٕژ۔ گہے یِژھن غأر جذبأتی شار باوژن ہنٛدِس صورتس منٛز ییم اَکس مدرس کربس زیٚر دِتھ اکھ سٕہ وُن نوٗژر ووتلاوان چھِ مثلن ؎

اَسہٕ تہٕ چھِ الم پھرس پھرس ژیرٕ وُچھان
اَسہِ نہِ چھُ اکثر یاد ہیوان لوہ کچار تہٕ خاب

(رفیق راز)

تہٕ گہے چھُ یہِ صورتِ حال ییمہِ آیہِ مۄروض شیٚر شخصاونکأری کرِتھ تہٕ النا کھ ڈراما ووتلأوِتھ دِیدماتہٕ کرنہٕ آمٕژ ۔

نوزاو کھس مۄنٛز ژِہتھ حال ونان اَسہٕ (رحمان راہی)

یا گژھے جذبن ہنٛز شدتٕ سان ییٚمہٕ آیہٕ احتجاجی تہٕ استغنائی لہجس منٛز ـــ

گٕمہٕ مییہٕ کوٗرُم سوٚنہٕ شُہُل غاب ییٚتین
گُمہٕ مییہٕ تھوٗوُم ناگ سوٚنہٕ تنہل بال گھٹتھ

( تنیج راول )

راوُن تہٕ لُکھ بہٕ کرب تہٕ محرومی ہٕنٛد بہٕ غم چھُ ہمکال شاعرن ہنٛز زندگی ہنٛد تانٛہ پنٛزر تہٕ تِہنٛد جذباتی دُنیہُک اکھ اَژھن انگ بنیوٗمت۔ سُہ چھُ توے پہرٕ پہرٕ اُمیُک اظہار کران۔ یہ رُجحان یوٚدوے ییٚمہٕ دورُک بیشتر شاعرن منٛز جلوہ گر چھُ اما پوٚز بےٚگرٕ شاعرن منٛز چھُ امیُک احساس زیادٕ شدتہٕ سان لبنہٕ یوان۔ چُناچہ تِمن چھُ اکھ تیتھ صوٗرت حال باگہٕ آمُت ییٚمہٕ سٕتۍ تِہنٛز زندگی لاسمت بیٚنٛچ شکار سپنٛز چھےٚ۔ اَمِس وَتہٕ ویلاے شاعرس پنٛنہِ پرزنتھ ژھارنہٕ باپتھ جستجو کرنُک وٗتُش دِوان یتھ دوران بہٕ پیٚنہٕ نِس یادٕ وٗوتہِ رکس شہلہِ گُلس تل داتان چھُ۔ یہ موٗل سرمایہ چھُ بلاواسطہ یا اُتھ اَمِس عصری کرب وِہتراونُک وسیلہٕ تہٕ فراہم کران۔ چاہے سوٚ ارجن دیو مجبورنٛ "پدٕ سمیکہِ" آسُن یا "تیوٗل" ہش طویل نظمہٕ، موتی لال ساقی سُنٛز "گُمرن" یا جواہر لال سُرور سُنٛز "ون پوشہٕ ژوٗلو ون" آسہِ تن پرزنتھ تہٕ ثقافتی موٗل ژھارنٛچ جستجو چھےٚ بیٚژھ بیشتر شاعری منٛز ٹاکارٕ۔

یہ کتھ چھےٚ دِلچسپ زِ چاہے کشیرِ منٛز روزن وول شاعر آسُن یا کشیرِ نیبر مُہاجر بےٚ گھتی صوٗرت حالس مُتلق چھےٚ اظہارکس سوٚتہرس بیٚٹھ مماثلتھ ہش لبنہٕ یوان۔ مثلن وُچھتو یِمن یوٚنٛ مین شارٕ توٗ موٗنن منٛز کتھ یاگٕ چھُ درپیش صوٗرت حالچ تصویر سگاری کرنہٕ باپتھ مختلف شاعرو لفظ سہلاکہ الہ پلہ اکی اُنمانہٕ ورتاوکوٚرمُت ـــ

۱۔ بونہِ تیے ییہر واجہِ سہلابن
ناوِ تیے ژھینِ طناب اللہ ہو — مشعل سُلطانپوری

۲۔ سہلابن ژُھن ڈُبہٕ ڈاس کٔرِتھ
اِنسان کیو حیوان ییہر وٲلِن
کم باغ تہٕ جنگل لٔہرٲوِن — رتن لال جوہر

۳۔ نوح سُند اکھ طوفان نِھکہٕ رٔوس ییتہٕ سہلاب — (رُسل پونپُر)

حالاتن ہِنٛز شاعرَن سُند یہِ ردِعمل چھُ بیییہِ آیہِ تہٕ نوٚن خاصکر تِمن شاعرن منٛز ییتہٕ شاعرو دِ پیش حالاتن ہُند سوٚد رِ منتہیٰ کٔرِتھ "وجہٕ" تہٕ "اثر" کِہِن محرکاتن ہِنٛز پرنہٕ چھاۓ گٔرمٕژ چھیہِ۔ اماپوز اتھ دوران چھیہِ تِھِن شارن منٛز کُنہِ کُنہِ "رنج" تہٕ "بدی" ہِنٛز خانہٕ بُندی سپنٕژ ییمہِ سٟتۍ اتھ منٛز کُنہِ کُنہِ ٹاسرِ جذباتھ نِگارۍ ہُند باس لگان چھُ۔ مثلن

۱۔ چھُہِ تہٕ سہ محافظِ امن امانگ رٕٹِہ بودنا وٕٹِہ ڈیار کرد کیا
۲۔ مہٕرِ گُلس رٕنہٕ لو چھِہِ تیز ہٕژر زُلچ شِنٛز پُے بالغ گٔمٕژ
۳۔ تِم عقیل تہٕ شکیل کٔنتی ہِتھ دِنا یِنا چھِہِ دلوان راز دٲنی منٛز
۴۔ دو ہِیر دستار دِتھ سوٚنچ ییرداری
مَنٛگِتھ اُفہٕ ہٕژ گنس
جولہِ منٛز نیرِتھ ژھِپان

ہرگاہ اَسۍ وُچھو یِمن شاہِ مِثالن منٛز چھیہِ مُختلِف لفظو تہٕ رمزو دُسی جان تہٕ ناکارہٕ عنصرن ہِنٛز خانہٕ بُندی ٹاسکارہٕ سپنٕژ۔ حاکم تہٕ محکوم، ظالِم تہٕ مظلوم کِردارن درمیان

یہِ بٲگرن گرِتھ یوٚدوے کُنہٕ کُنہِ مارٕ مٔنٛدۍ پیکرن تہٕ خوٗبصورتھ ورگہ باوٕنٛ دِنٕچ کوشش شاعری تہٕ تخلیق کرنہٕ آمژ چھےٚ اماپوٚز یژھہ شاعری منٛز چھےٚ تژھن مِثالن ہنٛز تہٕ کمی یمیٚتہٕ باسان چھُ زِ شاعرَو چھُنہٕ تخلیقی عملہِ منٛز جذبس پنُن مُناسب رول ادا کرنہٕ دِتمُت۔ یژھہ ہِش شاعری چھےٚ باضے کینٛژن وہرین باوجوٗد تہٕ کُنہِ کُنہِ ترقی پسند دورچہِ طبقاتی کشمکش نظریس زیرِ اثر کرنہٕ آمژ مقصدی شاعری ہنٛز یاد تازٕ کران۔ مون زِ ترقی پسندی ہنٛدس دوہ زٕہی فلسفس برعکس چھُ یہِ شاعر موجوٗدہ زنٛدگی ہنٛد واقعاتی پہلو باوان اماپوٚز یوٚدوے شاعر ہنٛز سٲم چھا واقعاتی پہلو باونٕ آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ شاعری تواریخ یا صحافتہٕ نِشہِ الگ وُجوٗد تھاوان۔

اَتھ شاعری منٛز چھُ ٹاسر یرتہٕ فکری مُفلسی تمن جاین تہٕ یتیٚتہٕ شاعرن معاشرکس نِہنادہٕ پنٛس یا محروٗمی کہو دوٗرِس یژھ واویلا کرنس دوران مُختلف پیکرن دریر دِ پننہٕ ذاتی دوہہٕ کِھہ یا ذاتی پسند تہٕ ناپسندی تہٕ رایہِ ہنٛد اظہار کوٚرمُت چھُ۔ تژھن جاین چھُ باسان زِ موضوعک انتخاب چھُ زانِتھ مانِتھ کرنہٕ آمُت۔ شاید چھُ امہِ تجربک آزادی منٛز اوتھ میژ پژر تہٕ گنٛڈِتھ ژٹِتھ موضوع ژارنہٕ ہنٛد وجہ یہِ زِ سائنس تخلیقکار چھُنہٕ دہن چھُ پتی مین ووریٚن ہنٛدی اکہ البیٚن تھ پانٛژھ آورمُت زِ تس چھُنہٕ پنُن ذہن امہِ نِشہِ موکلاوِتھ ہیکان۔ اَتھ شاعری ہنٛد تجرباتی دُنیاہ چھُ اَکھ المیس اندی اندی آباد۔ امہِ سٟتی چھُ باضے یہِ اندیشہٕ تہٕ سپدان زِ جدید دورس منٛز یَس وُسعت تہٕ کُشادگی سانہِ شاعری ہنٛدس تجرباتی دُنیہس آیہِ شاید ماہِیژن سو واریٚہ وار شروع کان ہیٚکہِ۔ باسان چھُ زِ سون شاعر چھُ اکِس محدود چوکھاٹس منٛز بیٹھتھ آمُت بیتہٕ زنٛدگی ہنٛد ورٕن وتھرن بسے حالاتھ چھِ۔ حالانکہِ یہِ

چھِ مِی زِ ہدٕ وِد دٲیرِس مَنٛز رٔوزِتھ ہیکہِ تخلیق کار کُلہم اِنسٲنی زِندگی ہٕنٛز کَتھ مدٲے کٔرِتھ۔ وۄں گو یہِ چھُ تیلی مُمکِن ییلہِ تخلیق کار زِندگی ہنٛدِ ظٲہِری سوٗتھرٕ پیٹھ لوٚن وٕستھ تلاش حیاتس ہٕنٛز دِلچسپی ہاوِ۔ نتہٕ ہرگاہ سُہ امہِ نِش لوٚب ہیٚیہِ تہٕ ظٲہِری سوٗتھرس پٮ۪ٹھی روزِ آوُر نیٚیلِ ہیکہِ تُس فن چھُ اتنقیدِ حیات آسِتھ۔

زِندگی ہنٛدِ چھِ زٕ سوٗتھرٕ۔ اکھ چھُ اِنتِشار تہٕ تضادٕ مُک ظٲہِری سوٗتھرٕ یتھ نفسیٲتی زبٲنۍ مَنٛز Trivial plane وَنان چھِ۔ عام اِنسان چھُ اکثر اَتھی سوٗتھرس پیٹھ زُوان۔ ییٚتہِ تُس کُن تہٕ کیوٚل مقصد زُو تہٕ جانُک رِشتہٕ برقرار تھاوُن تہٕ یا یتھ زِندگی ہنٛز ضرورژن ہنٛز پوٗرتی کَرنٕچ تگ دِو تہٕ باقی لوٚکچن موٚکچن مسٲژن ہٕنٛد آوُر روٗزُن آسان چھُ۔ دوٚیِم سوٗتھرٕ چھُ سوٚکون تہٕ قرارُک سوٗتھرٕ یُس ژھعٕ پہٕ ہُنٛد اکھ انیکھ سوٗدُر چھُ۔ اتھ چھِ نفسیٲتی زبٲنۍ مَنٛز Tragic plane وَنان۔ اکھ کامیاب تخلیق کار چھُ یِمن دوٚشوٕنی سوٗتھرن ہنٛدِ تخیُل تہٕ تجربہٕ ہٕنٛدی مربوط کٔرِتھ زِندگی ہنٛز زیاد کھوٚتہٕ زیاد زان تہٕ آگہی پرادان۔ ہرگاہ سُہ اتھ مَنٛز کامیاب سپدِ نہٕ یا ہرگاہ سُہ گوڈنِکیے سطحس پیٹھ روٗزِتھ گژھِہ تیلہِ چھُ تہنٛدِس فنس مَنٛز گہرٲیی تہٕ گیرٲیی ییٚنی نامُمکِن۔ مٮ۪ہ چھُ باسان زِ ییٚمہِ دورٕچ وارِیاہ شاعری چھُ شاید یوٚہے وجہ گوٚمت زِ ظٲہِری سطحس لوٚر روزِ نہٕ سبہٕ چھُ کُنہِ اتھ مَنٛز چھِ اوقتی ہنگامٕ نٮ۪ن ہُنٛد کٔرِتھ یاد کَرن گژھان۔ امیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ اتھ ہمکال شاعری مَنٛز چھِنہٕ تژھن مِثالن ہنٛز کمی ییٚتہِ زِندگی تہٕ جہانُک ادراک وُسعتہٕ سان برونٛہہ کُن آمُت چھُ۔ بلکہِ چھُ یہِ ہنر زِ اتھ شاعری مَنٛز چھِنہٕ ییٚتہِ یوٚہے تہٕ تژھہ مِثالہٕ ذرٕ ینٛھی گژھان ییٚتہِ یہِ محسوس سپدان چھُ زِ شاعرن چھِنہٕ زِندگی ہنٛدِس

سۄدرس منٛز ڈٕنگ دِتھ حقیقتچ موٗختہٕ لرِ موٕ چھہ رٕچھنچ جان کوشش کرمٕژ۔ مثلن غلام نبی فراق سنٛز نظم "کرفیو" چھےٚ اَتھ اکھ رٕژ مِثال۔ یَتھ منٛز شاعرن وقتی وٲکھٕ ہٕنٛز تصویر سٲری کٔرتھی زِندگی ہٕنٛد بیاکھ روٗح دیدمانہٕ کوٗرِتھ چھُہ۔ یہٕ چھُہ سُہ روٗح ییٚتہٕ پٔرٛکھ اَنٛدٕ مسرتھ تہٕ شادمٲنی ہٕنٛد عالم چھُہ۔ فراق چھُہ پننہِ مخصوص انداز نظرٕ فطرتھ تہٕ زِندگی ہٕنٛز وۄدٕ سہِ دردٕ سہِ منٛز حظ تہٕ مسرتھ کھوکھلاوِتھ ننگ موٗت۔ سۄ ژرٲے چھےٚ یتھ نظمہِ منٛز تہٕ جلوہ گر۔ اُتھی ہیتی ہتی چھُہ سُہ اکھ نظمہِ منٛز زِندگی ہنٛدٕ ہِن دوٕشوٗنٛی سۄتھرہِن کوٕ مٕہ اننس منٛز کامیاب سپدمُت۔ مشعل سلطانپوری سٕنٛز نظم "ونی دِتی مس" تہٕ یودوے موجوٗد حالانن ہٕنٛزے عکاسی کران چھےٚ اما پوز شاعر سٕنٛد زبٲنی ورتاو چھُہ اِدِ مقٲمی سۄتھر بیٚٹھ نقوٗد تلتھ سٲری انسٲنی زِندگی ہٕنٛدِ جنگلُک حادثہٕ بناوان۔ اندازِ بیانس منٛز بےٚ شِنٛقہٕ از کال کرِ ورتاو ہیتی چھُہ اکِہ پیکر زِنٛدٕ متحرک تہٕ جاذب نظر بنیمتی۔ ارجن دیو مجبوٗرنہٕ معصر نظمہٕ "نظم" تہٕ "پننہ پوشپرس کُن" تہٕ چھےٚ تجربچ وُسعتھ لحاظ اہم۔ نظم ناوچہ نظمہِ منٛز چھےٚ یثبر زٕلہِ ہٕنٛز شخصاونکٲری کٔرتھ زِندگی ہٕنٛز شادِ تہٕ غمچ وگ تہٕ ژھیپہٕ ژھاٮ۪ر باونہٕ آمٕژ تہٕ "پننہ پوشپرس کُن" نظمہِ منٛز چھُہ نظریکین انگن ہُنٛد ژھیپتھ لول درشاوِتھ انسٲنی لولس تہٕ انسٲنی عملہِ ہنٛدِس بجرس وکھنے کرنہٕ آمٕژ شعر شوقنی نظم "ہیچھو" تہٕ چھےٚ توجہ طلب یَتھ منٛز غار جذبٲتی لہجس منٛز شاعرن وقتچہِ کوچہِ منٛز انسٲنی زِندگی ہٕنٛز ژھوٚپ ڈوپ سفرُک سرساوپر باونہٕ آمُت چھُہ۔ ہِنھنے پاٹھی چھےٚ رحمان راہی سٕنٛز "موٗل شب" بیٚتہٕ دیوٗد تہٕ عام ماحول پنٛتھ پُراسرار یتھ برٛونٛہہ کُن لوان چھُہ تہٕ جانادرستھنٛز علامتھ زِندگی ہٕنٛز مختلف وشابہٕ درشاوان چھےٚ۔ اُہنٛز "زنتہٕ اکھ نظم" یَس یتمہِ دورکس انسانہٕ سٕنٛز مٲلی اوسودگی ینا تہٕ سہولیشن ہٕنٛدِس سرابس کُن دوٗرِ دوٗرِ زوال کرس گتہٕ ژلس منٛز راو چھ

کُنہٕ حقیقتھ باوان چھےٚ ہیکون ییٚمہٕ دورکین ژٕمایندٕ نظمن منز گنٛشز رٕنہ۔ از کل کسِ انسانس کوٚر ہجرت تہٕ مالی کِہو مادی مسلو اکھ عجیب انتشار پادٕ۔ چُناچہِ اَزی کِس معاشرس منز ییٚتہٕ مالی موٚ نادن تہٕ نزریٚ ہن گوہ ڈٕ انوارک دِنہٕ یِوان چھےٚ سیٚنز رِشتن ہنٛز ناکِل ژھٕنیج اکھ کرٕٹھ عمل شتورٕ و۔ فرد سُند مادی ضرورتن تہٕ حاجتن ہُند ییتھ حدس تام موٚحتاج زِرٕ شتن ہُند تقدس سُند زٲلی ہاہِ ییٚمہٕ کِہ نتیجہٕ گریلو زندگی منز بکھراو ایحساسُک اظہار یوٚدوٚے کینژن دوہمین زبانن ہنٛدِس ادبس منز برٕدٕ ژھےٚ سُندمُت چھُ اماپوٚز کاشُر شاعری بابتھ چھُ یہٕ شایَد نوٚد موضوع۔ اَتھ نظمِ منز چھُ گریلو زندگی ہنٛدِ بکھراوٕ موٚجب اَزی کِس انسانہٕ سُند گرٕچن لوٚکچن موکچن شادمانیٚن تہٕ خوشیٚن نشہٕ محرٛوم سپدنُک کرب بادٕ نہٕ آمُت۔ یہٕ نظم چھےٚ پنٛژی پاٹھٕ سانہِ شاعری ہنٛز تجربٲتی رنگارنگی اکھ اہم ہُرٕ۔

کامیاب شاعری ہنٛز مثالہٕ ہیکو اُسی محی الدین گوہر، محمد ایوب بیتاب، گلشن مجید، چمن لال چمن تہٕ بیٚیہٕ تہٕ کینژن نظم گو شاعرن ہنٛز شاعری منز لبِتھ تہٕ کامل، راز، شاد، تہٕ ساقی بیترٕ شاعرن ہنٛدیو غزلو منز تہٕ دِتھ۔ وونہ گو اَیج دِکھ دِکھ ذِکر کرِتھ چھینہٕ یتھ مقالس طول دِنُچ ضرورتھ تہٕ۔ البتہ چھُ یہ ونُن ضروری یوٚدوٚے ییٚمہٕ دورچ واریاہ شاعری وقتی زندگی ہنٛز ہنگامن منٛزے ہینہٕ آمٕژ چھےٚ۔ تہٕ ہیس کالہٕ نتہٕ پگاہ یادِ ووٚنزٕ کِہو آنہٕ خاکو بیٚیٹھ نہٕ شادنہٕ ییرٕ تمہٕ باوجود تہٕ چھینہٕ ییتھ دورس منز تہٕ ترٛجہِ شاعری ہُند ژھربریس اَسہِ سنہٕ ۱۹۶۰، شیٚٹھ پیٹھ سودرونہٕ مُدی ہنٛدین یمن وُرییٚن تام کہٕ کاشر شاعری ہُند ارتقائی سفرُک نیب دِوان چھےٚ۔ یِیٚمہ شاعری مدِ نظر تھاوِتھ چھِ اَسی یہ وننس حق بجانب زِ ساٚنی اَزٕچ شاعری چھےٚ نہٕ جدید دورٕچ شاعری ہُند اکھ اَذ کھلہِ تہٕ اَنی مانٛتی دوہراو بلکہِ اکھ فطری ارتقا۔

چیکرس چھُ یہ ونُن تہٕ ضروری زِ یوٚدوے ہمکال ادبس منز نہٕ غزلس ہیتی

نظم صِنفٕچ شارٕ باوُژ ہُند اکھ اہم وسیلہٕ رۄزِتھ تاہم سپدٕ یتھ دورس منٛز تہٕ ہیتی طور کینٛہہ
تجربہٕ یِمن منٛز ارجن دیو مجبورٕ سٕند طویل نظمہٕ ہُند تجربہٕ تہٕ ناو ہیٚس لایکھ چھُ۔ مجبورن یتھ پاٹھۍ
فطرتھ، لیجنڈ، تواریخ تہٕ سوانحی عنصر پننہِ تخیلہٕ ستۍ آدرِتھ وسیع ترزِندگی ہنٛدِ وسیع پہلو
گاشرٲوِتھۍ چھےٚ تہٕ چھِ توجہ طلب۔ یہِ چھُ پزر زِ امہِ باوٕدار شارٕ تجربہٕ بایتھ چھےٚ یہ باوٕدار
صِنف موضون تہٕ تہٕ مناسب تہٕ۔ وۄنۍ گومٕژ چھُ باسان زِ یۄدوے یِمو نظمو منٛز اَسی وزنن تہٕ
بأتھ بیتہٕ نیبر تہٕ کڈو نظمہٕ ہنٛدِس گُلہم توشرس پییہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ فرق تہٕ نہٕ گژھِہ تارٕ یلیس آسانی
سان قدیم لولہٕ داستانن ہنٛدِس پزرس کُن نٔوِن۔ بہر حال وچھُن چھُ زِ الٕ تجربس کٔرِتھ [15]
فوٕ لیتھ سپدِ حاصل امہِ پوز لۄدوے فوٕلہِ عام میلس تہٕ نہٕ تمہِ باوجود تہٕ چھُ کأشر شاعری
یہٕ قابلِ قدرٕ ہررت۔

پریمی رومانی

## ہم کال کأشُر افسانہ، کیٛنہہ خصوصیژ

ہمکال سٕہ کأشُر افسانہ چھُ نٔمی اُنمانہٕ بڑونہہ بڑونہہ پکان تہٕ پنٕن مُنزِل طے کران یینمہٕ اُنمانہٕ اٲسی پننہِ سفرُک دِس ظُلمت اوس۔ اَمیک یہٕ سفر رُود تجربن ہنٛدِس دُنیہس منٛز ژھیٛڑ ماران تہٕ فنکار رُود پننہٕ نٔون خیالن گران تہٕ ژران۔ امہِ سٟتؠ لٔب اٲسی نٔو وتھ تہٕ اٲسی سُنٛد فن رُود جوان گژھان۔ اٲسی چھِ ہمکال اَفسانس منٛز فنکارٕ سُند لول نہٕ مائے قدمس قدمس پیٹھ ڈرٛیشٹھی گژھان۔

کأشر افسانچ تأریخ یوٚدوٕے موٚختصر چھِ امہِ پوٚز اَتھ موٚختصر وقتس منٛز کوٚڈ اٲسی کاڈ تہٕ بناوِن پننہِ خاطرٕ اکھ مخصوص جاے۔ یہٕ کتھ چھےٚ ژٕورِ زٕ اسہٕ اٲس بڑونہہ بیٚیٹھ ڈیٚلن تہٕ تہٕ کتھن ہنٛز رِوایتھ باگہٕ آمٕژ۔ ییٚمیُک ٹاکارٕ ثبوٗت سانین لکہٕ کتھن منٛز لبنہٕ یوان۔ اماپوٚز بڑھ مأرِ منٛز رِوایتھ أسِتھ تہٕ گوٚنہ واریاہس کالس افسانس کٔن سوٚن ظوٗن۔ امیک وجہ چھُ زِ آزأدی میلنس تام چھِ کیٚنہہ کأشرِس منٛز نثٕرٕچ رِوایتھ لبنہٕ یوان۔ اتھ دورس تام اوس نہٕ کانٛہہ اخبار یا رِسالہٕ شایع سپدان۔ اُردُو زبأنؠ منٛز اوس افسانہٕ واریاہ بڑونہہ نوٚکمت تہٕ مُختلِف رِسالن تہٕ اخبارن منٛز شایع سپدنہٕ سٟتؠ اٲس یہِ صِنف مقبوٗل تام بنیمٕژ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ بیٚیلِ قومی کلچرل محاذ بارسس آو تہٕ جلدٕے گٔر اٲسی سٹیٹ

کلچرل کانگریسچ صورت یختیار ۔ یہِ انجمن گیہ ژرن حصن منز تقسیم ییمیٚک اکھ حصہٕ انجمن ترقی اۆردو مصنفین پیٹھ مشتمل اوس ۔ چونکہِ کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبُک نوٚو دور اوس شروٗع گومت لہٰذا کہچہٕ کیٚہن کاشرۍ لکھارۍ پننہِ ماجہِ زیوِ منز اظہار کرنس گریز ۔ اتھۍ دورس منز پیو کاشر افسانہٕ تھپہٕ ۔ یہِ کموٗ منزلو منزہ رۅد پکان یہِ چھُ اکھ الگ موضوع ۔ البتہٕ ہمکال افسانہٕ بدِ کڈنہٕ خاطرٕ چھُ ضروری زِ اسۍ ہیمو جدید افسانس سام ۔ اگر ہے بوزد کاشر افسانُک جدید دور گو ۱۹۶۷ء پیٹھ شروٗع ۔ اتھ دورس منز آیہِ نوِ اندازٕکۍ افسانہٕ لیکھنہٕ ۔ نہٕ صرف موضوع بلکہِ ہیٚرکنۍ تہٕ آیہِ کاشرس افسانس منز نمایاں تبدیلی ۔ بقولِ مشعل سلطانپوری "ہیتھ تہٕ موضوع چھِ افسانکۍ زٕ اژھین روح ۔ یمو دۅشوے زنگ آو کاشرس افسانس نوور ۔ ازۍ چھِ زندگی تہٕ ازۍ چھِ سوچن ہنجہِ آیہِ سہٕٹھا نکھہٕ ۔"

یہِ کتھ چھِ ضروری ونٕنۍ باسان زِ وۅنۍ ہیوٚتن افسانس منز علامتی تہٕ تجدیدی اندازٕ ورتاونہٕ یِن ۔ عصری حسیت تہٕ زندگی ہندِ کربک اظہار تہٕ آو افسانس منز کرنہٕ ۔ وۅنۍ آیہِ خارجی معاملات منزٕ اوتھ داخلی معاملاتن پیٹھ قلم تلنہٕ ۔ مغربی ادبکہِ اثر ستۍ گیہ کاشرس افسانس منز چشمہٕ شعورٕچ تکنیک داخل ۔ زمان تہٕ مکانک خیال تہٕ آو تھاونہٕ ۔ اما پوز یوسہٕ تبدیلی وۅنۍ کاشرس افسانس منز سپدییہٕ سۅ چھِ اتھ رلواتی افسانہٕ نش بیون کران تہٕ ہمکال کاشرس افسانس ستۍ ہم آہنگ کران ۔ یہِ اس سۅ وجہ ییمہٕ تبدیلی زِ کینژد رلواتی افسانہٕ نگارو تہٕ کوٚر اتھ ستۍ اتفاق ۔ یمو افسانہٕ نگارو اتھ دورس منز افسانہٕ لیکھۍ تمن منز چھِ ہردے کول بھارتی ، امر مالموہی ، رتن لال شانت ، بشیر اختر ، ہرج پرتھی ، فاروق مسعودی ، رتن لال جوہر ، گلشن مجید ، تہٕ انیس ہمدانی وغارہ قابلِ ذکر ۔ یمو افسانہٕ نگارو کٕر

ڈرہِ دٲئِرِ کٲشر افسانچ خدمتھ تہٕ اتھ ہاو کھ نۆو وتھ افسانہٕ نِگارن ہِنٛدِس اتھ کاروانس ستۍ گٔرِ پتہٕ یِمَو تہٕ کینٛژن نٔوجوان افسانہٕ نِگارو شمولیتھ۔ یِمن مَنٛز عابدہ احمد، شمس الدین شمیم، غلام محمد زاہد، شام لال سادھو، اوتار کرشن رازدان تہٕ رتن لال جوہر ہِنٛد ناو زیوٚہ پیٹھ ہیوٚن لایق چھِ۔ یِہوے چھِ ہمکال کٲشر افسانہٕ نِگٲری ہِنٛد سر آغاز۔

ہردے کول بھارتی چھِ یِمہٕ دورکین افسانہٕ نِگارن مَنٛز اکھ قٲبلِ قدر مقام تھاوان۔ بقولِ ڈاکٹر برج پریمی ـــــ بھارتی چھِ ساٚنۍ واحد افسانہٕ نِگار یُہنٛد آہنگ Realistic چھُ۔ یُہنٛدۍ بیشتر افسانہٕ چھِ علامتی تہٕ اَمی سٟنٛدین افسانن مَنٛز چھِ ہِنٛدوستٲنۍ لُکہٕ تٲنۍ دیوٚ مالا تہٕ اساطیرُک اثر تہٕ ڈرامٹھ گرٛژھان۔ یِم چھِ کُنہِ کُنہِ جٲیہِ شعورٕچ ٹکنیک تہٕ استعمال کران یِمہِ ٹیکنیکہٕ مثلاً یُلسس مَنٛز ورجینا وُلف تہٕ جیمس جوائس تصور دِوان۔ اُردوٚہس مَنٛز گوٚڈ یِہ تصور پانہٕ ناووٚنُک تجربہٕ سجاد ظہیرن پننہِ ناوِلہِ ”لندن کی ایک رات“ مَنٛز۔ یِہ کتھ چھِ یِنتھ ڈیشنہٕ باوِ ضروری باسان زِ اختر محی الدینن ییتہِ اَمۍ کُنہِ کُنہِ یِمَو مَنٛز کینٛژھ تجربہٕ گوڈے گٔری منٛز۔ اما پوز بھارتی ہِنٛدین افسانن مَنٛز چھِ یِم تجربہٕ ٹاکارہٕ پاٹھۍ نٔنۍ ڈرامتی۔ یُہنٛدۍ پلاٹ مکالمہٕ تہٕ پیٹھٕ زبان چھِ یُہنٛدین معاصرن نِش بیوٚن۔

فاروق مسعودی تہٕ چھِ اکھ تھٔکُن لایق افسانہٕ نِگار یُہنٛدۍ افسانہٕ تہٕ چھِ باسان عصری عٔشریتکۍ ترجمان۔ بشیر اختر سُند ذیاہ چھِ تِہنٛدین معاصرن نِش بیوٚن۔ یِہ چھِ علامتی اسلوب پانہٕ ناوِتھ پننین افسانن مَنٛز پٔنن آوند پوکھ ژاران تہٕ پیرن والین قٲیِل کران۔

۱۹۹۰ء پتہٕ بنیہ سانین افسانہٕ نِگارن ہِنٛدۍ موضوع زندگی ہِنٛدین مسلن ستۍ ستۍ کشیرِ تہٕ اکہِ واتاتہٕ تکیاہ انتہا پسندی وُول سارِدے کشیرِ نال۔ لچھ بدی لوکھ آیہٕ

بےگر کرنہٕ۔ واریاہ آیہٕ بےگُناہ مارنہٕ یم تہٕ پننہٕ مێنٛز نش ژھینہٕ آسی یِژھان گرٕ ژھنی تِمن کوٚرکھ گولیوٚ تہٕ بموٚ سیتی پٕژ پار۔ ژوٚہ پاڑی وٚوتھ ہا ہا سار۔ یہ چھ کاشرِس توٲرِیخَس منٛز اکھ بوٚڈ باب المیہٕ۔ ہتہٕ بدین وٚرِیٖن ہنٛز بێیمہٕ برادری، کلچر تہٕ مِلہٕ چارٕچ رِلواتھ پێیہٕ یہٕ پنہٕ ہرِتھ۔ یہ انسان سوز منظر وٚچھتھ کوٚر سمارن ترایہٕ ترایہٕ۔ کیمہٕ ستم زدہ لوٗکو جوٗم، اُدھمپور، دہلی تہٕ ہندوستانکہِ باقیہ علاقن منٛز پناہ لوٚب تِمن پێیہٕ خانہٕ بدوشن ہنٛز زندگی بسر کرٕنۍ۔ یمن خانہٕ بدوشن منٛز آسی بےشمار شاعر، ادیب، فن کار تہٕ دانشور تہٕ شامِل۔ کێنٛژ سٕ کالس کرٕ یمو خوف، وٚہشت تہٕ پریشانی سیتی خاموشی ہِتیار۔ اماپوز کێنٛہہ کالہٕ پتہٕ ہێژ یمو قلمکارو بێیہٕ پننٮن خیالن تہٕ تجربن ہنٛز باوتھ کرٕنۍ۔

بقولہٕ ڈاکٹر شانت ؎

"اتھ صوٗرتہٕ حالس منٛز یُس نثری اَدب لیکھنہٕ آو تمہٕ کِس پس منظرس منٛز رُود زندگی ہُنٛد ٹیٖچر ہمیشہٕ موٚجوٗد"۔ ؎

کاشرِیو افسانہٕ نگارو تہٕ لیوکھ اتھ دردناک موضوعس پێٹھ۔ اماپوز خوف دِہراسک اوس یوٗت زال وٚہراونہٕ آمُت زِ یمو ہیچ تہٕ سیدٕ سیوٗد پنٕنۍ کتھ یرِن والین تام واتناوِتھ بلکہٕ کرٕ یمو علامتو تہٕ استعارو سیتی پننٮن خیالن ہنٛز باوتھ۔

گُلشیر منٛز یم افسانہٕ نگار آسی تِہنٛز پریشانی آسی بیوٚن۔ بم، کرفیو، کریک ڈاون، تہٕ بوٗندوق بێیہٕ بیوو تِہنٛدِ خاطرٕ زندگی ہنٛد معموٗل۔ یم گُلشیر منٛز کڈنہٕ آیہٕ تِہنٛد وَدو اوس بیوٚن اکہٕ طرفہٕ پننہٕ مێنٛز ہنٛد ژھینہٕ گژھنک تہٕ دوٚیمہٕ پاسہٕ شوٗرشہٕ اندر ہێنہٕ یِنُک۔ یہ موضوع یمو افسانہٕ نگارو اکہٕ یا بێیہٕ رنگی ورتوو تِمن منٛز چھِ ہری کرشن کول، اختر محی الدین، رتن لال شانت امر مالموہی، ہنسی نردوش، ارجن دیو مجبور، اوتار کرشن رہبر، گُلشن مجید، غلام نبی بابا، اوتار کرشن رازدان

رتن لال جوہر، غلام نبی شاکر تہٕ شمس الدین شمیمؔ بیتر شامل۔ یِتھی میں ڈیلس دوران لیکھنہٕ آمتین کینٛہہ نمایندہ افسانہٕ یمن اندر کشیر ہُند دِل دوز منظر وۄتلیوومُت چھُ، چھِ یِم۔

اعتر محی الدینن افسانہٕ "جلہٕ ہندی ڈنڈ ٹھلی" چھُ تُمہ فضا ہُند بَرژہر کَن انان تہٕ کشیرِ منز فوجی بے ضابطگی ہُند اکھ دردناک منظر پیش کران۔ یہ چھُ اکھ طنزیہ افسانہٕ یُس ۱۹۹۰ء پتہٕ رونما سپدن والین حالاتن پیٹھ اکھ چیانہ چھُ۔

ہری کرشن کولن افسانہٕ "بتہ راز داتے" منز چھُ موہن جی تہٕ کِردارٕ ذریعہ اکِس بڈِ شہر پریشانی تہٕ کسمپرسی بیان کرنہٕ آمژ یُس دِلہٕ ہندین اُتھ زوس سڑکن تہٕ بس نمبرن چکرن منز راوان چھُ۔ یہ افسانہٕ چھُ Identity crisis ہُنز علامتھ۔

اوتار کرشن رہبر سُند افسانہٕ "ژھائے" تہٕ چھُ پرن والین متاثر کران۔ اتھ افسانس منز چھُ دہلی ہُنزن ژھین تہٕ ٹیڈین سڑکن پیٹھ بے گر بڈٕ پننہٕ بدنصیبی پیٹھ اوش ہاران یمیس اکہٕ طرفہٕ چھُ مالکِ مکان کمرٕ خالی کرنک الٹی میٹم دِوان تہٕ بییہٕ طرفہٕ قسمہٕ قسمٕکی شرایط تھاوان۔ گر اسِتھ بے گر گژھنک یہ عذاب چھُ اُمس پُشراونہٕ آمُت۔ اُمِس چھُ اُچھن بروٛنٛہہ کنہٕ تِم ژرہکن تہٕ دوہ پھیری پھیری یوان یم اَتھ نمتھ بروٛنٛہہ کشیرِ منز پننہٕ ساری سے وانٛسہٕ گذارٕ متی آسہٕ۔ امانتی یم ژرہکن تہٕ دوہ وۄدِ اُمہٕ سُندِ خاطر خاب بنیمتی اُس۔ یہوے چھُ امہٕ افسانک لُب لُباب۔

ارجن دیو مجبور سُند افسانہٕ "بارس تہٕ گۄرن وٛنٛڈ" چھُ گرمہٕ کرایہٕ بتی اکِس اڈٕ در پوشہٕ گجہٕ ہُند دہمائی توازن راونک منظر بروٛنٛہہ کُن انان۔ یہ چھے نہ فقط اکِس پوشہٕ گجہٕ ہُنز کہانی بلکہٕ چھُ واریاہن تمن پوشہٕ گجن ہُنز یمہٕ جومہٕ، ادھمپور تہٕ دِلہٕ ہندین ٹینٹن منز عذابچ زندگی بسر چھے کران۔ مجبور صابن "سو بونٛ" افسانہٕ تہٕ چھُ پرن لایق۔ اتھ منز تہٕ

چھ سہ کأشرِ بٹہٕ سُنٛد دود باوِنہٕ آمت ۔

امر مالٕموہِ ہِنٛدِ افسانہٕ "لگنہٕ چیپرِ" ہُنٛد ذکر تہٕ چھ لازمن ہیوان۔ یہ افسانہٕ چھ ببہٕ اکِہ دُشوار گُذار مرحلچ عکاسی کران ییٚمہِ منٛزٕ اکس کأشرِ بٹس بیتھ ہو وار یاہو وٕرلیو پیٹھ کرایہِ مکانن منٛز نیرُن چھ پیوان۔ اتھ افسانس منٛز نہ چھ کٔشیرِ منٛز بٹہٕ کٔنٛزٕچ داستان دُر پیٹھی گرٕھان نہٕ نہ گوٗلبن تہٕ ہمن ہُنٛز آواز کنن پیٚٹھ کران بلکہ چھ امیک موضوع سوٗن تہٕ سٔنٛن لایق۔

لگنہٕ چیپرِ ہُنٛد فوٹو لیٚنی خانٛدرُک "دسلابہٕ اکھ مکانہٕ واجینی یعنی امہٕ معمولی چیپرٕ خاطر ٹھیٚٹھ اوتھ ژٕھنان زِ مکانچ لب گرٕ کرایہِ دٔرن گٔیل ٹھکنہٕ ہیتی خراب تہٕ تس منٛز خانٛدرس مکانہٕ خأل کرنچ دمکی دِوان۔ اتھ افسانس منٛز چھِ اکھ عجیب ذہنی کشمکش لبنہٕ یِوان یمہٕ سہٕ پرن وٲلِس مُتاثِر کرنہٕ ورأے چھِے نہٕ روزان۔

رتن لال جوہر سنٛد افسانہٕ "آش تہٕ وِسواس" تہِ چھ قابلِ توجہ۔ بظاہر چھ یہ اکھ سیوٗد ساد افسانہٕ امہ پوز جوہرن طنٛز یہِ لہجہ تہٕ تمی سُنٛد مخصوص اسلوٗب چھ اتھ اکھ جاندار افسانہٕ بناوان۔ بقولِ ڈاکٹر رتن لال شانت —— جوہر سُنٛد فن چھ پوٗرت تہٕ سہٕ چھ مبالغہ آرأیی یا بیان بازی ورأے کتھ ونان۔ اِمی سُنٛد بیاکھ افسانہٕ "سونچہٕ مُراد" یُس اکتوبر ۱۹۹۵ اندر شایع سپد تہِ چھ شانت صابنہٕ اتھ رایہٕ تصدیق کران۔

کینہہ مثالہ

۵۔ روٗمل خر دول توٚر الپور تہٕ جل کھٔر پھوٚ لونہٕ ہنتھ والیس۔ درواز اچھ وُن تراوِتھ بورڈس کُن تہٕ اکھ نظر۔ گانٛٹہٕ کھنٛڈ گو تہٕ نیبرٕ کنی گو کیاہ نام کرکھ ناد ہیتو——

اد بوڑھے! اِدھر آو ـــــ اَمہِ پتہٕ وَدن کرِکھ

جل ووٚتھ کَنی دوٚ تہٕ سڑکہِ پیٹھ وچھُن بیاکھ اکھ فوجی افسر تہٕ پرژھنَس ـــــ

کیوں مار رہے ہو میرے پتاجی کو۔ تمہارے ہی افسر نے اِس کو سڑک پار کرنے کی اِجازت دی ہے۔

"جلہِ ہنٛدی دَنٛدہٕ پھلی" ۔ اختر محی الدین

٥۔ پوشہٕ کُج اُسس پانٛژہ سٮ۪تھ وٕرش۔ سفید شٮ۪ن مس تہٕ سارِی ہے بٔتھِس گیٚنو اوٚش کوٚرمُت۔ سو اُس وَنہٕ ووٚتھ مژ زنانہٕ ہٮ۪ش باسان۔ تس اوس چھرا اکھ پانٛژِمی پلو نالہٕ کلک مس اوٚسس اورِ یور نالکی پانٛٹھی دلینہٕ آمُت۔ شیرِ ببر ہٮ۪ش پوشہٕ کُج اُسس اَخری دمن پیٹھ تہٕ اوٚک کمری تاد خانَس منٛز ہیٚنہٕ آمٕژ۔

"ہارِس تہٕ کوٚرِ وَنٛدہٕ" ۔ ارجن دیو مجبور

٥۔ یِمن دِلہٕ ہٮ۪ژن زیٚچھن تہٕ بٔڈِ ین سڑکن پیٹھ آسن یتہٕ مین پانٛژن وٕرِ ین دوٚہن پیٹھ تہٕ میانہٕ ژھایہٕ کشیرِ پیٹھ ہجرت کٔرِکو نٹل وادہٕ گردِ ژاپ ہٮ۪ژ۔ یِہٕ دزہٕ ژہٕ تہٕ سیکلی گرِہٕ چھہِ عارقہٕ شرانس منٛز عجیب بدبوے یاد کران۔ اِنسان چھُ دیان روٚمس منٛز داہٕ ہاتہٕ انہٕ نیر ہیے نہٕ۔ تے پیو کشیرِ ہنٛد جانٛدرہیو نیہٕ نیہٕ کرِ وٕنا وینہٕ دولمت یِنہٕ ژہتس۔ بوٚنین ہنٛد شیہجار تہٕ دیرِ پہٕ دارٕن ہنٛد لوٚبہٕ وَنا ٹھنٛڈہٕ ہوا یاد۔ عجیب دگ دوٚہ تلیم۔ جگرس لوٚگم ییرِ یمن روٚہ کھل ـــــ ٹلہٕ تلہٕ چھیٚنہٕ گرِ محض بس ژوٚن لبن ہنٛد ناد۔ گرِ چھُ تیتھ مخصوص ماحولک ناد یتھ منٛز اکھ زٕون پئر تھان تہٕ اکھ خاص پہچان تہٕ پانہٕ نیار پراوان چھُ۔ علمدارؒ وَنان گرِ وَنٛدہٕ ہے گرِ ساسا پر نیر ہے نہٕ زانہٕ۔ گرِ راوُن چھُ بوڈ ظلم تہٕ کوہ ہنہٕ ستم۔ ٥

ژھاے — اوتار کرشن رہبر

یمو علاوٕ چھُ رتن لال شانتُن افسانہٕ "کھے" ہنسی نردوشُن "فراق" امر مالموہیُن "تابہٕ نتر" "گلشن مجیدُن" "ییٚہ تہٕ اکھ کتھا" غلام نبی بابا تہٕ شمس الدین شمیم صٲبنی کیٚنہہ افسانہٕ ییمہٕ دورُک نمایندٕ افسانہٕ یمن منز نہ صرف ۱۹۹۰ء پتہٕ کین دِل دوز حالاتن تہٕ واقاتن پیٹھ نظر چھےٚ ترٲونہٕ آمٕژ بلکہ زندگی ہندین باقے مسایلن تہٕ دِل چھُ دنہٕ آمُت۔

یٔتی مس دہلس دوران آیہٕ کیٚنہہ نوی افسانہٕ نِگار تہٕ بارسس یمو وژھ ڈالنہٕ تہٕ کامیٲبی سان پننین تجربن تہٕ احساساتن شۆہر باوتھ کر۔ یمن منز چھ وجے مام، موہن گلاتی، وریندر پٹواری، ادم کار کول، مشتاق احمد مشتاق، محفوظ جان، اخلاق عزیز بیتر قابلِ ذکر چھ۔

ہم کال کٲشر افسانہٕ چھُ ترقی ہنز وتہٕ پیٹھ گامزن۔ یہ چھُ روایتی افسانہٕ نِش ہۆن — امیک سفر چھُ جاری۔ اگر علامژن، استعارن تہٕ عمر آگہی ہتی ییٚہ زبانی ہنٛدس ورتاوس لیتھے ہُنٛ کام ہیٚیہ تہٕ شہ دعہ چھینہٕ دور ییلہ یہ پنُن منزل ژاڈِ۔

رتن لال جوہر

# ہم کال نثری ادبس منز طنزیہ لہجہ

ییٚنہٕ پیٹھ اِنسانا فکرٕ ہیوٚ تہٕ پننۍ تجربات ، حادثات تجزیہٕ تہٕ کرامانۍ ہیٚکن بادنہٕ تنہٕ پیٹھے روٚد تس کیٛنٛہ کڈن وول تہٕ سہ باقین برونٛہہ کنہٕ اَنٛنس لایق بناوُن وول اکس یا بییس شکلہِ منز ژھایہٕ ہیٚنٛدۍ پاٹھۍ پیتےٚ۔ چونکہ تجربات تہٕ حادثات بیتہٕ بادۍ بنیوو باضابط ادب تہٕ یہٕ ادب سپُد پرتھ کُنہٕ زبانۍ اندر گوڈٕ گوڈٕ شاعری ہتۍ شورو۔ لہٰذا لاج اَمہِ چالاکن تہٕ شاعری اندرے کیٛنٛہ کڈنۍ مگر اَتھ بادتھ اُس نثراہ پُراثر زیہ تہٕ آیہٕ تخلیقی اَدبٕچ اکھ صِنف تسلیم کرنہٕ۔ اتھ آو "طنز" ناو دِنہٕ تہٕ یہٕ بادن یا لیکھن وٲلِس پیوٚ طنز نِگار ناو۔

دیان گوڈنیُک یونانۍ طنز نِگار آرکی لوکس لیٛوکھ سَتمہِ صدی قبل مسیح ہس اندر لیکمبس مُتلق تیٚتھ پُراثر تہٕ تیز نلن وول منظوم طنز زِ سہ سپُد پننِ عیال ہیٚتھ خودکشی کرنس پیٹھ مجبور۔ امہِ پتہٕ اکھ صدی ژھٕن تمہِ وقتہٕ کیو مشہور زمان سنگتراش بیپالس تہٕ ایتیپنس پننِ پان تمی وزہٕ ثروہ دِیتھے۔ تمو ہپوناکس دِیہ پانس مُتلق لانہٕ تانہٕ کرن واجینٛز تہٕ تم دۄیمین برونٛہہ کنہٕ اَنٛنس

لایق بناوَن واجِینہٕ شاعری بوز۔ یِتھے پأٹھۍ چھِ وَنان زِ قدیم عربی شاعرن
ہٕنٛزٕ خاص کأم آس قبأیلۍ دُشمَن پیٹھ تمہِ آبہِ طنٛز وَنٛنہٕ یتھ زِ جنگہِ برٛ وٕنیٚھے
سپدِ ہے تِہُند حوصلہٕ پَس۔ قدیم ہِندوستأنۍ ادبس اندر چاہے سُہ دیومالأیی اَدب
چھُ یا عوأمی ادب، تہٕ چھے ترٛشہ بِسیار مِثالہٕ میلان یِمہٕ تلہٕ یہٕ چھُ نَنان زِ اَکِس
یا بیٚیِس شکلہِ منٛز اوس کٕنٛہ کٕڈن وول طنٛزیہٕ لہجہِ ورتٲوان۔ اَہِرلیٛنڈکِس اَدبس
منٛز چھِ واریاہ ذِکرٕ تِنٛھن طنٛزیہٕ شاعرن ہٕنٛزیم پننہٕ نو طنٛز آمیٛز شارو سٟتۍ دُشمن
سُنٛد فوج جنگہِ برٛونٛہہ تیٚتۍ تاہ رُسوا آسی کران زِ تِم آسی نہٕ یہٕ رُسوأیی بَرداشت ہیٚکان
کٔرِتھ تہٕ آسی پننہٕ پان ختم کران۔ وۄں گۄو زمانچہِ تبدیلی سٟتۍ سٟتۍ بدلیوو باقے
تخلیق کارن ہِنٛدۍ پأٹھۍ طنٛز نِگار سُنٛد ہاوُژ طریقہٕ نہٕ نہٕ اِنسان یا تٔمِنٛدِ دُسر
سپدیمٕژ عمل آبہِ تمہِ آبہِ کھرنہٕ کھالنہٕ زِ سُہ مارِ نہٕ پان بلکہِ مارِ پننہٕ نِہٕن غلطین،
کو تأہِیِن تہٕ کمزورین۔ اِنسان چاہے ساد مَنش آسہِ، اَدیب آسہِ یا فن کار، حکمران
آسہِ یا محکوم، آسن وول آسہِ یا ناسن وول، چور آسہِ یا پھیشور، نادان آسہِ یا دانا سُہ
چھُ پننہٕ کاتھہ تہٕ عمل کرنس دوران زأنِتھ مأنِتھ یا وشفن غلطین کو تأہِین تہٕ اَپرن
ہُنٛد مُرتکب سپدان روزان۔ اَتھۍ وۄنکھ بشند چھُ بشر۔ اَمِس نِش غلطی ہُنٛد
توقع نہٕ کرُن گو اَمی سُنٛد چار وأیِس نِش بدُون آسنس اِنکار کرُن۔ اِنسانے
چھُ زُور نہٕ تہٕ ساد تہٕ۔ کأنسہِ ہِنٛدِ کھورِ منٛز اَچھر والوٚ سٟتۍ کۄنڈ کڈن وول نہٕ
نہٕ ژھیپھ دِتھ یِتی کنہٕ شرأکھ لوہ ڈناوُن وول تہٕ تہٕ اوٚ کنہٕ چھُ طنٛزک موضوع تہٕ
لۄہ ہے تہٕ انتھ حظ تُلن وول تہٕ لۄہ ہے۔ ظلطِیہٕ، فند بأزی تہٕ اپہر لیٛوٹ تام

تِمہ تام محدُود روزٕن تووت تام چھُنہٕ طنٔز نِگار سُنٛد کاتھٕہ تہٕ رول اماپوز یِتھے
ژُھمہ سُنٛز کاتھٕہ تہٕ عمل یا تِمہ سُنٛد ذات خود آسنے باقین ہنٛدِ خٲطرٕ مسلہٕ بنہٕ
یِتھے چھُ طنٔز نِگار سورچہٕ سمبالان تہٕ اور کُن ظوٗن پھِران سہ تہٕ اسٲنۍ اسٲوی۔ یہ
ظوٗن پھِرنُک چھُ نہٕ طریقہٕ۔ اکھ گو سیدِ سیود دانایہ ڈٲہرٕ بنتھ تہٕ مُخٲطب سِیدٕ تھ غلطی کرن وول
سمجاوُن یا تس لاہنہٕ ناہنہٕ کرن پوز یہٕ طریقہٕ کار چھُ مُژٕ کرِی زنم دِوان۔ چاہے موول
نیٚچوس غلطی کٔڈِ چاہے یار یارس یا ہمایہ ہمایس، امیُک نتیجہ چھُ منفی نیرنگ
ہمیشہٕ احتمال روزان۔ دوٚیم صورت چھےٚ زِیم غلطیہ، کوہتاہیہ تہٕ تنگنگری تِمہ آیہ ننہٕ کڈنہٕ
زِمین ہُنٛد مُرتکب سپدن وول بنہٕ اسنس لایق۔ کانٛہہ شخص یا تِمہ سُنٛز عمل اسنس
لایق بناوُن چھُ سماجس اندر سہ سزا یُس نشہٕ بَرنتھ کانٛہہ باہوش تہٕ ذی شعوٗر انسان
بچن چھُ یژھان۔ پوٚپ سُنٛد قول چھُ زِیس تہٕ کانٛہہ شرم یا احساس اَتھ تِمس متعلق
گژھہ تِمہٕ طریقہٕ باوتھ کرنی یِتھ سہ اسنس لایق بنہٕ۔ یہ اسنُک موضوع بنن گژھیاوِ
تس یا تہٕ زہر ننہٕ کرنہٕ تِتھ یِیمہٕ ستی دوٚہمین دداہ یا آزار واتہٕ۔

اسنس لایق بناونہٕ خٲطرٕ چھُ کانٛہہ تہٕ شخص یا تِمہ سُنٛز عمل پننہٕ آسنہٕ
کھوتہٕ واریاہ تھٔد تہٕ سِٹھا کم پایہ پیش یِوان کرنہٕ۔ مثلن اکس بزرگ شخص
سُنٛد کانٛہہ کار یِیہ طِفلانہٕ حرکتھ قرار دِنہٕ تہٕ طِفلہٕ سُنٛد بزرگانہٕ یعنی کاو آٹھ
ڈٲہرٕ تہٕ کاو بچہٕ شیٹھ ڈٲہرٕ ہش ہاش کرنی۔ اَتھی چھو ادبی اصطلاحس منز طنٔز
ناو۔ لہٰذا ہیکو اسۍ وَنتھ زِ طنٔز نِگاری چھُ سہ فن یِیمہٕ کِنۍ ذریعہ کانٛہہ تہٕ
موضوع مُبالغہ آرٲیی ستی پننہٕ آسنہٕ کھوتہٕ سِٹھا پس یا سِٹھا تھوٚد پیش کرتھ

مزاحیہٕ ثراے ووہ نلاونس ستۍ ستۍ تتھ اندر پوشیدہ غلطین، کمزورین تہٕ منفی روجانن
کُن تہٕ توجہ پھیرِ۔ طنزس ستۍ مزاح آسُن چھُ لازمی نتہٕ بنہِ یہِ فقط ہزل بازی تہٕ پامہٕ پام
ہیتھے پاٹھۍ ہیکو تتھ مزاحس تہٕ چاٹہٕ گرۍ تہٕ ٹُسنہٕ بازی وَنتھ یُس طنزِ نِشہٕ آزاد آسہِ۔
طنز نِگار ہیکہِ سود ثر تتھ کاتھہٕ زھوب ورناوِتھ لیوسہٕ مُعتبر آسنس ستۍ ستۍ
اِخلاقہٕ کین دآیرن اندر آسہِ۔ یوٚت تام طنز فقط منظوم اوس توٚت تام آس نہٕ طنز
نِگارس ہیتیاہ وسیلہٕ دستیاب یمو ذریعہ طنزیہ لہجہ ووتھ ملادتھ ہیکہِ ہے۔ زیادٕ کھوتہٕ
زیادٕ آسس شاعری، پیروڈی تہٕ ڈراما ہتھی بارٕ زٕگر وردس مگر نثر بارسس پینس ستۍ
ستۍ بڈ بوٚد تُسند کنواس تہٕ تہٕ واتناوِ برکۍ وسیلہ تہٕ۔ تس رُوز ووہ نۍ بسیار نثری صنفہٕ
مثلن نثری ڈراما، دپتر تہٕ محاورٕ، ایسے، افسانہٕ یادٕ سپری یعنی سنیمرن، رپورتاج
مانولاگ، پاٹھر تہٕ طنزیہٕ خاکہٕ آیتن۔
اکھ کتھ چھِ صاف زِ طنزک موضوع چھُ فقط اِنسان تہٕ تُسند عمل۔
ڈاکٹر شفیع شوقن بہِ وَنُن زِ طنزک موضوع چھُ فقط اِنسان تہٕ بٔتیس تہٕ کینژ، چھُ
حقیقتک اکُے اَند گاشراون بیلہٕ زَن امیک بیاکھ اَند اِنسانہٕ سُنز عمل چھِ۔ تِکیازِ
اِنسانس ستۍ ستۍ چھِ تُسنز عمل تہٕ ہمیشہِ باعث توجہ روزِتھ۔ مثلن اُدیبہٕ سُند ادب،
افسر سُنز حاکمی، یارٕ سُنز دُشمنی، دُشمنہٕ سُند یارانہٕ، ظالمہٕ سُند ظُلم، مختلف اِدارن
ستۍ وابستہ نفرن ہُنز سکارکردگی، ڈل ہٹھن ناجایز قبضہٕ کرُن، اخبارو ذریعہ من گرٹ خبر
تہٕ تبصرٕ شایع کرنۍ یا سیاست دانن ہُنز ریاکاری ژھلہٕ بازی تہٕ مکاری بنیتر۔
ووٚنۍ یوٚت تام کاشرِس نثرس منز طنزیہٕ ہیٚجک تعلق چھُ تتھ متلق

باوتھ کرنہٕ بڑوٚتھر چھُ یہ وُنن ضۆروری زِ کٲشرِس مزازس اندر چھُ طنز ودہ نلاونگ نہٕ اتھ حظٕ تلنس ستی ستی امہ نِشہ نٲفُ ٹلنک تہٕ عنصر موجوٗد۔ کٲشُر لُکہ ادب چھُ گواہ زِ اَسہ چھے طنزِچ جان رلوٲنِتھ یتھ ہم کیٚنژہ دِینٕژ تٲیپد چھِ کران۔ حالانکہ مِثالہ چھِ بسیار ؎

۱۔ ہینگ آیم نہٕ تہٕ وَژھرے چھس

۲۔ اکھ کھوٗت ہیر ترِس تہٕ بیاکھ دوٚسہِ

۳۔ بوٗت کھکھ کسر کسر تہٕ بوٗت پیکھ وسہٕ وسی

۴۔ ژھوٗڈس فیل وُٹس سیٚنب۔

امہِ علاوٕ چھُ لُکہٕ دلیلن، بانڈ پاتھرن تہٕ خاص کٔرتھ لڑی شاہن اندر پُر اثر طنزیہ لہجہ نُون تہٕ ملا کار۔ تخلیقی ادبہ کِہ گوڈُ سکاہ مُنتہر ہیکوکھ اَسی نُندہ ریٚوش عُرف شیخ نوُر الدّین علمدارِ کشمیر ستہ کینژہ شُرک طنزیہ ادبہ کہ نموونہٕ زنگہِ پیش کرتھ۔ مثلن ؎

| | |
|---|---|
| رَیش اَسی پیٚتم رَیشی | تِمن ہیٚتھ جنِدہ بنگہِ پن |
| مَنگِتھ کھارہن وُشکےگوٗشی | تِپ چیرہن یتھ وَنا |
| اَزکہ ریشی کیلک ریشی | یمن ماز کھینس کم |
| کھاے زِ تھون اَتھم نشی | اَکس گوٗگل بیٚیس کرم |
| نہٕ کھیتھ بیلہِ خُدایس مَشی | ریشی ہے تو ہیر تہٕ پیٚتھ ژور کم |

یا

ملاڈیوٚنھ ماشی کھوان

ہکس دپان یہ چھو کھ

# ڈاکٹر ژھِنان باکرکھوان

## مُشیدِ دِپان زانہِ چُھہ یِچھ

کأشُر نثری طنٕز چُھہ یِتہٕ وَنہٕ باپتہٕ ٹٕکہِ پأٹھٕرَن اندر نٕتہٕ کُنہِ کُنہِ شایہِ ٹٕکہٕ دٔلیلَن اندر آسِنہٕ شہادتھ پیش کران دوٚن گوٚو یہِ باضابطہٕ اکھ ادبی صِنف اختیار کرنک تٲریخ چھِنہٕ تیوٚتاہ پرٔون۔ اَتھِ شروٗعات سپٕز جدید ادب بارسس یِنہٕ پتہٕ تہٕ کیتشرِ کٲلی یِیٚلہِ طنٕزیہِ ڈرامہ، اَپسے تہٕ طنٕزیہٕ خاکہٕ تخلیق ہیٚتن سپدِنہٕ۔ اتھ سِلسِلس منٛز ہیٚکوکھ اَسی محمد زمان آزوٚردہ سٕندی اَپسے پُشکر بھانٕنی میچامہٕ ڈراما یا موتی لال کیموٗ تہٕ محمد سُبحان بھگتٕنی پأتھرِ مثالہِ رٔنگ پیش کٔرِتھ۔ حالانکہِ افسانن اندر تہٕ چُھہ کُنہِ کُنہِ طنٕزیہٕ لہجہِ وۄتلیومت۔ چوٗنکہِ یہِ موضوٗع چُھہ ہم کال نثرس منٛز طنٕزیہٕ لہجس مُتعلق لہٰذا چھےٚ میأنِ نظر یِتہٕ مِس دٔہلِس دوران تخلیق سپدمتس نثرس پیٚٹھ۔ اَتھ دوران لیکھنہٕ آمتس نثری ادبس منٛز چُھہ کٲشِرِ اندر روزٕن والیو تخلیق کارو وٕرٕہس لاگِتھ پٕرٕہس کُن طنٕزیہٕ تراے ووتلأوِمٕژ یِیٚلہِ زِ نٕ کٲشِرِ پیٚٹھ ڈرامتیو سیٚدِ سیوٚد طنٕز چُھہ کوٚرمُت چاہے تہٕ ڈرامہن اندر چُھہ اَپسے ہَن اندرِ یا یادِ پھیرِ ہن نہٕ طنٕزیہٕ خاکن اندر چُھہ۔ وجہ چُھہ یہِ زِ کٲشِرِ اندرِم لِکھأرؠ ہیوٚک نہٕ زُولرٕژ کٕنہِ سیٚدِ سیوٚد باوتھ کٔرِتھ یِیٚلہِ زِ نٕ کٲشِرِ پیٚٹھ ڈرامُت لِکھأرؠ پنٕنی یِینہٕ ڈیرِن، گرٕ بار، کاروبار، آمش آرام، سبزارٕ تہٕ بونہٕ شیہجار رادنہٕ باوجود زُولرٕژ نشہٕ ثمچہِ روٗد۔ یِتھ پأٹھٕ گوٚڈے ذِکر کرنہٕ آیہِ زِ طنٕز گٔژھِہ مزاح تہٕ پأدٕ کرُن۔ یہِ نظرِ تل تھأوِتھ ہیٚکو اَسی وَنِتھ زِ رِتل پوٚنپرٕ زٕ اَپسے یا طنٕز پارٕ رچھنہٕ طنٕزیہٕ لہجہِ وۄتلاوِنس منٛز کامیاب سپدمٕتہٕ۔ حالانکہِ تیداد لحاظہٕ چھِہ تِمہٕ سادِوٕے کھوتہٕ زیادٕ اَپسے تہٕ طنٕزیہٕ خاکہٕ لیکھمٕتی مگر تَس

ژھینہٕ طنزٕگ۔ دل اتھ آمُت سٕہ چھُ فقط زُرکرِ دِنس تہٕ وادٕہلا کرنس اَندرٕے بوت کامیاب سپدمُت۔ چاہے "تِم لُکہٕ مُوت انہٕ گوٚٹ" یا "زٕیون پٔنُن نہٕ مرُن" ہِیوی افسانے چھِ یا "پہرٕن روزن" ہِیوی طنزیہ خاکہٕ چھِ۔ اتھ برعکس چھُ ظریف احمد ظریفنٕ کامیاب طنز نِگارٕ ہٕندِ حیثیتہٕ برونٛہہ کُن یوان گوکِہ تِمَن چھِ سیٹھاہ کم طنزیہ خاکہٕ لیکھمٕتۍ۔ مثلن اَمۍ سٕندِ طنز پارٕ "بیٚیلِہ وتن گٔر ژھُپہ یوان" منٛز یِم سطرٕ۔

"میانہِ بیٚیمِہ ہٕنٛد کالکِر وہٕ وٕنیک مانہِ کیا سنا بوزن وقتکِ ڈِسکو شہزادٕ یمو تہٕ پٔنٕنہِ دہتھِ ہٕنٛد سٕہ سوٗژ نہٕ باگرِ بورُت آسے وُچھ۔ از چھِسے سوہ قربہٕ وادن ہٕنٛز وانٛعہِ ہتھ نہٕ جوان وہتھ بناسپتی لُکہٕ راچھِہ خاطرِ دارِی لٕجؠ تہٕ لاغر گٔرِتھ سوٗژ راوٕہٕژ۔۔۔۔"

یا

"غوجا گتھ کرٕ ژاپتھِ، ہٕنٛد برونٛہہ چھِسے نہٕ لبنے یوان۔۔۔۔ ہِینٛز ژرٕے ڈبار وُٹھتھ آسنے تِمہٕ کھوتہٕ دوہ گِن آسہٕ شوٗٹھس قرضہٕ۔۔۔۔"

اختر محی الدین سٕندِ ین افسانن اَندر نہٕ چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ واقعہ یا کِردار طنز دوہ نلاوان۔ مثلن "الیکشن کٲشرٕ طرز" افسانس اَندر چھُ عام کٲشرِس سیاسی مزاجس پیٹھ طنز دوہ نلان۔ کٲشرِ سیاسی Psyche ہٕنٛد تجزیہٕ چھُ از برونٛہہ ژتجی پانٛژ تاجی دٔری بخشی غلام محمدن یہٕ وُنِتھ کورمت زِ نس ہنٛز نہٕ چھِ ساری کٲشرۍ تہٕ شیخ محمد عبداللہ ہٕس ہتۍ تہٕ یعنی کٲشرۍ چھِ پرتھ کانٛسہِ ستۍ۔ یِم چھِ یور کُن رتیہہ تور کُن ٹیکرٕ پیٚرنس منٛز ماہر۔ اَتھی حقیقتس کُن چھُ اختر محی الدین اتھ افسانس منٛز طنزیہٕ لہجِ دوہ تلاوِتھ طعون پھِران۔

"بیٚلہِ ووٗزل جنڈٕ وول الیکشن زیٛنان چھُ تِمے شٔرِ تہٕ کینٛژھ نفر بیٚیمہٕ تہٕ نفر بیٚہمِس ہارِ سٲنٛٹھ ہیٚنو رٔیِش اوس اَمِس سبز جنڈٕ والین چھ آرمہِ اسمانہٕ کٔرِتھ دِی دِی لانہٕ تانہٕ وِنان یمو گوڈٕ یمن سبز جنڈٕ والین ہتہٕ نکھ کاژرن کنہٕ ووٚشن کرِتو۔"

کٲشرِ قومِچہِ عیاری تہٕ مکاری پیٹھ چھُ شمس الدین شمیم "شہید مزار" افسانس اندر سُلہ صابنہ دَسہِ بلٹری وٲلس بروٗنہہ کنہٕ یہ وَنٛنتھ طنزِیہ لہجہ ووٚتلاوان۔

"جناب ! امن پسند ۔ یہ سیٚمٹھ مکان واسطے ۔ معافی آبندہ ۔ پتا کیا تھی ۔ گڑ بڑ گڑ ہے گی ۔ سر ۔ لڑکوں نے ہی ہم کی تباہ کی۔"

بیٚلہِ زن سُلہ صاب زانتھ مانتھ رتہٕ کوچھ تہٕ یہ دٕپ زِ تہٕ لاشو پیٚٹھ ووٚتہٕ تارتھ اندی پکہِ حالاتن ہنٛد برپور فایدہ تُلتھ پننہٕ مکانکہٕ دوٛیمہٕ پورہ باپتھ سیٚمٹھ اوس سارلان۔ یہ مکاری چھے بیٚیہن نتیٚ نمبران بیٚلہِ سُلہ صاب اَکِس بوٗندوٗق بردار جوانس نِش یہ وَنٛنتھ پان چھ بچاوان زِ یہ سیٚمٹھ چھُ شہید مزارہ باپتھ۔

بشیر اختر نِس افسانہٕ "حوآیی حادِثہٕ" ہس اندر چھُ تِمہٕ وِزِ طنز ووٚتلان بیٚلہِ ارندتی جان منس بیٚٹھ چھُ لیوان تہٕ سہ چھے پننِس خاندس مہ کٔھ زانتھ بذاتی سارِنے اشناوَن کُن یہ وَنٛنتھ باکہ ژٕٹان۔

"بنو وتھ باتھ تہٕ تماشہٕ۔ ہے افسوس ! میانہٕ بھگوانہٕ یتھ کوٚنہٕ وَسان ترٛٹہٕ ۔ ہا شریٖشدرو ! ووٚلا مہابھارت ہا دوٚتھے گرٕ۔"

دراصل چھُ اتھ افسانس اندر اَکِس وزان دار نہٕ بیا کھ وَشناوان اتھ صورتہٕ حالس کُن طنزن توجہ مبزول گژھان نہٕ یہے چھِ طنزچ کامیآبی۔

غُلام علی ہمبوٗر چھ مِیارٕ لحاظہٕ طنٛز وونلاونس منٛز ظریف احمد ظریفس پتہٕ پٔتِمِ درجہٕ ژٕھراونس منٛز وارِیاہ کامیاب سپدمُت۔ شہ چھ کنہہ طوٗل دِنہٕ باوٕ وجوٗد تم خامیہٕ تہٕ کوہتأیہٕ "کأشُر بوٗلن" تہٕ رنگ" بیترِ طنزیہٕ خاکن اندر اٮ۪سس لایق بناوِتھ ہیوٚکمت ہِم تٔس اٮ۪ندۍ پٮ۪کھۍ ذرٮ۪ٹھ چھ آمٕژ مثلن "کوٗشر بوٗلن" خاکُک یہ طنزیہ لہجہٕ۔

"جدید تحقیقاتہٕ تلہٕ چھے یہ کتھ ٹاکارٕ پأٹھۍ نٮ۪نے ہٕژر زٕ ماجہٕ کٲشرِ ہٕنٛز ہٮ۪شر چھ گوہنماتھ، قلم کار، ترجمہ کار تہٕ زبان دان وۄپداوِنہٕ خأطرٕ سٮ۪ٹھا رٕژ۔ بیٚتِیک آب تہٕ ہوا چھُ مذکورٕ منوٗشن پھیکہٕ پھیکہٕ دوا۔ تمہ دگواہ چھُ یوہے وجہ زِ بیٚتِیک چھُ فی دوہ یو نفر منٛز ڈوڈ نفر شاعر۔۔۔۔"

ہری کرشن کول چھُ پننہٕ ہِن افسانن اندر پانٕنے یہٕ "بنتھ کھوہ کھرِ ہاوٕ باوس چھپہٕ چھپانگرِ گاشِرن قدرن یا سمیس ہتہٕ ہتہٕ لٮ۪تھ کھوکھرِ پکہٕ نچہٕ ناکامی ہیتھ پانس طنز کران۔ مثلن "ہوٗنہ" افسانس منٛز ہٮ۪مرِ ساتہٕ مسٹر صِدیقیا سٹِشنر کھوہٕ تہٕ منٛز ہوٗن اُمس کُن جِسٮ۪ہِش ژھٔنان چھُ یہ چھُ تربرانہٕ تہٕ پتھ ژلان تِکیاز اتھ ماڈرن ہوٗنہ کلچرس چھُ نہٕ واقف۔ مگر اٮ۪ی سٔندٮ۪ یہ بے جا ترہرن دوٗر کرنہٕ موکھ بیلہٕ مسٹر صدیقی اُمس فِرسان وٕنان چھ زِ یہ ہوٗن چھُنہٕ ژپل یہ چھ یہ ونتھ پنن کھوڑن ژوٚرِ تھوٗنچ کوشش کران۔

"تبلہٕ آسہٕ ہے مےٚ نالہٕ موٚت کرنہٕ آمٕت۔ غلطی چھےٚ میأنی۔ مےٚ تور نہٕ نِکرِیا۔" نہٕ ونتہٕ لایکھ کٔنہہ" ناوک اِہسے ہس اندر تہٕ چھُ کول صاب برپوٗر طنزیہٕ لہجہٕ پأدٕ کران۔ مثلن۔

"کٔشیرِ منٛز چھُ شاید ہاکھے یوت ژٕ چینٛزٕ یس پٔرِتھ موسمس منٛز دٔستیاب چھُ آسان۔ ییٚنہٕ کٔشیرِ منٛز اِنسان تھٕنہٕ پیو نٕنہٕ موٚنگ تٔمۍ دٔلیس دۅہے ہاکھ تہٕ بتہٕ۔ اَدٕ منٛزٕ منٛزٕ یوٚدوے بتہٕ کاہنٛز تہٕ کوٚرنس ہاکھ تھووُنس ڈوہے دٔستیاب ـ ـ ـ ـ

ہاکہٕ وٲلِس نِش نیرِتھ حِساب رٔٹِتھ شراہ "بٔڈ" جانگرِس منٛز بٔنِتھ ترٛٹھے بوٚدی تہٕ گرٛٹنٕ پیٹھِ منٛز بٔنِتھ ژور بوٚدی تِلِتھ ادٕ سُس بہٕ گرٕ گٕن پکان ـــ"

مکھن لال کنول چھُ "واد" اَلیس منٛز اِنسانہٕ سٕنٛدِ دٔستی جنگہٕ جنگ ذریعہ قتل وغارتگ بازر لاگنہٕ علاوٕ ماحولیاتس پیٹھ زہریلہٕ ژادر وٲلِنس پیٹھ بےٚ وایہٕ طنٛز کران۔

"عراقن زٲلی کویتس نِلہٕ کٔرِتھ۔ نارن گٔنڈ ژھٕٹھ۔ وادن نغاوٕ س زہر۔ زٕیٹھ کھاجنس اسمان تہٕ بسرٕ باگرٲوِن اندٕ پکھ۔ دٕہس کٔرن کٔنس تفہیم تہٕ کٔشیرِ واتناوِتھ کوٚرن کوٚہن تہٕ بالن، شہرن تہٕ گامن، داں کھلن تہٕ میوٕ باغن کرٛہنہٕ شینٛگ لیتھ۔"

یادِ پیٚرِ (تٔنسمرن) ادبی صِنفِ نوٚو زٕمو زیٹھ بخشن وٲلۍ پُشکر بھان مآبن لیکھ پتۍ مین وٕری یاد دوران واریاہ یادِ پیٚری یمن اندر تٔمۍ پننہٕ ہیتھ کالچہٕ یادِ پنہٕ نِس مخصوص مزاحیہ طرٕیقس اندر پیٚرِ تہٕ تمہِ وقتہٕ کہن سیاسی کیٛو سماجی حالاتن ہنٛز منظر کشی کٔرِتھ اَزٕ کہن حالاتن پیٹھ ورگہٕ پاٹھۍ طنٛز کوٚر۔

پُشکر ناتھ در سٕنٛدی اَلیس "کتہٕ آسر کوٚت وٲتۍ"، "کاگن ہاپتھ"، "اَنٛم سوٚہ وٕوم سوٚہ" بیترِ چھِ خاصکٔرِتھ بٹہٕ سماجس پیٹھ بھرپوٗر طنٛز کران۔ تتھ بٹہٕ سماجس یس پننہٕ جغرافیہ تہٕ راو نہٕ تہٕ تواریخ تہٕ چھُس فی الحال راوِس تل مگر

یٖس سماجی بدلن وطن بدری دوران تہٕ برابر ہُرہٕ ہُر گو گران۔

کٔشیرِ اندر یِم حالات ووٚتھی پیٚتِم واریاہ وری چلان رودی، تِمو واتنووٕ کاشرِس کلچرس تیُتاہ نوقصان یُس نِہ تلافی کرٕنۍ محال چھُ۔ خاصکر سٔید "پأتھر" تہٕ یہٕ گِنڈن دول مسخرٕ ژوداہمہِ صدی عیسوی ہِنٛدی پأٹھی روپوش۔ کاشرِ اُفقہٕ پیٹھ مسخرہ یہٕ ڈیپٕ زِ پٔوٚر پأٹھی غأب گژھن اگر کأنسہِ دگ تٕج نہٕ سہٕ چھُ موتی لال کیمو۔ کیمو صأبٕ چھُ پأتھر معتبر تہٕ معیأری بناونک خألق تہٕ۔ اۄہی کوٚر یہٕ روأیتی ڈراما فارم مُلکی لکہٕ تھیٚٹرس ثروٚنٹھ کنہٕ کوٚٹھی دٔرأوِتھ اِستاد۔ أمی سٔندی ڈراما چاہے لکہٕ فارمس منٛز چھِ یا جدید فارمس منٛز یِمن اندر چھُ موضوع تہٕ ٹیکنیک لحاظٕ سیٹھا سنیر تہٕ اۄدٕ کنی طنز تہٕ ووٚنادأ۔ "ڈکھ بیٚبلہٕ ژلن" ڈرامہس اندر چھُ کیمو صأب ماگُن تہٕ مسخرٕ دٕسی نہٕ صرف کاشرین حالاتن پیٹھ بلکہٕ کأشرٕ قومچہٕ تہٕ خاصکر تِمن مسخرن ہِنٛزِ بے بسی تہٕ بے کسی پیٹھ برپوٚر طنزیہٕ لہجہ ووتلاوان مگر سارِوے کھوتہٕ فن کارانہٕ طنزیہٕ لہجہٕ چھُ یہٕ تازٕ ترین ڈراما "نگر وۄداسی" ہس اندر پادٕ کرنس منٛز کامیاب سپد متُت۔ یہٕ ڈراما چھُ کٔہمہِ صدی ہِنٛدین کاشرین حالاتن ہِنٛدِ أنہٕ "منٛزِ اُزِ کُشیر سانین أچھن برونٛٹھ کنہٕ تھاوان۔

اَمہِ علاوٕ چھِ بییہٕ تہٕ ڈراما نِگار یِہنٛز ڈرامہن منٛز اکہٕ یا بیٚیہٕ رنٛگہٕ طنزیہٕ ثرائے ووتلاوِتھ ہیٚکی منٛز یِمن اندر رتن لال تلاشی سٕنٛد ڈراما "حالس چھُ پرارُن" عزیز حاجنی سٕنٛد "مزارِ شعرا" تہٕ غلام علی مجبور سٕنٛد "پأنٕ چھُ جأری" بیٚیہٕ قأبلِ ذکر چھُ۔

تِمس پیٹھ بیٚیلہٕ وچھو ہم کال طنزیہٕ نثرس منٛز چھُ زیادٕ تر کاشرِ قوم تہٕ أمی سٕنٛز عمل زیرِ موضوع رٕوزمٕژ نہٕ زِ کانٛہہ مخصوص فرد یا اِدارٕ۔ ووٚن گوٚو

کُنہِ کُنہِ چھُ وقتہٕ کینہہ حاکمن کُن تہٕ طنزٕک تیر ژراونہٕ آمٕتۍ۔ تیٖر لگیا نِشانس کینہہ نہٕ تہٕ کرِ ہینہٕ وول سمے فاصلہٕ۔ اکھ کتھ چھِ شیٚقہٕ زِ اَدبک اکھ حِصہٕ آسہٕ ہِنز چھِ طنز نِگاری ہُنز کام تہٕ تِہنٛدۍ پاٹھۍ ہٕژر تہٕ جانہٕ سکھٕ گنٛجھ ہیٚتھ پاٹھٕ بلٕ تے اَدٕنٛچ چھِ۔

مکھن لال صراف

# کٲشرِ نیبرِ سٹیج ڈرامہُک نوٚو زُہم

اِنسانس بیٚیمہٕ زبانٛی ہُنٛد شبد تھٕنہٕ بیٚوان پیوٚانی کنن آسہِ گوٚمُت تہٕ یتھٕ وٕچھس تٔمۍ دوٚد آسہِ چیوٚمُت۔ "تمہٕ زبانٛی تہٕ دچھ وُشنیرس مَنٛز چھہِ تہنٛد جذبات تہٕ سماجی قدرَن مابین اِحساسات پٔرنھان تہٕ پوچھر لبان۔ یِم جذبات تہٕ قدرٕ چھہِ عام پٲٹھۍ خاموش (DORMANT) آسان مگر حساس ذٕہنس مَنٛز چھُ قدرَن تہٕ جذباتن ہُنٛد یہِ ناگراد اَنٛدرۍ گرزِتھ شہ ناد ہنان یُس یہِ حساس ذٔہن پانہٕ بوزان تہٕ چھُ تہٕ لُوٚکان تہٕ چھُ۔ یِہوے لوٚگُن تہٕ بوزُن چھُ واریہ وار اِظہارٕچ وَتہٕ تلاشان۔ اظہارُک وسیلہٕ چھہِ واریاہ، مثلن رنٛگ، ردم، حرکات و سکنات، مُرٕ گٔری تہٕ مُدرایٔن ہٕنٛز سوٚ زبان یوٚسہٕ تہدار آسنہٕ تہٕ اِنسانی قدرَن، جذباتن تہٕ اِحساسن ہٕنٛز سلیس زبانٛی مَنٛز ترجمانی کرِتھ عوامی مقبولیتھ حاصِل کٔرِتھ معاشرُک مجموعی مزاز بنہٕ۔ سوے گیہِ رلوانتھ یا پرمپرا تہٕ یتھ پرمپرا یہٕ مُسلسل سادھنا تہٕ عمل ڈکھ آسہِ سُہ پرمپرا چھےٚ نہٕ مران۔

پرمپرا یہِ ہیُنٛدِس اَتھ پس منظرس مَنٛز یوٚسہٕ کانٛہہ تخلیقی کاوِش رنٛگ ردم یا حرکات و سکناتن ہنٛدِ ذریعہِ اِستعمال کٔرِتھ وُٹھوٚدس مَنٛز یِوان چھہِ تتھ چھہِ تمی زمینہٕ ہٕنٛز خوشبو آسان ییٚتہٕ انسانن (تخلیق کارن) زٕہم آسہِ ہیوٚکمُت۔ اَتھ زبانٛی

قدرن تہٕ جذباتن ہنٛز عوٗشبوٗ چھ ETHOS تہٕ IDIOM ونان۔ امہِ ایڈیم تہٕ ایتھاسک مکمل اِظہار چھُ فن ڈرامہ تہٕ کیاز حرکات و سکناتو علاوٕ چھِ اتھ منٛز رنگ، ردم، موٗسیقی تہٕ مُدرایِن ہنٛد دخل۔ عام پاٹھۍ روٗد کأشُر تہٕ خاص پاٹھۍ کأشُر حساس ذہن اظہارٕکس اتھ ذریعس پانٛژٕ ساسو ؤری یوٚ ہیٛتھ پوٚز کران تہٕ پوٚزِ کس اتھ تنٛجس منٛز دأژ یہِ پرمپرا اسہِ تام۔ کینٛژھا کتأبی شارن منٛز تہٕ ہیتہ بیشتر پاٹھۍ سینہ بہ سینہ۔ نیل مت پُران تہٕ راج ترنگنی منٛز درج اشارٕ چھِ گواہ زِ ڈرامہ تہٕ موٗسیقی ہنٛز پرمپرا اُس نہ عوامی سطحس پیٹھ مقبوٗل، بلکہِ درباری سرپرستی تہٕ راجہ مہاراجن ہنٛز ذأتی دِلچسپی کنہِ روٗز موٗسیقی تہٕ ڈرامہ پرٛنہ دورس منٛز کأشرِن ہنٛز سماجی تہٕ ثقافتی زندگی ہنٛز عکاس بنتھ برتھان۔

نٹنکین تہٕ کتھا واچکن ہنٛد وجوٗد Temple Theatu موجوٗد آسنک اشارٕ سوٗتہٕ ہرِ جشن تمثیلن ہنٛد اہتمام تہٕ انعقاد، راجہ مہاراجن ہنٛد نٹنکین ستی خاندر (راجہ چکر وافن تہٕ راز پرتاب دِتیا)، للتادِتیا سنٛز فنوٗ لطیفن ستی دِلچسپی، اِندر پرِبھایہِ ہنٛز درباری کٔریتھ پراوٕنۍ (راز للتادِتیا سنٛد دور)، رنگ منٛچ ژُنکھی دیوتا (Four Faced God) مأنتھ پوٗرنا، اتارا، رتن مالا تہٕ دیپ مالایہِ ہنٛد رس بھاون ہیٛتھ کمال تہٕ اداکاری ہنٛدۍ جوہر چھِ ڈرامہ پرمپرایہِ ہیٛتھ وقتہٕ موجوٗد آسنہٕ کِس دعواہس ڈکھ کران تہٕ فنہٕ کِس عظمتس پرتہٕ بخشان۔

دورِ بڈشاہی پتہٕ یُس جموٗد کلہم کلچرل کارکردگی پیٹھ طأری سپد، ڈرامہ تہٕ آد تمہِ کیٚن زدس تل۔ اگرچہ حافظن تہٕ سانٛدرن روٗد چلے جاد تاہم روٗز نہ ڈرامہ کرِ یا والن خاطرٕ درباری سرپرستی حاصل۔ دورِ غلامی دوران روٗد کتھا واچکن تہٕ نٹنکین ہنٛد کأشرین ہنٛد تکمیل تہٕ فن شناس گرن منٛز ین گرٛژھن تہٕ لوکٕ ٹن بڈین نیوٗ ہارن پیٹھ موٗسیقی ہنٛد اہتمام جأری مگر

ڈرامہٕچ رِوایتھ رُوز برابر تۄت تام ودٕتھلان یُتھ تام مۆجُودٕ صدی ہِنٛدِس آغازس پیٹھ کاشرِ فن کارو (Revival) رِوِیوٕچ الم تُلِتھ۔ بےٚ شُمار ڈراما گرُپ تہٕ کمپنی آیہِ بارسس۔ ۱۹۰۱ پیٹھہ ۱۹۳۰ ہس تام یِم گرُپ وجُودس مَنٛز آیہِ تِمن منٛز اوس AMATEUR DRAMA CLUB تہِ۔ امیُک دفتر تہٕ رِہرسل رُوم اوس گداد منٛدرس سیٚدِ سیۆد گاؤ کدلکِس بنٛڈس پیٹھ واقع۔ گاؤ کدلِچہِ زِنیٚ منٛڈی پیٹھ تار گرس نام اوس سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ تھیٹر۔ یہِ اَس لِمٹڈِ کمپنی تہٕ امہٕ کمپنی منٛز اوس اداکارن ماہانہٕ تنخواہ تہٕ دِنہٕ یِوان۔ امہِ تھیٹر کمپنی ہٕنٛز رقابتہٕ اَس گاؤ کدلہٕ ہاؤس بوٹس منٛز روزان تہٕ امہِ کمپنی ہِنٛدی ڈراما چھِ مہاراجہ کشمیر، مہاراجہ آف الور، مہاراجہ آف جے پور تہٕ مہاراجہ آف جودھپورن تہٕ وُچھمٕتۍ۔ امہٕ کمپنی اَس ( ALFRED THEATRICAL) کمپنی لاہورس سِتۍ وابستگی۔

بیاکھ ڈراما کلب اوس سرستی ڈرامٹک کلب یُس اَزی کِس نیشنل ہسپتال کرن نگر سرینگر کِس احاطس منٛز واقع اوس۔

کشمیر تھیٹر یکل کمپنی اَس FLOATING کمپنی تہٕ یہِ سپنہٕ پتہٕ نیشنل تھیٹرِکل کمپنی منٛز تبدیل۔ مہاراجہ ڈراما کمپنی اَس مہاراجہ پرتاب سنگھ سٕنٛز پرستی حاصِل۔ آغا حشر کاشمیری تہٕ نارایَن پرشاد بیتاب ہِنٛدی ڈراما اَسی سارِنٕے کمپنی ین منٛز مقبول۔ کُھلہٕ جاین پیٹھ ڈراما پیش۔ رگوناتھ منٛدر سرینگرُک اِحاطہٕ، اِسلامیہ سکوٗلُک اِحاطہٕ، تہٕ اَزی کِس کنٛزالہٕ کھٔڈ چوگُک اِحاطہٕ آسہٕ تِم جایہِ یتہِ ڈراما اَسی گِنٛدنہٕ یِوان۔ امہٕ وقتس دوران یِم ڈراما گِنٛدنہٕ آیہِ تِمن منٛز اَسی کیٚنہہ مقبول ڈراما یِم۔

زہریلا سانپ، کرشن سُداما، دیوی موہنی، مہابھارت، خوبصورت بلا بیتر۔

ہووے وِنچ REVIVAL سکام یموٗ فن کارو تہٕ فن شِناسو دردس اَنیٖہ تِمن مَنٛز اُسی
وید لال وکیل، جگن ناتھ ساقی، محمد شعبان، گوپی کشن ، محمد حُسین، صاحبزادہ عمہٕ شاہ،
حسن شاہ اِنجینیر، رام ناتھ پوربی، موہن لال شرما، کپتان رام کشن، بادھو لال داس، شمبھو ناتھ
اوگرہ، کرشن جو بھان، سروانند خشو، مادھو جو پنجابی، کاشی ناتھ ایمہ، نند لال کول، ہری ولاس،
سُدراجی کول، ٹھاکر داس جج، ایس۔ این۔ نندا، جیت رام چوپڑا، بالوکشن داس تہٕ حالے
حیات ماسٹر جگن ناتھ شِوپوٗری تہٕ اننت ناگگ گوپی ناتھ بیتر۔ ۱۹۳۱ء پتہٕ آیہ سکاشُرس
ڈرامہس مَنٛز تمہ وزِ بیتیہ ہن تہٕ جدت ییلہِ غُلام نبی دِلسوز، تارا چند بسمل، نیل کنٹھ شرما
تہٕ نند لال کول ہی ڈرامانویس مارکس مَنٛز آیہ۔ دِلسوزُن شیٖرین خسرو، نند لال کول، سُند
ڈراما ستیہ کھوٹ، تارا چند بسمل سُند اکھ نندُن ستیہ وتھ تہٕ رام اوتار، نیل کنٹھ شرما سُند
بلوا منگل تہٕ پتہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی سُند ڈراما گریسی مُند گر، ایس۔ پی۔ کالج کِس پرتاپ
میگزینس مَنٛز چھپِتھ اوس پیش رفتس کُن اِشارہ۔

۱۹۴۲ء پتے سپد کشیر ہندِ ن دوین کالجن مَنٛز انڈین پیوپلز تھیٹر (IPTA)
اسوسیئشنک اثر کامیاب۔ تہٕ ییتھ پاٹھی سپدی دار یاہ نوجوان ترقی پسند سوچس کُن راجوٗع
تہٕ کینٛہہ نوجوان آیہ لوٗہے فلسفہ ہیتھ فن ڈراماکس پادانس مَنٛز بروٗنٛہہ کُن۔

آزادی پتہٕ یہٕ کینٛہہ ڈراماکس ناوس ہیتھ رضاکارانہ ادارہ ہندِ حوالہ ہیوٗد سُہ
اوس سماجی تہٕ سیاسی بیداری ہُند تھیٹر۔ شہید شیروانی (پریم ناتھ پردیسی) سون
سمار (نوٗر محمد روشن) پگاہ چھُہ گاشدار (اہن کامِل) وزِ چھہِ ساز (علی محمد لون)
ڈالر صاب، ترے بٹا ژور، یاتن نتہٕ نڑا کھ (پُشکر بھان) بیتر ڈراما اُسی سماجی تہٕ

سیأسی بیدأری کُن اِشارٕ کران تہٕ یِمن ڈرامہن ہنٛدِ ہیئتس (FORM) تہٕ موضوعی گوٕ برس مُتعلق بحث کرُن چھُہ نہٕ یتھ مقالس منٛز مُمکِن۔

کمال بھکتنہٕ سرپرستی منٛز ییم اُکِن گامکی بانڈ اوت تام ژھیٹہٕ بٹہٕ ڈرامٕنٛ اُسی تِہنٛز کارکردگی اُس اتھ دورس منٛز عش مُقام، گوہن، کابہٕ مرگ، ہاٹنگل گوٗنڈ تہٕ بٹرٕ حیات پورکین استھانن تام پھاُلیمٕژ تہٕ اتھ مُقابلہٕ اوس ہیٚٹہٕ بانڈن ہنٛد جشنہٕ اُکِن گامہٕ شِوا بھگوتی مندرٕ کس احاطس تام محدود۔ مہانوی تہٕ چتر نوی ئیس جشنہٕ مادھورام بٹ (بانڈ) تہٕ اُمہٕنٛدِس نیٚچوِس سروانند بانڈٕ سٕنٛز سرپرستی منٛز سپدان اوس۔ دپان چھِہ اوس وُچھنٕ لایق آسان۔ ۱۹۵۳ء پتےٚ سپدٕ کٔشیرِ ہنٛدی ڈراما نویس، اداکار تہٕ باقی فن کار مُختلِف رضا کارانہٕ ادارن منٛز شامِل۔ گژھتھ مُنظم تہٕ کٔشیرِ ہنٛدس بانڈ پأتھرس تہٕ لوگ وُسجار۔ کیمونٹی تھیٹر تہٕ آدنٛوس انہارس منٛز بروٗنٛہہ کُن۔ سیأسی تہٕ ذاتی اِختلافو باوجود تہٕ رُودی فن کار مٕہچہِ منٛز تہٕ سرکأری یا غأر سرکأرٕ ادارن ہنٛدِس اہتمامس تل۔ یوسہٕ کلچرل کارکردگی سیٚنٛز تتھ منٛز سپد ڈراما تحریکہٕ ہنٛدِس صورتس منٛز نمودار۔ سرکأری پرستی روٗز دسیاب تہٕ فن ڈرامہن کوٗر عوامس منٛز فن شنأسی ہنٛد مزاز پأدٕ۔ نُمأیِش گاہ بنیوٚو کلچرل سرگری ہنٛد مرکز۔ عوأمی راجہٕ کیٚن عوانواحس منٛز اوس یہٕ ڈراما پرمپرا ہنٛد نوٚو انہسار تہٕ یہٕ انہار بنیوٚو کأشرِ معاشرُک سُہ آینہٕ یتھ منٛز پرتھ کأشرِس پنُن پان لبنہٕ آو۔ URBAN تہٕ Rural ڈراما خأطرٕ سپد موزون تہٕ موأفق ماحول پأدٕ۔ یِمے، وأہتوٗر، تہٕ یچھ گامہٕ پیٚٹھ اُکِن گامس تام لٕجٕ ڈولس ژٕنڈ۔ بانڈہ پأتھرن کٔر نوٚو شکل یختیار۔ یہٕ دراو مانگیہٕ نیبر۔ نا گام کین جشنہٕ بوٚنین تہٕ ذریہٕ گام کِس بوٚنہٕ باغس منٛز سپدی مُسلسل جشنہٕ۔ شنکرا چ دمأتی آیہٕ نوِ سر بارسس۔ فن کارن

ہیٚنز مُختلِف تنظیمہٕ آیہٕ وٗجوٗدس مَنز۔ اداکارن ہیٚنز نوٚوے آیہٕ بَرٛدنہٕ کُن۔ مُسدھار سیمتی ناٹک وِبھاگ چہٕ کار کردگی منز آیہٕ شِدت۔ شاعِر تہٕ اُدیب آیہٕ اکھ اَکِس نکھہٕ۔ مُصوِرو تہٕ مُوسیقارو کوٚڈ یِمنہٕ فنکو نوٚو تہٕ نوٚزُک گوشہٕ نَنی۔ جشنہٕ کشیرُک اہتمام سپُد تہٕ اَتھی ستی سپیٚز آزادی پتہٕ کٲشِرِ ہیٚنز کلہم عمارژ پرانہِ بُنیاژ پیٹھ نوٚ سرِ تأمیر۔ اتھ تأمیرس منز کیٚو فنکارو تہٕ فن شناسو سود تِمن منز چھِ بیشتر حالے حیات۔

۱۹۸۳ء پتہٕ آو کٲشِرِ منز سیاسی ردِ عملک تھیٹر وجوٗدس منز۔ (لفظ تھیٹرس منز چھِ ڈرامہِچ ہیٚتھ، امیُک پانترِاد، ڈراما کرنہٕ دول تہٕ وچھن دول شامِل)۔ THEATER OF Political reaction چھِ بُنیادی طور سماجی بیہودی ہُند تھیٹر تِکیازِ بہٕ چھُ حکومت کین تِمن اقدامن مُتعلِق عوامی ردِ عملک ترجمان بنان یِم اقدام عوامی بیہودی خِلاف آسن۔ یتھ منز اِستعمال آسہٕ کُنبہٕ پروری، رشوت خوری تہٕ طبقاتی علمی پیٹھ فرق آسہٕ ورتاوس پیٹھ یا رواداری تہٕ وحدتس رژھنہٕ تراونچ کوشِش آسہٕ۔ اتھ دورس تام یِم تہٕ ڈراما یا اوپیرٹیک ڈرامہ سپدٕ تِہُند ویچار چھُ از تہٕ پتہٕ جایہٕ برقرار۔ کشیر ہمارا، بوٚنہِ تیٚز زوٗل، ملرزار، ہی مال ناگ رائے، نیکی بدی تہٕ بیٚیہٕ تہٕ واریاہ ڈراما بیٚہنز ذکرِ ورائے ڈرامہِچ توارِیخ نامُکمل چھِ۔ THEATER OF Political reaction کِس زمرس منز چھِ یاہُو، تقدیر ساز، تقدیر، بہٕ چھُس ژوٗر، تلاش اِنصاف، اَکہِ شیٚچھ، حرم خانگ آنہٕ، گتہٕ رٛنگ، لیس لگِنس لگہٕ سرکاری بیشتر ڈراما میلہٕ بیٚہنز خشتہٕ تھاوان تہٕ یِم یِن پتہٕ وانس زمانس منز وِزہِ وِزہِ پیٚش پیٚن۔

مُختلِف ہیتہٕ کیٚو (FORM) تجربو منز نیرِ تہٕ تہٕ موضوعی اعتبار گوہ برگ اِبتدائی

مٔنزِل طے کٔرِتھ اوس کٲشُر ڈراما اِرتقاکِس تتھ ہرلِس پیٹھ کھڑا یتیتھ بہٕ بنگٲلی، گُجرٲتی یا اوڑیا ڈرامہکی پاٹھی پننہٕ منفرد پٔرزنتھ قٲیم کرِ ہے۔ تِ امہِ کِس رفتارس لوگ ٹکھ ـ ـ ـ ـ ـ وجوہات چھِ عیاں۔ نعمن ہنز مۆدُر لے گیہٕ نعرن ہندِس کرکہنادس منز ذٲبِل۔ ڈولن تہٕ سعہ زِین گیہٕ بانڈ بوکھچن منز پھیٹج۔ کلچرل سرگرمی ہندین رضاکارانہ ادارن لوگ گُلف۔

ٹیگور ہال بُید ناپہٕ بزی۔ ڈراما مسوِدہٕ تہٕ ڈرامہس مُتلِق ادبی کِتابہٕ، کنھا یہ، تہٕ تنہنز آیہٕ لوٗٹہٕ کٔرِتھ ردی باوہٕ ہربازر کٔینہٕ تہٕ یتھ پاٹھی آو کٲشر کلچر زندگی ہنہٕ ڈراما پیرایہ ہیٚند یہٕ اکہٕ خانہٕ وسنتھ تہٕ اکہٕ خانہٕ خانجہِ کھنجہِ سپنس ہتہٕ نقاوِتھ واتی بیشتر فن کار ہجرت کٔرِتھ تتھ شہرس منز یتہِ لکھ دیچھہٕ انجی کام کھورِیا اتھس ہیوان چھِ۔ یہٕ اوس یمن فن کارن ہندِ خاطر نوو تجربہٕ۔ وانگجہٕ وآری ہند تلخ تجربہٕ، عیال باری ہندی مُشکلات، ذاتی بہبودی ہندی مسلہٕ تہٕ سیاسی ناخوشگوار حالاتھ۔ یمو دِژ یمو سنجیدہ تہٕ تخلیقی سوچس کُن واریاہس کالس اتھ ونھ تہٕ یہوے چھُ وجہ زِ یم گیہٕ پننہٕ کلچرل بھٹری تہٕ ژھینہٕ گاشہٕ پیرایہٕ مُتلِق ہنا ژیرہٕ ہیٚن ہُشیار تہٕ حساس۔ وزمٕ گرژھنا یمن لگ بھگ نو وری اتھ شہرس سینگِسٹانس منز روزان۔ پتہٕ یمو کینژرو وری یو پیٹھ واہرادلِ یمو بے گر فن کارو ڈراما پرمپرا Revive کرنہٕ کہ داریاہ وان مگر کُنہٕ دانس رود نہٕ اکھن درٕ ون۔ یہٕ کینژہا اتھ خیمس منز مانبل ڈرامٹکس، کشمیر تھیٹر تہٕ موتی لال کیمو صاٹن ذاتی تجربہٕ اِستعمال کٔرِتھ کوٚر تہ چھُ ستائشی لایق مگر کافی چھنہٕ۔ کافی چھنہٕ اوکِنہٕ تکیازِ یہٕندیہِ عمل چھنہٕ مسلسل۔ یوت تام نہٕ ڈرامہس ہستی

تۄلُق تھاوَن والین ڈراما نۆیسں ہدایت کارَن تہٕ اداکارن ہُنٛز عمل مُسلسل آسُن تہٕ REORGANISATION رِ آرگنایزیشنُک جذبہٕ اَتھ پیٚش پِیٚش آسُن تۄتہٕ تام چھُ میٚیانہٕ اَنداز ڈرامہ پرمپرایہِ ہٕنٛد Revive گژھُن ہنا مُشکِل مگر نامُمکِن چھُنہٕ۔ نامُمکِن چھُنہٕ اوکنہِ زِ بیٚیہِ گِر گامتی اداکارن فنکار تہٕ تخلیق کار اکھ اَکِس مازَن، اکھ اَکُس بُوزُن تہٕ ترکِ وٕژنہٕ دگ تحریکہِ منٛز تبدیل گٔژھتھ کمر بستہٕ سپدن۔ امہِ خاطرٕ چھُ تمہِ اکہِ با وقار رضاکارانہٕ اِدارُک وُجوُدس منٛز یُن سیٚٹھا ضروری یتھ منٛز ڈراما نۆیس، ہدایت کار، اداکار، مُصوِر تہٕ پینٹر اَتھ واس گٔژھتھ زنا ییٚنہٕ RENNAISANCE تِژھ اکھ کیفیتھ پادٕ کرن یمہِ سٟتۍ ڈراما پرمپرایہِ ہٕنٛدِ Revival خاطرٕ مُوافِق تہٕ موزوُن ماحول پادٕ سپدِ۔ اگر یِژھ کلپنا یہٕ زانٛہہ کانٛہہ عملہِ منٛز آیہِ تیٚلہِ چھُ یہِ کتھ یقیٖنی زِ تمن اداکارَن تہٕ ہدایت کارَن ہٕنٛدِ تجربٕک فٲیدٕ تہٕ سپدِ حاصِل یِم ہِجرت گٔژھتھ ریاست نیٚبر دراے۔ یہِ چھُ پَزر زِ یُتھ اِدارٕ وجوُدس منٛز اَنُن چھُ دُشوار تہٕ کیازِ اسہِ نِشہِ چھُنہٕ مٲلی وسیلہٕ مگر یِتہِ چھُ پَزر زِ یٚیلہِ ڈراما پرمپرایہِ ہٕنٛدِ Revival ہُک اجنڈا ہیٚتھ اکھ وقار اِدارٕ وجوُدس منٛز ییہِ تہٕ لوکٕٹین بٔڈین سرکٲری تہٕ غار سرکٲری کلچرل آرگنایزیشن سٟتۍ رابطٕ قٲیِم سپدِ مٲلی مُشکلات گژھن وارٕ وارٕ کم تہٕ یتھ اِدارٕچ کٲم بنہِ آسان۔ پیپر پیٚنشالہٕ اَپارِ چھِ یِژھ مِثالہٕ موجوُد یِتہٕ بھارت سرکارنہٕ ہِنٛدی مین دون وَرین دوران معموُلی کلچرل مُحفلن تہٕ جلسن ہٕنٛدِ اہتمامہٕ خاطرٕ باگہٕ بۆرُٹ مٲلی اِمدادٕ بہم کوٚر۔ ابتدا اَتھس منٛز ہیٚکہِ امہِ نوعیتُک اِدارٕ تمن سارِنی تہٕ ہدایت کارنہٕ اَکِس پیٚٹھ جمع کرِتھ کٲم دِنٕس یِمو ہِجرت گٔژھتھ یتھ شہر سینگتانس منٛز

پہچان رٲوِمٕژ چھےٚ ۔ یِہنٛدِس صوٗبس مَنٛز ہیٚکہِ اداکارَن ہُنٕز ٹوٗپےٚ نہٕ تیار کٔرِتھ ۔ اگر یُتھ تجربہٕ کامیاب سپدِ، یہِ ادارٕ ہیٚکہِ پننِس اہتمامس تَل پرانین تہٕ نوین کٲشرین ڈرامہن ہنٛدِ جشنک اہتمام بالکل تِتھےٚ پاٹھۍ کٔرِتھ یِتھہٕ پاٹھۍ ۱۹۷۴، ۱۹۷۵ تہٕ ۱۹۹۶ ہس منٛز اکہِ رضاکارانہٕ کلچرل تنظیمہِ سرینگرس مَنٛز کُنہٕ سرکٲرؠ مٲلی اِمدادٕ وراے کوٚر ۔ اداکار، ہدایتکار تہٕ ڈراما نوٚیس ین بیٚیہِ لوٗکَن نزدیک تھیٚیٹرکہِ حوالہٕ یِتھ کاٚلکہِ تہٕ موجودٕ زِندگی ہنٛدِ اَوٚب تہٕ گوٚب موضوع ہیٚتھ ۔ یِہاے عمل بنہِ کٲشرِ نیبر سٹیج ڈرامہکہِ Revival ہُک ضامِن نوٚزمُک نہٕ ۔ نِکیازِ ڈراما پرمپرا چھےٚ نہٕ اِبتدا پیٹھٕ کُنہٕ تہٕ مرحلس پیٹھ فوت سپنمٕژ بلکہِ چھےٚ جموٗدچ شِکار سپنمٕژ ۔

اگر یِتھہِ اِدارٕچ وۄجوٗدس منٛز یِنچ یہِ کلپنا عملی شکلہِ منٛز ساکار سپدِ نہٕ ہیٚوکھ ڈَمب لٔج سۄ گژھِ اِرتقٲیی عملہِ ہنٛدِ تِمہِ مرحلہٕ پیٹھ لگنہٕ ییٚنتھ اتھ کٲشرِ منٛز ٹِکھ لوٗگ نہٕ اَمیک بُنیاد داتا گژھِ سہ مہاپنٛڈِت ۔ اَمہٕ یِہنٛدین بنیتِرن تہٕ منتِرن منٛز ڈراماکِس شٕھیمتِس شریرس نوگرہی دِنٛچ شاکھنی آسہِ ۔ شوالن تہٕ کرابہٕ کہن ڈَمب لگنےٚ ہُرِس بہتھ ازارچہِ ہُد دِتھ ۂتے واے کرنہٕ ہمتی چھےٚ نہٕ ہونٛژھ لگان ۔

نوٹ :۔ سیمنارس منٛز یہِ پرچہِ بوٗزِتھ کٔرکیٚنژو ناقدو پننہِ یہِ راے ظٲہر زِ لیوٚدوے اتھ منٛز چھِ ۱۹۴۷ء برونٛہہ کاشرِ سٹیج ڈراماکِس ووتلنس متعلق اِطلاعات دِنہٕ آمژ مگر کٲشرِ نیبر ڈرامہک اِرتقا کیا تہٕ کَمہِ رنٛگہٕ سپد خاصکر ۱۹۹۰ء پتہٕ تتھ متعلق اِطلاع چھِ کمی ۔ (اِدارٕ)

گوری شنکر رینہ

# نمنتھ پٹکر کینہہ سٹیج ڈراما

ڈراما چھُ ادبُک سُہ انگ یُس لیکھنہٕ تہٕ چھپنہٕ پتہٕ سٹیجس پیٹھ وُچھن والین برونٛہہ کنہٕ گِندنہٕ چھُ یوان۔ ڈراما چھُ اکھ کمپوزِٹ آرٹ یتھ منٛز ڈراما نِگار اداکارن ہٕنٛدِ خاطرٕ جملہٕ چھُ ترٛاشان تہٕ وُچھن والین ہٕنٛدِ خاطرٕ اکِ کتھہٕ ہٕنٛد مقصد پیش کران۔ ڈرامہُک ہدایت کار چھُ اتھ مُسودَس ریہرسلَن دوران اداکارَو دٕسر زُو رٕتہٕ بران۔ پوٚتُس ییلہٕ یہٕ گِندنہٕ چھُ یوان تیلہٕ چھُ سٹیجس پیٹھ نہ ہدایت کار آسان تہٕ نہ ڈراما نِگار۔ اداکار چھُ وُچھن والین سٟیدٕ سیٚود کتھ کران۔ اگر communication ٹھیکھ روزِ تیلہٕ چھُ ناٹک تہٕ کامیاب روزان۔

افسانہٕ یا ناول پرنہٕ پتہٕ چھُ پرن وول پننہٕ تجرُبہٕ تہٕ سوچہٕ مطابق لفظن معنی ژھانڈان تہٕ پننس ذہنس منٛز منظر پٲدٕ کران۔ مگر سٹیجس پیٹھ چھُ ملا کارِ ہٕنٛد جادیہٕ اِنسان آسان یُس فقط کینٛژَو اِشارَو، حرکتو تہٕ لفظن ہٕنٛزِ تلہٕ ترٛاوِ ستی بادتھ چھُ کران۔ وُچھن وول چھُ اُمی سٕنٛز امہِ بادٕ لیلابہٕ ستی یا تہٕ مُتاثِر گژھان نتہٕ بے مُتاثِر روزان۔ یعنی اداکارس چھُ اکھ اہم مقام مگر اُمی سٕنٛزِ زیوِ پیٹھ کھسن والین لفظن چھُ ناٹک کارِ زِنٛم دِوان۔ لہٰذا چھُ یہٕ ضروری

زِ لیکھہٕ آمٕت ڈراما گژھہِ گنٛدنس قابل آسُن ۔ امہِ علاوٕ گژھہِ ڈراما مُتاثِر کرن وول آسُن ۔ یعنی اتھ گژھہِ Inspiring quality آسٕنۍ تہٕ یہ گژھہِ وُچھن والین ہٕنٛز وُچھن بوچھ ہومراوُن ۔ اگر تخلیق کارن او موٗجب ڈراما لیٛوکھمت چھُ زِ تس اوس کیٛنٛژہٕ تہٕ لیکھنکٕ من کران تہٕ ہدایت کارس اوس اداکارَن سیٹجس پیٹھ رنیٛک موقعہٕ فراہم کرُن تیلہِ چھےٚ نہٕ یہِ اکھ جان کوٗشش ۔ نہ چھُ ہدایت کارس تہٕ نہ ناٹک کارس پنُن شوق بامل اَننہٕ یا پتھ وُچھن والین ہُنٛد وَق ضایہ کرنُک کانٛہہ حق ۔

بدقسمتی ہٕنٛز کتھ چھےٚ یہِ زِ کاشُر تھیٹر نہٕ چھُ کرن والۍ تہٕ نہ وُچھن والۍ ۔ تاہم چھُ یہِ حوصلہٕ افزا کتھ زِ پتہٕ میٛن کیٛنژَن وَریَن منٛز آیہِ سیٲسی خلبلی باوجود کیٛنٛژہٕ جان ڈراما لیکھنہٕ ۔ یمو منٛزٕ آو اکھ ہِندی زبٲنۍ منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ نیشنل سکول آف ڈراما ذریعہٕ دہلی منٛز "بھانڈ دٲیی" عنوانس تحت گنٛدنہٕ ۔ اَمِکۍ شو رُودی سیٹھا کامیاب ۔ خاص کٔرِتھ تمن وُچھن والین منٛز یِمو یُہٕ بروٗنٹھہ کاشُر ڈراما وُچھمت اوس ۔ امہِ ڈرامہٕ پیش کش آس سیٹھا [illegible] ۔ ہرگاہ پتھی معیٲری ڈراما کاشُر زبٲنۍ منٛز تہٕ پیش گژھَن تیلہٕ ہیٚکہِ پانے کاشرس تھیٹرس تہٕ اکھ مخصوص آڈینس (Audience) یعنی وُچھن والۍ میلِتھ ۔

عام طور پأٹھۍ چھُ ڈراما تہٕ زِندگی ہٕنٛزن اوسنٛفاین تہٕ واقاتن پیٹھ مبنی آسان ۔ زِندگی چھےٚ بذاتِ خود ڈراما سِتۍ بٔرِتھ ۔ اَتھ منٛز چھُ تناو ، کشمکش ، حٲرانی تہٕ وۄجود تایم تھاوِنہٕ باپتھ جدو جہد ہمیشہ موجود آسان ۔ یِتھے آسی

پیٹھی مینز ذہن ورزین دوران لیکھنہ آمتین ڈرامین کُن نظر چھِ ترآوان اُسی
چھِ لبان زِ لکہ مسلن علاوہ چھُ ہم عصری صورت حالچ تہ زمن منز سام ہینہ آمژ۔ یمو
منز چھِ "ڈکھ ییلہِ ژلن" اوک اُنگی ناٹک۔ سومبرن تہ "نگر ودہ داسی" شری موتی لال کیمو
صابن لیکھمت۔ شری رتن لال شانت صابن چھُ "شاہ رگ" عنوانس تل اکھ ڈراما
لیوکھمت تہ شری رادھا کرشن برارو صابن چھُ "ویش وار" ناوک ناٹک لیوکھمت
"ڈکھ ییلہِ ژلن" چھُ لکہ پاتھرکس اندازس منز لیکھنہ آمت۔ عام پاٹھی چھِ لکہ
پاتھر بانڈ پیش کران۔ تم چھِنہ ترتیب یافتہ اداکار آسان تہ اوے کنہ چھِنہ تم
تخلیقس منز ورنانہ آمتین لفظن ہُند زاوجار سمجھان۔ مگر ییلہِ "ڈکھ ییلہِ ژلن" ہیو
ڈراما ترتیب یافتہ اداکار چھِ پیش کران تیلہِ چھُنہ لفظن ہُند معنی مسنحی منشر
راوان بلکہ چھِ اکھ زور دار پیش کش وُچھن والین ذرِ ئیٹھی یِوان۔ مثالے امِ
[illegible] گوڈنیک سین یتھ منز نہ کردار نُندہ تہ ماگن یہِ شنیچھ چھِ باوان زِ
اد[illegible] اکار چھِ قتل کرنہ آمژ، چھِنہ فقط وُچھن والین یہِ خبر دِوان زِ
وقتی حالات کیا چھِ بلکہ چھِ یم کردار ڈرامہک تعارف تہ دِوان۔ اکھ مُوڈ
تیار کرنہ ستی اکھ ٹینشن پادہ کران تہ یتھ پاٹھی چھِ ڈرامہچ شروعات
جان پاٹھی سپدان۔ پتہ چھُ بُرونہہ کُن اُمس اداکار ہُنند نہ آسنہ سببہ
ماگن پنتہِ زنانہِ یعنی بانڈ بایہِ اداکاری خاطر ماڈ راوان تہ (play within
the play) ٹیکنیک ذریعہ چھ[illegible]بے اکِ نُندہ نہِ شنز ماجہِ ہُنشد
پارٹ اداکران کران سٹیجس [illegible] ماجن ہنز نمایندگی کران تہ ماجہ ہُنشد

catharsis پیش کران۔ یتھ ییلہ اُمس بانڈ بایہ پننہٕ ڈمبہٕ کھوٹمت نیچو نندِ چھ گولہِ ہند شکار سپدان سو چھ ماگنس سوال کران۔

ترٛیہن وردِین وچھ بٔہ چون چمتکار۔ گوسانی لاگتھ کورتھن ہمیشہٕ ناںہٕ ناںہٕ کورمُت اکہٕ نندرُن بار بار زِنٛدہ۔۔۔۔ از کرُن میون گُن پُوتھر زنٛدہ۔۔۔۔ ییلہ اکہٕ نندرُن ادسہٕ ہن زِنٛدہ کران تیٚلہٕ کیاز چھُہن نہٕ از میون نُندہ زِنٛدہ کران۔۔ میون نیچو کرُن زنٛدہ۔۔۔"

مگر ماگن چھ حاران تہٕ پریشان کھڑا۔ شہ کِتھ پاٹھۍ ہیکہِ اُکس مودی ہنٛس انسانس زنٛدہ کٔرِتھ (Universal Mother hood) تہٕ وٕنی حقیقتھ چھِ تیٚتھ اتھ ڈرامس پاٹھرِ میلوڈراما سٹایلہٕ نش الگ کٔرتھ اکہِ بہترین ڈرامچہِ سبہٕ منز شامل کران۔

ساہتہٕ اکادمی دسہ شایع کرنہٕ آمژ "اوک اُنگی ناٹک" سوٗ... تہٕ چھِ کیمو صابنی ترتیب دِژمژ۔ اتھ سوٗمبرنہٕ منز چھ "دہ ناٹک" اُنگی ناٹک اتھ اندر شامل چھ تم چھِ ۱۹۹۳ ہس تام کیٚن اوک اُنگی ... ہنٛز نہجہ ہنٛز نمایندگی کران۔ اتھ منز چھ گوڈنیک ناٹک مرحوم علی محمد لون صابُن "چاری پاتھر" دوٚیم چھُ پُشکر بھان سنٛد "زنگن ہنٛد رنگ" ترٛیم سجود سیلانی صابُن "راتہ کٔرِیل" ژورِم ہری کرشن کول صابُن "دستار" پانژِم فاروق مسعودی سنٛد "کالیج پاتھر" شیٚم ... صابُن "سرِ پیٹھ" ستم غلام علی مجبور سنٛد "پانژھ چھ جاری" اٹھم عزیز حاجنی صا... "ارشحا" ... رتن تلاشی صابُن

"ہالس چھ پٕرارُن" تہٕ دٕہم موتی لال کیمو صٲبُن "سٕپنہٕ صفاۓ"۔ یوٚدوے یمَن اوٚک اَنگی ناٹکَن ہُنز سٹیجس پیٹھ گِندنہٕ باپتھ لوازمات نظرِ تل تھاوِتھ سام ہیمو تیلہِ چھِ اُسہِ لبان زِ بیشتر ڈرامہن ہُنٛد Narrative چھِ ریڈیو ڈراماکِس انداز س منٛز ترتیب دِنہٕ آمُت۔

مِثالے "پکھ ہوٚترنس بہہمو۔ نظرِ یمو نہٕ سکان سے۔ ڈوٚپہے ہے پُشیہے! یُتھ نے مٔتے "مشر اوکھ زاشہم۔"

یِتھی ہِوی ڈایلاگ چھِ سٹیجس پیٹھ اداکارَن Gesture خاطرِ نہٕ [illegible] کارِس gronpings تیار کرنس منٛز دُشواری پیش انان تہٕ یِتھی منظر چھِ عام پأٹھی رہرسلن دوران سیٹھا مُشکل سان تٔیر نہٕ یوان۔ تاہم چھِ یم اوٚک اَنگی ڈرامہ اہم تِکیاز نہٕ چھِ اسہٕ کاشُرس منٛز لوکٕٹ ڈراما لیکھنچ رِوایت تہٕ نہٕ چھِ [illegible]ہن ہنٛدی مُختلف اوٚک اَنگی ناٹک اَمہٕ عِلاوٕ دستیاب۔

[illegible] دٕہ کیٚک اکھ اہم تہٕ مُکمل ڈراما چھُ "نگر ودہ واسی"۔ یہ شُیدٕ ۱۹۹۷ ہس منٛز شایع۔ ژوٚن اَنگن ہُنٛد یہِ ڈراما چھُ کلہن پنڈت سٕنٛزِ راج ترنگنی ہٕنٛدِس ستِمِس ترنگس پیٹھ مبنی سگاشٕرس ہیٚنٛدرازٕ اننت دیونہٕ دورٕچ کتھ باوان۔ اکھ تواریخی ڈراما آسنہٕ موجوب چھُ یہِ یوٗنانی ترٲسدی ہنٛدِس نارس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ منٛز چھُ کورس تہٕ اتھ [illegible] کاسٹ تہٕ۔ یہِ ڈراما گِندنہٕ خاطرٕ [illegible] اکھ سیٹھا قابلِ ہدایت کار [illegible] سیٹھا جان اداکار تہٕ آسنی۔ اتھ [illegible] خوبی چھِ یتہٕ زِ یہ [illegible] کھُل [illegible]شس تل تہٕ تہٕ Proscenium /

سٹیجس پیٹھ نہٕ گِنڈنہٕ یِتھ۔ مگر میانہِ حسابہٕ ہیٚکہِ اَتھ اکھ اثر دار پیش کش کھلہِ آکاشس تلے سَپدِتھ۔ تکیازِ اتھ چھُ اکھ بوٚڈ کاسٹ، کوٚرس Period costume لگاتار تبدیل گژھان نہٕ بیٚیہ چھِ اتھ اندر کِردارن ہُند movement نہٕ لگاتار چلوٕنی۔ یتھی پاٹھی سینماہس منز اکھ زبردس spectacle چھُ آسان یتھے پاٹھی ہیٚکہِ یِمہِ ڈراماکیو سینو ذریعہِ سٹیجس پیٹھ اکھ بہترین visual پیش کرنہٕ یِتھ۔ اگر اتھ بھوٗن داس گپتا ہیو ڈیزائنرس نہٕ تاپس سین ہیو لائٹ ڈیزائنر آسہِ تیلہِ ہیٚکہِ یہٕ از برٕ وہرہ ۹۰ وری یچہِ کشیر ہُند تاثر بخوبی یاد کرِتھ۔ امہِ کین سین ہنٕ ہیٚکہِ سروٚنٹِن زٕنی موٗنڈین ہُند موٗچن موٗچن ززن ہُند نہٕ کاسٹیوم ڈی منز پیٹھیک نہٕ ناٹک بہترین اِستعمال کرنہٕ یِتھ۔ یہٕ چھُ اکھ جان تخلیق نہٕ ہیٚکہِ پزی کٔنہ اکھ ٹیکنی لایق سٹیج پروڈکشن بنِتھ۔ اَمکی تخلیق کارشری کیمو صابن چھُ کاشرس سٹیجس یہٕ ڈراما دِتھ کاشر ناٹک پرچم سیٹھا بُلند کوٚر۔

نامور اَدیب ڈاکٹر رتن لال شانت صابن ڈراما "شاہ رگ"

ترنگنی ہِنٛدس اکس ترنگس پیٹھ مبنی نہٕ یہٕ چھپیوو ۱۹۹۳ کس [illegible] بس منز۔ کیمو صابن نگر وہ داسی" نہٕ شانت صابن "شاہ رگ" چھِ تواریخی ڈراما آسنہٕ باوجود عصری حالاتن کُن اِشارٕ کران۔ یعنی یہٕ تیلہِ اوس نہٕ چھ از۔ اِنسان اوس تیلہِ تہِ پننہٕ وجودِ خاطرٕ [illegible] نہٕ از تہِ چھُ کران۔ یے گونہ آسی تیلہِ تہِ مران تہٕ از تہٕ چھِ مران۔ [illegible] محل گیہ تیلہِ نہٕ نارٕ برزٕ تہٕ از کل نہٕ چھِ گژھان۔ اِنسان اوس تیلہِ تہِ حالَتھ [illegible] نہٕ از تہِ چھُ۔

شرٟی آر۔ کے۔ برآرٕو مٲہُنٛ "ریٖش وٲر" چھُ اکھ community ڈرامہٕچ نُمایندگی کران۔ اتھ مَنٛز چھےٚ اکھ جان ڈرامہٕچ کٲشِش۔ یہِ چھُ فقط اکھ Nost-algia پیش کران۔ یہِ ڈراما چھپیوو قسط وار کٲشُر سماچارس مَنٛز۔ ووٚمید چھےٚ زِ یِنہٕ والین وٕرین مَنٛز یِیہِ تہٕ جان ڈراما لیکھنہٕ تہٕ تِمن سٹیجس پیٹھ گِنٛدنُک شوق تہٕ ذوق تہٕ بڑٕ۔

پرتھوی ناتھ بٹ

# کٲشِر نیٚبرِم رسالہٕ تہٕ کٲشُر ادب

کٲشِر منٛز اوس پتہٕ ہیوٚ شیٚو ہتھ وَرِی بُٛتھ اکھ مِلہٕ مِشہٕ تہذیب پروان کھوٚتمُت گوٚکہِ کٲشُر بٹہٕ تہٕ مُسلمان آسہٕ دوٚن مذہبَن ہِنٛدی پٲروٗ کار اما پوٚز خوٚن اوٚسکھ کٔنہ تہٕ ماحول تہٕ لسُن بسُن تہٕ کیٚنہہ فرق آسہٕ باوجوٗد کُن۔ اَتھ مِلہٕ مِشہٕ ثقافتس اوس اَکھ بُہلہِ پایہٕ اَدیبو تہٕ قلمکارو وِزہِ وِزہِ گوہ ڈبوٚرمُت تہٕ کٲشرِن اکہِ ہیے رَزِ لمنہٕ کوٚرمُت۔ ہیوٚنٛد چھُ شکر دوہ دچھُ مُسلِم تہٕ یہِ پانہٕ وٲٹی رلاوٕنک تہٕ اَتھ اَتھ ہیٚوکھوٚرل بناونک مشوٗرہ تہٕ اوس سانہِ وگوہ نماتو دِتیمت ۔ یہِ اوس پنٛزر تہٕ عملہِ منٛز آسون تمدُن اوس اکھ مِثال سون بٲے ہنٛدت اوس بے مِثال ۔ اَزٕ ... اَتھ کُس لرِ پھِرُن لوٗگ سُہ چھُ سارِنے وَیوٗد۔

کٲشُر بٹہٕ آد وُچار کرِنہٕ۔ سُہ گو پننہِ پنٛجہِ پُرنہِ نِشہٕ۔ تس روو پنُن ساسہٕ واد ذرٕیٲہہند مٲلۍ میراث۔ تس رٲو پننی زینہِ جاے۔ پنُن آسُن بسُن تہٕ بار دوس رآوِس۔ جوٚم، اُدھمپور تہٕ ہِنٛدوستانکین بیٚیہ دریہ ... توٚد ... تہٕ۔ موٗل اَلگ موٗج اَلگ بکہِ وبٹہٕ اَکی ہے گرِس منٛز تہٕ تملس ... تس۔ جمہٕ یہِ، ناگراد، سبزار، ود تہٕ شپنہٕ کوہ، بونہٕ شہجار، ویٚرِدار، ژوٗنٛٹھی جاے ... م تم۔ سوہ رَنگ بکین

محدُود۔ مِثالے کلچرل اکادمی ہُند شیرازٕ، سون ادب، کشمیر یونیورسٹی ہُند کاشُر ڈیپارٹمنٹ سالانہٕ انہار، اِطلاعاتکِہ محکمک پراگاش تہٕ ووٕدی آلو، ووٕلرکی ملر، پرتو تہٕ ثقافت بیترِ ریڈیو کشمیر تہٕ دُوردرشن سرینگر چھِ کاشرِس ادبس جان پاٹھی ووٕتھو دِوان تہٕ پھاٗنپھلاوان۔ سوٕ کنہہ ماٗنس رُوزِتھ کاشرِس بٹس ووٕدی ہیٚلہِ سُہ ولواسکس منز ہیٚتہٕ آمُت ادس۔

دِلہِ اندر ہیٚتہٕ مہو ژٕگی ہو وُرِدیو ہیٚتھ تاٗیِم کاشرین بٹن ہنز مظبوط تہٕ مشہور تنظیم چھےٚ کشمیر سمِتی ہیمینگ۔ دفتر کشمیر بھون امر کالونی لاجپت نگر نئی دہلی چھُ۔ یہےٚ تنظیم چھےٚ یِمو ژٕگی ہو وُرِدیو ہیٚتھ اکھ مشہور ریتہٕ وار رِسالہٕ "کوشُر سماچار" کڈان۔ اَمہِ رِسالن ہیٚتہٕ دِلہِ روزن والین سایہٕ وادن بٹن ہنز بیک جہتی تہٕ ایکتا تاٗیِم تھاو تہٕ تھاو اَمہِ رِسالن کاشُر تمدُن تہٕ رسم رِواج تہٕ برقرار۔ یہٕ رِسالہٕ چھُ ترین زبانن اندر نیران تہٕ کاشُر۔ ہندی تہٕ کاشُر حِصہٕ چھُ پنڈت شمبھوناتھ بٹ حلیم صاٗبنس ادارس اندر کران تہٕ پھاٗنپھلان۔ خاصکر آیہِ اتھ منز کاشرِ زبانہِ باپتھ دیوناگری ورتاونہٕ یِپ وِتہٕ۔ حلیم صاٗبن یُس ذِہیت دیوناگری اندر کاشرِ زبانہِ چھُ سُہ چھُ تیکھنس لایکھ۔ حلیم صاٗب چھِ پایہٕ بڑِ شاعر تہٕ اَدیب۔ یِمہٕ ہندی تہٕ پرنس لایکھ آسان۔

"کوشُر سماچار" بنیوو مایگرنٹ اَدیب تہٕ شاعر سُند ذریعہٕ اِظہار۔ اتھ اندر آد ترشوفی زبانن اندر مایگرنٹ [illegible] ہیٚتہٕ تس بل ہیوٚل [illegible] بوو "کاشُر سماچارُک" ایڈیٹوریل بوڑ [illegible] تس [illegible] اقی تاریخن تہٕ شاباتس لاک [illegible] بیٚیمہِ کاشرِس دُبارہ گامتس بٹہٕ شیٚر [illegible]

صِرف ہندوستانس اندر، بلکہ مُلکہ نیبر یوٗرپ، امریکہ، افریقہ، ایشیاکین باقے مُلکن ثرونتھ ماکنہ
کوٗر پیش۔ یو۔ این۔ اوکس اِنسانی حقوٗقن مُتلِق تنظیم نہ آیہ اَمی معرفتہ ہیٹہ سٔنز تباہی تہٕ
بدحالی نِشہٕ زانٛی یاب کرنہٕ۔ ۱۹۹۴، اندر کوٗر جتیمہٕ روزن والیو کاشرِ یود ہٹو یہِ محسوس زِ
زِ لِچھ پیٹھی بیٹھ آسن وٲلِس شہر جتیمس اندر تہٕ گرٕژھ سیاسی، اِقتصادی، سماجی تہٕ مذہبی سرگرمیو
علاوٕ ادبی سرگرمین باوتھ دِنہٕ خاطرٕ اکھ رِسالہٕ یا اخبار ضروٗری آسُن۔ چنانچہ کوٗر کشمیری پنڈت سبھا
اسپلا جموں کیو عہدہ دارو رِسالہٕ کڈنک فٲصلہٕ۔ نادنٛیو ہس کشپ سماچار تہٕ پتہٕ کیبیر سبھوانی
یہِ رِسالہٕ تہٕ چھُ انگریزی، ہندی تہٕ کاشرِ زبانِ اندر باقاعدگی سان چھپان۔ ڈاکٹر رتن لال
رتن لال جوہر تہٕ پروفیسر ایس۔ کے۔ شاہ چھِ امہِ رِسالکی روٗح رواں۔ امہ اندر چھِ
ادبی تحقیقات نیران تہٕ ماجہ زٕبو ہُند بول چھُ بجا یوان۔

اندر بین والیو ہٹو تہٕ چھِ ہنٛن دوجُودنہٕ پٔرزنتھ زِندٕ تھاونہٕ خاطرٕ رِسالہٕ "وِتستا"
پیٹھ چالو کوٗرمُت۔ یہِ چھُ ترٛن زبانن انگریزی، ہندی تہٕ کاشرِس اندر شایع،
چھ یہِ رِسالہٕ تہٕ کاشرِس ادبس زِندٕ تھاوِتھ۔ امہِ سنٛز چھے زبان، ادب،
وٗنیکتام یِمو پنڈت صابو زِندٕ تھاوِمٕژ۔ ہم چھِ مبارکس لایکھ۔ وُنی کین
اِتہٕ امیک دفتر چھُ کشمیر بھون سی۔ کے۔ ۳۵ کرونایی سالٹ
چھ امی
کلکتہ
منثر

آل اِنڈیا کشمیری سماج دِلی ییمکی رِئ ... رجے۔ این۔ کول چھِ چھِ ریتہٕ دار
... تہٕ امیک چارٕ کرنک
رِسالہٕ "..." ... ن۔ یتھ اندر کاشرِس ...
... چھُ یہِ ادبس ژوسلزٕ ... انگریزیس منثرے یوت

چھپان۔ مگر یِتھ امیک ایڈیٹر پنڈت امکار کاچرو بنیوو۔ تہٕ اوّن اتھ اندر ہیندِ کانہہ کاشُرِ
رِسالُک دفتر چھُ ڈی -۹۰ سروجنی نگر نوِ دلِہ۔ دہلی اندر چھُہ بھگوان گوپی ناتھ ٹرسٹ
ہمیوش انہٕ کلیو نما منشر چھُ یہِ ٹرسٹ۔ اکھ "پنتر کا" ناوُک رِسالہٕ کڈان۔ یتھ اندر بھگوان
گوپی ناتھ جیس مُتعلق مظمون، نظم تہٕ لیلایہٕ نیران چھے۔ یہٕ تہٕ چھُ انگریزی، ہندی
تہٕ کاشرس منزٕ نیران۔

جمی چھ شری پیارے لال ہتاش پُرزنتھ ناوُک رِسالہٕ کڈان۔ ونیکتام ڈلایہ
اُہکی زٕ شمارٕ۔ یہٕ چھُ صرف کاشرس اندر نیران ییتھ یاتھٕ چھ ہتاش صاب پننہٕ [illegible]
ینٕ لول بران تہٕ اتھ سگہٕ ناوان یُس قابلِ تاریف قدم چھُ۔

پنڈت پریم ناتھ شاستری ہم زن کشیر ہندی بڈ پایکہ جیوتشی [illegible]
چھ، چھُ سالانہ وِجیشور ناوٕچ جنتری ہیندِ یس اوّرٕ وہس تہٕ دوہ [illegible]
اندر تہٕ چھاپ کران۔ یہٕ جنتری چھے سون ورش، ورشہ پھل [illegible] ویتہٕ سورے
سانہٕ دوہ وِشکہٕ کرمہ کانڈ یاتھ اکھ اہم دستاویز آسان یس پرتھ بٹ [illegible]
چھے۔ اتھ تر چھ پاٹھ پوزا تہٕ کاشر لیلایہٕ تہٕ شامل آسان۔ سا [illegible]
ہند سانین سنتن تہٕ سادن ہندی زنم تہٕ سوہ رگہ واس [illegible]
اتھ جنتری اندر ہو بہو دیتھ۔ یہٕ چھے شاستری صابن اکھ بڈ دین
سماجس۔ یہٕ جنتری چھ واریاہ [illegible] نام بٹن [illegible] ریواج تہٕ [illegible]
ہمو [illegible] چھ مرکز [illegible] تس [illegible] اندر رِسالہٕ تہٕ کاشرس [illegible]
دِوان۔ اتھ اندر چھ کاشرس [illegible]

فن پارٕ شایع سپدان۔ اتھ رِسالس اندر چھُ اَہِنس اندر درج تہٕ منظوم تمام زبانن ہِنٛدی ترجمہٕ نیران۔ یہِ چھُ جان تہٕ مشہور رِسالہٕ۔ امہِ علاوٕ چھ باقے شہر وٕ بیٚیٹھ تہٕ ہٮ۪وٚدسی رِسالہٕ نیران۔

کشمیری بھاشا و سنسکرتی پرتشٹھان جموں آو کینہہ وری برونہہ جموس اندر قایم کرنہٕ۔ یہٕ چھُ کأشر زبأنۍ تہٕ کلچرس ووتھبو دِنہٕ باپتھ قایم آمت کرنہٕ لہذا چھُ یہِ پرتھ وری کأشرین بڈین ادیبن ہِنٛدی خاص خاص فن پارٕ "ستی سر" ...ی کِتابی صورتس اندر شایع کران۔ یُہُس دِرایہ امہِ کِتابہٕ ہِنٛدی زٕ شمارٕ۔ اکھ ...س اندر تہٕ اکھ نظمس اندر۔ رسم خط چھُس نستعلیق تھاونہٕ آمُت۔ یُتھ زن ...پرنا وأنۍ ادیب تہٕ قلم کار اتھ یہِ آسأنی سان پرتھ ہیکن تہٕ وِستھارتھ ...ط پیٚتھ راے قایم کرن۔ اتھ تنظیمس چھِ جیٚیمہٕ تہٕ ادھمپور رودزن ...ند بڈٕ شاعر تہٕ ادیب وابستہٕ۔ یہٕ تنظیم چھ سیمنار، کانفرنسہٕ تہٕ تقریبہٕ منعقد کران تہٕ کأشر زبأنۍ تہٕ ادبس ترقی ہیٚنز وتہٕ پیٚٹھ پکنس دادرس ...

دُنیم رِسالہٕ تہٕ جریدہٕ ہرگاہ بےگر لکھارین آیتن روزہن نہٕ ...کھ تہٕ یمو منز یمن نیرن ہیو وانہٕ ہے تہٕ ملکس اندر تہٕ بیرونی ... یتھ منظومس اندر یمن بےگر لکھارین ... واد لوکن ... ساسہٕ واد ... تاہم کرہٕ تم مثالہٕ پیش یمو ستر ... تخلیقن ہنٛد ملکس ... ہر ... بلس تمن ... م کاسہٕ پاس لگہٕ۔

ماجہِ کٲشِرِ نِش ژھینہٕ گومُت شاعِر چُھ وِہلاکھ دِوان وَنان سہ

ہہٕ زٕہل ترادان وُچھتھ کرژٕیے

سوہ پینہٕ مِتٕریتہٕ ژٕے چھیے میاَنی دٕیے

بیتہٕ پوٚت زوٗنہِ چھیے ہہٕ کیتہٕ دوٗر

میٚے کر ماَج گگہٕ ہٕشرِیس گور



(مرحوم جانکی ناتھ کول کمل)

گرِیج دگ للوان چھُ شاعِر وَنان نِرگرادن گو زِندے ژینتایہ کھُسن۔

گرِ چھُ اکھ اِحساس اکھ باس پاہٕ نیارُک سوہ کھ صدر

کھُلہٕ ڈلہِ اظہارُک زگتھ گرِ راوُن گوزِندے ژینتایہِ کھُسن

نتہٕ قبرِمنزِ ڈاپھ ژھُنن گرِ اَیچ قدر زانن تم

یِمن گرِ آسہِ رووُمُت

(موتی لال ساد

ماجہِ کٲشِرِ اگادِ گاہٕ شِدت پسندی پیٹھ چھُ شاعِر وَنان

ژاَری ژاَری ماَرِکھ کوٗرکھ لوٗٹھ مار

شُرِین تہٕ بڈین ہُند اکھ نو عار

سِنس پیٹھ نہاَو کرِگن تہٕ شمش

کوٗت گیہٕ

تس

۲۔ چھلہِ چھانگرِ لوٗگکھ نہٕ
پٔران ثراونس نہٕ گٔیہِ جابہِ سکامن
نہٕ امہِ چھوکہٕ رُوزہٕ ے ہٕنہٕ دوہ تلن ثرانٛتھ
بٔنن دار ادٕیے دٔور روٗدور

(سائل)

ارجن دیو مجبورؔ صاب چھُ بیمہِ آبہِ بٹن پیٹھ ژستھ آمتِس پرٛیس پیٹھ وادیلا
وِجہِ وادن ژلہِ وِنی طوٗفانن — گِہِٹہ سکارکی مارہٕ کی ہتھ کٕنتھ
رنگہٕ رادن پادن نال دٔوٗلن — دوہ دِچادِتھ گوٗ خوٗنخوار سیٹھا
گٔلی تیٛہرِ بن اُدٕ دنھوار کوٗرنا — دٕتھر وٕتھر کٕھتی آکاشلو کٕت...
مجبورؔ صائبس چھےٚ پٔرھ زِنارس بنہٕ گُلزار — نہٕ کھٹ کوٗش زُنہِ...
خابہٕ مٔنزی دوہ ٹھ گٔڈِتھ سپنہِ بیدار
یٔز پٔرز نتھ پادِ ثھر
یٔتھ زِنارس پھولِن گٔل نہٕ گُلزار نٔوی
بوٗنہِ شیٛہجار مُشکادِ کُلِ عالمس
...پیارے ہتا آتش چھُ نالہِ دِوان ۔
اسہِ بالیو نیب نِشانے ...
تھلہِ تھلہِ یتھ اوسُس وٲنہٕ وُچھا

جیٖمہِ چھُ تس سوٗرے ڈُدون باسان تۄے چھُ ونان۔

نظر نظر ڈہان سیٖکہِ شاٹھ	طرف طرف زوان سیٖکہِ شاٹھ

جواہر لال سرٗور چھ گرٛ بار شرادنس بیٖمہِ آیہِ ژہنٛھ دوان زِ کنھ صراوس منٛز واتی۔

گرٛ شرأدِتھ برٛ ڈُتھی تھأوِتھ	أسی آمتۍ روزنہٕ کور

منٛز ہمان از دفناوِتھ	أسی آمتۍ روزنہٕ کور

رتن لال جوہر چھُ منٛتس لأگِتھ بٹس مشورٕ دِوان۔

دوہ لۍ منتہٕ نیٖرو

راتس پھیرو

ٹُکہٕ ہر مارے نام کرو

...شہر گام کرو

...یہ لیہ سہ کنھ فرماد کھ۔ پوٗز مانے

...ژھِکھ ڈیڈِ نیٖبرۍ کنۍ نیرا ران؟ اتھ چھُ أندرۍ کنۍ منافق ہنٛد سمتے ادت

...رین لوٗرٕ صلاح ـــ ـــ

...شل۔ یارل نتہٕ گل

...ڈلس یاد کران تس آش دِوان زِ أسی رلو بیٖیہِ تہٕ چھاوو نشاط

...ارت

...گوڈ...

...شر...

بیٹیہ اگو اسی سو ثنتہ واوپ کی ڈُوری زن
ڈل دَندیو باغ نسیمچہ بو ننہ نل
تھَغ ڈل گواہ سو ہنہ لاآنکھ گواہ
روہ پہ لاآنکھ گواہ ڈکشم گواہ
وہنم گواہ ملہ باے گواہ
در گہنک یازبل گواہ

یوّد بَرَڑھ بہی نہ ڑیے
سُنی یاسی بال کر شنا چھے گواہ

ثرلوکی ناتھ در کند ثنا چھو انسانہ ہندِ از کالک رِ پ یُس بٹس ہنڈ آو بیٹیم آر
شرا کہ ثلان تے گول بران چھے برباد ی ہنڈ بوڈ سامانا
لاران ژھاین مادان بابن زنتہ اثان چھس پر کرتو ر
مُشتھ گڑھان چھس پننے اگر مُشتھ گڑھان چھس بہ تہ انسانا
ثزار کیس ننندِ ریشس (علمدارس) کُن فری یاد کران چھ ارجن ناتھ
ثزار وآنتھ ماگژھن اسہ ثر آثنی چانہ آستانکی
اسی ما راوو واوہ لین منز اسہ باراو بیچان پننی
امہ شرود میراثچ
پارہ لگے اسہ تاری منز
پنتھ گاشہ پتھاریش تاری

بچہ کینژھا کاشُر نوتہٕ یگاہ گیٚیت
پأرِہو لگے رٕبیشی ٹأری ٹرر

وُڈُو نظمہِ اَندر چھُ بال کرشن سنیأسی خیالن ہٕنٛز وُڈُو مٕنٛز دِلن ہُنٛد مل تہٕ نفرت دۄر کرنٕک بیرادٕ کران وٕنان۔

وسہٕ تہٕ رۄد راٹھ بہٕ
ژھیتہٕ گژھَن تیٚوٚنگل وٚلیٚونگل
بہٕ وینگلہٕ شیٖن جوٚ یہ ہٕن
بہٕ کاسہٕ مل دِلن کوٚلن
تہٕ وسہٕ بہٕ یارٕ بل چھلن
...آو گرزٕ بہٕ سازٕ دِزٕ
...کرکھ بہٕ سۄرٕ
...م
...سپنہٕ دارٕ وُزٕ ملن
...کر وُڈُو بہٕ کر

...شاعرِ حفرانن ہُنٛد کلامہٕ کأشُر سماچار س، کھیر بھوأنی اَندر ۱۹۹۰ ہیٚبہٕ ژ اَزتام چھپیومُت یُس سۄرٕے ہکو نہ یتھ...تن شأ... ...نھ منگان۔

...کو نگام کیٚس شری پریم ناتھ ...کأشُر منظوُم ترجمہٕ سِلسِلہٕ دار۔

آیہٕ چھاپ سپدِتھ سماچارس اندر ۔ رتن لال جوہر سُند "سونچہٕ ڈمراو" بیتر نہٕ چھِ تھدِ پایکی افسانہٕ۔ پُشکر بھان پنٛدۍ "خدمتھ گیہٕ عزتھ" تہٕ "ییٚپے رٕوچھم تُسی نش رچھتم خہ دالیو" بیتر پزر لۆکو نہٕ پیٛو کھ تہٕنٛد ہیٛاہ سیریز ڈراما یاد یم ریڈیو کشمیر پیٹھ واریاہ کال برونٛہہ نشر سپدۍ۔ پرتھوی ناتھ بٹ سُند میٛون لوکچار، یادِ پٕھیٛر نہٕ ڈراو سِلسِلہٕ وار کاشرِس سماچارس اندر۔ امہِ علاوٕ ڈراو مجبور مائن سِلسِلہٕ وار مظمون کشیرِ پیٹھ یتھ اندر تمو تمہٕ ساری عظیم اہم فلسفی اٲدیب شاعر وغاٛرٕ ویژھناوۍ یمہٕنٛد دیٛت کاشرین دٔفی یہس اندر کلہٕ تھوٚد تُلمتہٕ کیٛتہٕ کرناوان چھُو۔ نثرس اندر بیٛیہٕ مِثالہٕ دِنہٕ ہیٚکو لیہ یہٕ مظمون طوٗل نہٕ بنہِ گژھی۔ بہتر چھُو زِ پیرن وٲلۍ تہٕ ژھانٛڈ۔ یہٕ کتھ چھِ بڈ حوصلہٕ افزاہِ زِ نوی نوی لیکھارۍ چھِ اتھ وتہٕ اندر شاٲمِل گژھتھ ...ذر بخشان۔ اَتھ پزٕ نہٕ کاشُر مُشراوٗن بلکہِ اتھ دوہہ پتہٕ دوہہ لول بڑن۔ اتھ لتھ ...رگرُن۔ سانہِ نوٚیہٕ گژھ یہٕ کتھ یاد تھاوٕنۍ یوٚت تام تہم کاشرِس لُکرتھ ...یچھن تٕیلی روزِ کاشُر زبان کوشُر قوم تہٕ کاشُر اَدب زِنٛدہٕ۔

دار سا...

چھ پوٚرٕ دوہہ میٖدنہٕ جلا وطن گژھن ییٚس اَمہٕ نوٚو حوصلہٕ تہٕ ہیمتھ دِژ سع کیہ ...ہُنٛد مُستقبل روشن سٕے قوم چھِ زِنٛدہٕ روزان ییٚس پنٕنۍ کوٚٹھین پیٹھ ...سہِ تھوٚد کھ پنہٕ کہنی نہٕ پیر۔ اَسہِ وٲلۍ کھ آکاشہٕ تہٕ زمینس پیٹھ ...ھنک ...یملو وِیِن پان۔ مٲج کٲشُر نہٕ نُراوون تہٕ نہٕ مُشراوون۔ لیکھے چھے ...کال۔ زیٖشہ وارٕ ہِنٛدۍ زیٖشر دِن ادہٕ کیٚس ...کاشرِس اَدیس بوعہٕ بننہٕ خوٗنہٕ ستی ...لہن، کیمسندر، ابھنوگپت لل دید اُنٛدہٕ ...گوہ ڈ ...شر ...ستہ گوٚژھ ... زِ۔

پنٛژہس وٕہرِس دوران سپُد کٲشر زبٲنۍ منٛز سٹھاہ کیٛنہہ تخلیق۔ صاف چھُ ظاہر زِ یمن وٕرِین ہُند ادب چھُ تمن سیاسی تہٕ سماجی حالاتن ہٕتۍ واتھ نٕہادان یم اندٕ یکھ رونما ہیٚوٚکہ۔ اتھ منٛز چھُ یمن حالاتن ہُند گمبھیر بُلیس امہِ کیس ہنرٕس تہٕ اِظہارٕچ ثرایہ منٛز تہٕ کنن گژھان چھُ ----------

"ستی سر کِتٲبی سِلسِلہٕ چھاپُن چھُ "سمپرتی" ہُند اکھ بوٚڈ مقصد۔ یتھ زبٲنۍ تہٕ اَدبُک بہٕ کل سوٚرتہٕ پٔیہِ کیٛتو تہٕ سیاسی دکہٕ لگرتن۔ بییہ پیتہٕ زِ وادی منٛز لیکھنہٕ ییٛنہٕ وٲلیس اَدبس پٮ۪ٹھ پر۔ تہٕ سپدِ یتھ پٮ۪ٹھ پگاہ کُنہِ وزِ کاشہِ نقاد یِہ وننہٕ زِ ۱۹۹۰ء کیو حالاتو پتہٕ رُوز کٲشرِس اَدبس اندر کھوٚیا ژھور بُس تِم اُدیب پورِتھ ہیٚکہٕ ہنٛ یِم نمبر آسی ----------